


# کأشِرۍ حمدٕ تہٕ مُناجات

ترتیب وتالیف

گلزار احمد راتھر

# کأشِرۍ
# حمدتہٕ مُناجات

ترتیب وتالیف

گُلزار احمد راتھر



ساہتیہ اکادمی

**Kaashir Hamud te Munajaat** : An anthology of Kashmiri Hamd and Munajat, compiled and edited by Gulzar Ahmad Rather. Sahitya Akademi, New Delhi (2015), Rs. 325.

گوڈنیک چھاپ: 2015



ساہتیہ اکادمی

صدر دفتر:

رویندر بھون 35، فیروز شاہ روڈ، نئی دِلّی 110001

سیلز آفس: سواتی مندر مارگ، نئی دلّی 110001

علاقائی دفتر:

4، ڈی ایل خاں روڈ، کولکاتا 700025

172، ممبئی مراٹھی سنگھرالے مارگ، دادر، ممبئی 400014

سینٹرل کالج کیمپس، ڈاکٹر بی۔آر۔ امبیڈکر ویدھی، بنگلور 560001

مین بلڈنگ، گونا بلڈنگس (دوسری منزل)، (304)443، انا سلائی تینم پیٹ چینئی 600018

مول: 325 روپے

ISBN : 978-81-260-4644-7

Website : www.sahitya-akademi.gov.in

کمپیوٹر کمپوزنگ: ولی دارالکتابیات، پنپر، کشمیر

مطبع: وکاس کمپیوٹر اینڈ پرنٹرس، دہلی 32

# ترتیب

# پیشِ گُفتار

حمد چُھ عربی زبانٕ ہُند لفظ تہٕ معنی چُھس تعریف[1]۔ کُنہٕ کُنہٕ چھِ اَتھ معنی یس منٛز مدح، شُکر تہٕ ثنا[2] لفظ تہِ ورتاونہٕ یوان۔ کاشرِ ڈکشنری منٛز چھ ''حمد'' لفظُک معنی جاےٚ گَنٛز رٕنۍ، تعریف کرٕنۍ، خدایہٕ سٕندی تعریف کرٕنۍ، خدایس کُن شُکر کرُن بیترِ ہاونہٕ آمُت[3]۔ اُردو کشمیری فرہنگس منٛز چھ حمد 'لفظُک معنی خدایہٕ سٕندی گون یا تعریف کرٕنۍ، دیہ سُنٛد تھزر تہٕ بجر بیان کرُن[4]۔ مختلف عربی تہٕ فارسی ڈکشنری ین منٛز چُھ اَمہِ لفظُک معنی بٲری تعالیٰ سٕندی تعریف ہاونہٕ آمُت[5]۔

اصطلاحس منٛز چھ ''حمد'' تتھ منظوم کلامس ونان یتھ منٛز بٲری تعالیٰ سٕندی تعریف کرنہٕ آسن آمٕژ۔ شمیم احمد چُھ ''حمد'' صنفہِ ہٕندی تعریف یتھ پٲٹھۍ کران:

''حمد: ایسے اشعار جو اللہ تعالیٰ کی تعریف میں رقم کیے جائیں۔ یہ الگ نظم یا قصیدے کی شکل میں بھی ہو سکتے ہیں اور کسی نظم کا حصہ بھی ہو سکتے ہیں۔ نظم کا حصہ ہونے کی صورت میں (اور خاص کر مثنوی میں) یہ اشعار ہمیشہ سب سے پہلے آتے ہیں[6]۔''

یتھے پٲٹھۍ چھ نشاط انصاری تہِ لِکھان:

''یتھ منظوم کلامس اندر بٲری تعالیٰ سٕنٛز تعریف وتوصیف بیان کرنہٕ ییہٕ، سُہ گوٚو حمد۔ امیُک لغوی معنی چُھ تعریف کرٕنۍ، سو تہٕ معبوٗدِ برحق سٕنٛزے یٲژ یعنی دیہٕ خاص سٕنٛز بُزرگی، عظمت، کبریٲیی، یکتٲیی تھزر، بجر تہٕ بندن رزق عطا کرنہٕ باپتھ تُسنٛد

حمدٕ تہٕ شُکر کرُن چھ حمدِ کِس زمرس منز یوان[7]۔

## مُناجات:

مُناجات تہِ چھُ عربی زبانٕی ہُنٛدُ لفظ یَمیُک معنی کنس تل سِر پاٹھی کُنہِ کتھِ ہنٛز باوَتھ کرٕنی چھےٚ۔ کاشُر ڈکشنری منز چھ مناجات لفظُک معنی سو نظم یتھ اندر خدایہِ سُند حمد تہٕ دُعا بیتر لِکھنہٕ ییہِ[8]۔ اُردو کشمیری فرہنگس منز چھُ مناجاتُک معنی آہی، عرضی تہٕ دُعاونہٕ علاوٕ سو نظم یتھ اندر خدایہِ سٕنٛدی تعریف کرِتھ پٔنٛنی عاجزی بیان ییہِ کرنہٕ[9]۔ فیروز الغات تہٕ ذخیرہ سعادت کِس دوٚیمِس حِصس منز تہِ چھُ مناجاتس یوٚ ہے معنی دِنہٕ آمُت:

"سرگوشی کرنا، کان میں بات کہنا، مجازاً اللہ کی بارگاہ میں ایسے دُعا کرنا جیسے کسی کو حاضر اور روبرو دیکھ کر باتیں کی جاتی ہیں۔ کسی کے ساتھ راز و نیاز کرنا، اللہ کے ساتھ راز و نیاز کرنا، ایک دوسرے کے اندرونی عقاید کا پتہ لگانا، اللہ تعالیٰ کی بارگاہ میں عرضِ نیاز اور التجا اور درخواست۔ اللہ کی بارگاہ میں راز گوئی[10]۔

اصطلاحس منز چھےٚ مناجات سو نظم یتھ منز عظمتہٕ وول خدا حاضر ناظر زانِتھ، تٔمس تتھہِ پاٹھی دُعا منگنہٕ ییہِ، زن تہٕ دُعا کرُن وول تس ستی ہمکلام آسہِ۔

حُمد تہٕ مُناجات چھِ عقیدتی شاعری ہنٛز زٕ موضوعی صِنفہٕ۔ یمن منز اِسلامی عقاید و مطابق اللہ تعالیٰ سُند تھزر تہٕ بجر یا حمد و ثنا باونہٕ چھُ یوان۔ تٔمی سٕنٛدِس حضورس منز پٔنٛنی ظاہری تہٕ پوشید راز، دگ، دود تہٕ مُشکلات پیش کرنہٕ چھِ یوان تہٕ مُصیبتو، غمو دکھو نِش خلاصی تہٕ نجات طلبی خاطرٕ دُعا منگنہٕ چھُ یوان۔

قرآنِ مجید نازِل سپدنس ستی وۄتھ عربس منز حمد و مناجات لِکھنٕچ روایَژ باضابطہٕ

پأٹھی دس، تِکیاز قرآنِ شریف چھُ "اُم القرآن" ءستی شروع سپدان یُس ستن آیاتن پیٹھ مشتمل چھُ۔ اَتھ چھِ "السّبع المثانی" تہٕ "الشِّفآء" تہِ ونان۔ یم ستوے آیات چھِ حمد و مُناجاتکی اکھ بالترتیب میُل۔ اَتھ چھِ ز حصہٕ۔ گوڈنیُک حصہٕ چھُ حمدٕ تہٕ دوٚیم حِصہٕ مناجات۔

حمدُک حِصہٕ:

بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمُ

(شروع چھُس کران اللہ تعالیٰ سٕندِ ناوٕ ستی یُس سٮ۪ٹھاہ رحم کرن وول تہٕ بوٚڈ مہربان چھُ)

اَلۡحَمۡدُ لِلّٰهِ رَبِّ الۡعٰلَمِيۡنَ○

(سأری تعریف تہٕ ثنا پزن تٔسی اللہ تعالیٰ ہس یُس سارِنے عالمن ہُند پالن ہار چھُ)

الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ○

(یُس سٮ۪ٹھاہ رحم کرن وول تہٕ بوٚڈ مہربان چھُ)

مٰلِكِ يَوۡمِ الدِّيۡنِ○

(یُس جزہٕکہِ دُہک مألِک چھُ)

اِيَّاكَ نَعۡبُدُ○

(أسی چھِ چأنی یوت بندگی کران)

مناجاتُک حِصہٕ:

وَاِيَّاكَ نَسۡتَعِيۡنُ○

(بیٚیہ چھی ژےٚ یوت یأری تہٕ مدد منگان)

اِهْدِنَا الصِّرَاطَ الْمُسْتَقِيمَ ۝

(اَسہِ ہاوسیٚز وتھ)

صِرَاطَ الَّذِينَ اَنْعَمْتَ عَلَيْهِمْ ۵ غَيْرِ الْمَغْضُوبِ عَلَيْهِمْ وَلَا الضَّآلِّينَ ۝

(تِمن لۄکن ہنٛز وتھ یِمن پیٹھ ژےٚ انعام کۆرُتھ۔ تِمن لۄکن ہنٛز وتھ نہٕ کیٛنٛہہ یِمن پیٹھ ژےٚ غضب نأزِل کۆرُتھ۔ بیٚیہ نہ تِہنٛز وتھ یِم وتہٕ ڈٕلی)

اَمہِ علاوٕ چھہٕ قرآنِ مجیدس تہٕ احادیث پاکن منٛز تہِ کہِ یا جاین حمد و مناجاتکۍ نمونہٕ نظرِ گژھان۔ سوره بنی اسرائیل کِس أخری آیتس منٛز چھہ اللہ تعالیٰ حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلمن کُن مخاطب سپدِتھ فرماوان:

وَقُلِ الْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِي لَمْ يَتَّخِذْ وَلَدًا وَّلَمْ يَكُنْ لَّهٗ شَرِيْكٌ فِي الْمُلْكِ وَلَمْ يَكُنْ لَّهٗ وَلِيٌّ مِّنَ الذُّلِّ وَكَبِّرْهُ تَكْبِيْرًا ۝

ترجمہٕ: بیٚیہ کٔرِو حمد اللہ تعالیٰ سٕنٛدی تعریف بیان تِمس اللہ تعالیٰ سٕنٛدِ خاطرِ یٚمس نہٕ کانٛہہ اولاد چھہٕ تہٕ نہ چھہٕ تٔمی سٕنٛزِ بادشأہی منٛز تِمس کانٛہہ اکھا شریک تہٕ نہ چھُ سُہ تیٚوٗت کمزور زِ تِمس آسہِ کانٛہہ مدد کرن وول، تٔھی روٗزِو تٔمی سٕنٛدٕ ے بجر بیان کران۔

تِتھے پأٹھی چھُ سوره اِخلاص تہٕ اللہ تعالیٰ سُنٛد کٔنٛبر تہٕ رتہٕ بجر بیان کران:

قُلْ هُوَ اللّٰهُ اَحَدٌ ۝ اَللّٰهُ الصَّمَدُ ۝ لَمْ يَلِدْ وَلَمْ يُوْلَدْ ۝ وَلَمْ يَكُنْ لَّهٗ كُفُوًا اَحَدٌ ۝

ترجمہ: فرمأوِی ہؤ کھ (اے پیغمبر صلی اللہ علیہِ وسلم) اَللہ تعالیٰ چھُ کُن (ذاتہٕ کنۍ تہٕ صفتو کنۍ تہٕ)o (اللہ تعالیٰ) سُہ چھُ بے نیازo نہ زاس کانٛہہ نہ زاو کأنسہِ o تہٕ نہ چھُ کانٛہہ تِمس ہمسر یا برابرo

مُناجاتس یا دُعاہس چھُ اللہ تعالیٰ ہن تھزر تہٕ بجر بخُش مُت۔ پرٕ بتھ کأنسہِ مُرسلن، بیٚلہِ سُہ کُنہِ آزمأیشہِ منٛز ہینہٕ آو، پرٕ وو دُعا کرنہٕ ستی نجات۔ دُعاہچ اہمیت تہٕ افأدیت مدِ نظر تھأوِتھ چھُ اللہ تعالیٰ سورہ مومن کِس آیت نمبر شیٹھس (۶۰) منٛز فرماوان:

اُدْعُوْنِیٓ اَسْتَجِبْ لَکُمْ۔

ترجمہٕ: تُہۍ منگِو بہٕ کرٕ تُہند دُعا قبول۔ سورۂ اعراف کِس پنٛژ وُنژٕہمس (۵۵) آیتس منٛز تہِ چھُ اللہ تعالیٰ فرماوان:

اُدْعُوْا رَبَّکُمْ تَضَرُّعًا وَّخُفْیَةً ط اِنَّهٗ لَایُحِبُّ الْمُعْتَدِیْنَ.

ترجمہٕ: پننِس پروردگارس أسِو عأجزی سان، بیٚیہِ کھٕٹِتھ پأٹھۍ دُعا منگان۔ پزۍ پأٹھۍ سُہ چھُنہٕ حدٕ ڈلن والین ٹوٹھ تھاوان۔

تِتھے پأٹھۍ چھُ سورہ البقرہ کِس اکہ ہتھ شیٛشیٹھ مس (۱۸۶) آیتس منٛز اللہ تعالیٰ رسولِ پاک صلی اللہ علیہِ وسلمن کُن مخأطب سپدِتھ فرماوان:

وَاِذَا سَاَلَکَ عِبَادِیْ عَنِّیْ فَاِنِّیْ قَرِیْبٌ ط اُجِیْبُ دَعْوَةَ الدَّاعِ.

ترجمہٕ: بیٚیہِ بیٚلہِ توہہِ میأنۍ بندٕ مےٚ متعلق سوال کرن تُہۍ فرمأوِو ہؤ کھ بہٕ چھس سیٹھاہ نزدیک، بہٕ چھس پرٕ بتھ کأنسہِ آلو کرن وألی سٕندِس آلوس، بیٚلہِ سُہ مےٚ نادلایہِ، اجابت کران۔

مُناجات یا دُعا چھُ عباداتن ہنز گوٗج تہٕ اَمہِ ستی چھُ قومن تہٕ اُمتن ہُند تقدیر بدلیومُت۔ حضرتِ اِنسؓ چھ ترمذی ہِندِ حوالہٕ روایت کران زِ فرموو رسول اللہ صلی اللہ علَیہٖ وَسلمن:

اَلدُّعاءُ مُخُّ العِبادَۃِ

ترجمہ: دُعا چھُ عبادژ گوٗج۔

عربس منز اوس آدن کالہٕ پیٹھے شعر فہمی تہٕ شعر گوئی ہُند فن عروجس پیٹھ۔ اَتہٕ اَس شاعرن سٹھاہ قدر کرنہٕ یوان۔ قرآنِ مجید نازل سپدنہٕ پتہٕ کر اکثر شاعرو پننہٕ فحش شاعری ضایہٕ۔ قرآنِ کریمک یہ آیہ۔

وَالشُّعَرَآءُ یَتَّبِعُھُمُ الْغَاوٗن. ۲۲۴ (الشُّعرآءُ)

ترجمہٕ: شاعرن پتہٕ پتہٕ چھِ وَتہٕ ڈلیٖ متی لوٗکھ پکان۔

بوٗزِتھ یوٗ دوے کہِ یا شاعر ہے بنگہٕ گۓ مگر اَمیُک اطلاق اوس نہٕ سارِنے شاعرن پیٹھ تیٚیچ واضح دٔلیل حضرتِ ابوبکر رضی اللہ تعالیٰ عنہُ ہِندِ تمہِ واقعہٕ ستی سپدان چھِ یتھ منز زن تمو پٔنن گوڈنیُک مناجات دربارِ رسالتسؑ منز عاصی تخلُص ورتاوِتھ پیش کوٚر، حضور صلی اللہ علَیہٖ وَسلم سپدی سٹھاہ خوش تہٕ مرحبا کرِتھ وٚنہکھ عاصی بدلہٕ اکبر تخلُص ورتاوُن۔ تِہُند مناجاتُک عربی متن چھُ یتہٕ پاٹھی:

خُذْ بِلُطفِکَ یَا اِلٰھِیْ مَنْ لَّہٗ زَادٌ قَلِیْلٌ
مُفْلِسٌ بِالصِّدْقِ یَأتِیْ عِنْدَ بَابِکَ یَا جَلِیْلٌ

ذَنْبُہٗ ذَنْبٌ عَظِیْمٌ فَاغْفِرِ الذَّنْبَ الْعَظِیْم
اِنَّہٗ شَخْصٌ غَرِیْبٌ مُذْنِبٌ عَبْدٌ ذَلِیْلٌ

مِـنـهُ عِـصيَـانٌ وَّ نِـسيَـانٌ وَّسَـهـوٌ بَـعدَ سَـهـوٍ
مِـنـکَ اِحسَـانٌ وَفَـضـلٌ بَـعـدَ اِعـطَـآءٍ جَـزِيـلٍ

طَـالَ يَـارَبِّـی ذُنُـوبِـی مِثلَ رَمـلٍ لَاتُـعَـدُ
فَـاعـفُ عَـنِـی کُـلَّ ذَنبٍ وَاصـفَـحِ الصَّفحِ الـجَمِيلِ

قُـل لِّـنَـارٍ ابـرِدِی يَـارَبِّ فِـی حَـقِّـی کَـمَـا
قُـلـتَ قُـلـنَـا نَـارُکُـونِـی بَـردًا فِـی حَقِّ الـخَـلِيلِ

عَـافِـنِـی مِـن کُـلِّ دَآءٍ وَاقـضِ عَـنِّـی حَـاجَـتِـی
اِنَّ لِـی قَـلـبًـا سَـقِـيـمًـا اَنـتَ مَـن يَّشفِـی الـعَلِـيلَ

اَنـتَ شَـافِـی اَنـتَ کَـافِـی فِـی مُـهِـمَّـاتِ الاُمُـورِ
اَنـتَ حَسـبِـی اَنـتَ رَبِّـی اَنـتَ لِـی نِعمَ الـوَکِـيـلُ

رَبِّ هَـب لِـی کَـنـزَفَـضـلٍ اَنـتَ وَهَّـابٌ کَـرِيـمٌ
اَعـطِـنِـی مَـافِـی ضَـمِـيـرِی دُلَّـنِـی خَـيـرَ الـدَّلِـيـلِ

کَـيـفَ حَـالِـی مُـلـکـاً کَـبِـيـرًا نَـجِّـنَـا مِـمَّـا نَـخَـافُ
رَبَّـنَـا اِذ اَنـتَ قَـاضٍ وَالـمُـنَـادِی جِـبـرَئِـيـلُ

اَيـنَ مُـوسـیٰ اَيـنَ عِـيـسـیٰ اَيـنَ يَـحـيٰـی اَيـنَ نُـوح
اَنـتَ يَـاصِـدِّيـقُ عَـاصٍ تُـب اِلَـی الـمَـولَـی الـجَـلِـيـلِ

ترجمہٕ: ''اے عظمتہٕ والہِ خدایہِ، کرتہٕ اَتھ روٗٹ تِمَس بندس تیٖمَس وتہٕ خرٕچ نہ آسنس برابر چھُ، یُس مُفلِس چھُ تہٕ چانِس برس پیٹھ نیک نیتی سان پراران چھُ۔

سُہ چھُ بے شک اَکھ بوٚڈ خطا کار، مُفلس، غریب تہٕ ذٔلیل بندٕ۔ ژٕ چھُکھ بخشن ہار۔ گُناہ کرتس معاف۔

أمی ہِندِ طرفہٕ چھِ پھِرِ پھِرِ نافرمأنی، بُل چُک، سہوٕ تہٕ خطا سپدان مگر چون رحمت، احسان تہٕ فضل چھُ جأری۔

أے میانہِ ربّا! بہٕ چھُس یوٗت گونہٕ بٔرتھ زِ سیٚکہِ دانن ماییہِ گرنٕد مگر میانِن گونہن ییہِ نہٕ۔ پس کٔرِ تو میأنی گناہ معاف تہٕ درگذر۔

أے میانہٕ ربّا! فرماوِ نارِ جہنمس یتھ سُہ میانہِ خأطرٕ سرٕد گژھِ ہا۔ یتھٕ پأٹھی حُکم دیُتھ نارس۔ أے نار! ژٕ بَن ابراہیمؑ ہِندِ خأطرٕ ٹھنڈٕ۔

مےٚ رَچھ تہٕ پرٕتھ بمارِ نِش، ہیٚیہٕ کرتم حاجت روأیی۔ بیشک چھُ مےٚ بمار دِل ،ژٕ ے چھُکھ بمارن شفا بخشان۔

ژٕ چھُکھ شفا بخشن وول تہٕ مدد کرن وول۔ ژٕ چھُکھ میانہِ خأطرٕ کأفی۔ ژٕ چھُکھ میٚون پروردگار تہٕ بہترین کارساز۔

أے میانہٕ ربّا! مےٚ کرتہٕ فضل وکرمُک خزانہٕ عطا تکیازِ ژٕ ے چھُکھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ عطا کرن وول۔ ژٕ کرتہٕ میانہٕ دِلکی مُراد پورٕ تہٕ مےٚ کرتہٕ رٕژ رہنمأیی۔

میانہِ خدایا! میون کیا حال آسہِ۔ مےٚ چھنہٕ کانہہ رٕژ عملا ٔبلکہِ چھُم یچھ عملن ہُند انبار۔

اَسہِ (مسلمانن) بخش تہٕ بڈ حُکم اُنی۔ ہیٚیہ اے سانہِ ربّا! اَسہِ یُس خوف و

ہراس سوار چھ گوٚمُت تمہِ نشہِ دِتہٕ موکجار۔ ژٕ چھکھ فأصلہٕ کرن وول تہٕ جبرئیلؑ چھ مُنأدی کرن وول۔

کتہِ چھُ موسیٰؑ، کتہِ چھِ عیسیٰؑ، کتہِ چھُ یحییٰؑ، کتہِ چھُ نوحؑ۔ اَے صدیق رضی اللہ تعالیٰ عنہُ ژٕ چھکھ عاصی لہٰذا کر جاہ وجلال وأ لِس خدایس سٕتۍ بارگاہِ منٛز توبہٕ۔

حضرتِ حسان بنِ ثابت رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ اوس اکھ معتبر تہٕ جلیل القدر نعت گو۔ سُہ چھ شاعرِ دربارِ نبوی ہیوٗ شرف پراوان۔ وَنہٕ چھ یوان زِ رسول پاک صلی اللہ علیہِ وَسلمن چھِ تَس منبرس پیٹھ پانس لرِ جاے دِژمٕژ۔ اَمِس برگزیدٕ تہٕ شانہٕ بڈِس صحابی رسولس مُتعلق چھُ ڈاکٹر عزیز حاجنی لکھان:

''حسان بنِ ثابتؓ، یُس قادر الکلام نعت گو آسنہٕ کِنۍ حضورِ پُر نور صلی اللہ علیہِ وسلمن سٕٹھاہ ٹوٹھ اوس، آو ''شاعرِ دربارِ نبوی'' قرار دِنہٕ۔ یوٚتے یوت نہٕ بلکہِ دِژ ٹاٹھی نبی صلی اللہ علیہِ وَسلمن یمن منبرس پیٹھ پانس لرِ لوٚر جاے۔ یِہنٛدی نعت سپدی سٕٹھاہ مقبول تہٕ یمن ہُند ترجمہٕ چھُ دُنیہچن اکثر بجن زبانن منٛز کرنہٕ آمُت۔ یِہنٛد بن نعتن اندر چھ والہانہٕ عقیدت، خوش یوٗن لول تہٕ فلسفیانہٕ سنہٕ نظرِ گژھان۔

وَشُقَّ لَهٗ مِنِ اسْمِهٖ لِيُجِلَّهٗ

فَذُو الْعَرْشِ مَحْمُوْدٌ وَ هٰذَا مُحَمَّدٌ

(تہنٛدِ شانہٕ تہٕ عظمتہٕ خأطرِ کوڈ ربن پنہٕ ناوٕ منٛز تہنٛد ناو۔ یتھ پأٹھی زِ عرشہٕ وول خدا چھُ محمود تہٕ یہِ چھُ محمدؐ)''[۱۲]

اَمِس جلیل القدر صحأبیس متعلق چھِ روایت [۱۳] زِ اکہِ پھرِ سپدی حضورِ انور

صحأبین کُن مخأطب تہٕ فرموو کھ زِ مخألف کرن والین شأعرن ہنز بے ہودگی چھے وونی حد کھوتہٕ زیادٕ ہُران ۔ توہہِ کوٚر روٚمے مدد تلوارِ ستی ۔ کانٛہہ چھا توہہِ منز سُہ یُس مے زبأنی ستی مدد ہیکہِ کٔرِتھ؟ حسان بن ثابت رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ کوٚر کانٛہہ ژیر لاگنہٕ ورأے عرض حضورٔ بہٕ چھس تیار۔یتھٕ پأٹھی چھ یہ پایہٕ بوٚڈ صحأبی گوڈنیک نعت گوشأعر سٕنز حیثیت پراوان ۔ نعت گوئی ستی ستی اوس یہِ شانہٕ بوٚڈ صحابی حمد و مُناجات تہٕ لکھان ۔ أمی سٕنز حمد یہِ شأعری ہُند نموٗنہٕ چھُ پیشِ خدمت:

وَاَنۡذَرَنَا نَاراً وَ بَشَّرَ جَنَّةً
وَعَلَّمَنَا الۡاِسۡلَام فَاللّٰہَ نَحۡمُد

وَاَنۡتَ اِلٰہَ الۡخَلۡقِ رَبِّیۡ وَ خَالِقِیۡ
بِذَالِکَ مَا عُمِّرۡتُ فِیۡ النَّاسِ اَشۡهَد

تَعَالَیۡتَ رَبَّ النَّاسِ عَنۡ قَوۡلِ مَنۡ دَعَا
سِوَاکَ اِلٰهًا اَنۡتَ اَعۡلٰی وَ اَمۡجَد

لَکَ الۡخَلۡقُ وَالنَّعۡمَآءُ والۡامر کُلُّهٗ
فَـاِیَّاکَ نَسۡتَهۡدِیۡ وَاِیَّاکَ نَعۡبُدُ

ترجمہٕ: ''بیٛیہٕ کھوٚژ ناوِتھ توہہِ أسی جہنمکہِ نارٕ نشہِ تہٕ جنتچ دِژٕو خوشخبری ۔ بیٛیہٕ دِژٕو دینِ اسلامچ تعلیم ۔ اَوٕ کِنی چھِ أسی أے اللہ تُہندٕ ے تعریف وتوصیف کران ۔

بیٛیہٕ أے کُلِ کائناتکہِ معبودٕ! ژٕ چھکھ میون پروردگار تہٕ پأدٕ کرن وول ۔ یوٚت تام زٕ بہٕ لوٗکن منز زند چھس ، بہٕ روزٕ یی ونان ۔

بیٛیہٕ أے تمام لوٗکن ہنٛدِ پروردگارٕ! ژٕ چھکھ تمس شخصہٕ سٕندِ دعوا کھوتہٕ بُلند تہٕ بالا یا بوٚڈ تہٕ تھوٚد یُس ژٕے ورأے بیٛیہٕ کانٛسہٕ معبود سٕنز بندگی کران چھُ ۔ ژٕہی چھو سارِوے

کھوتہٕ بڈٕ تہٕ تھدی۔

سأرِے زُریات پیٚیہِ پرٚتھ کانٛہہ نعمت تہٕ حُکم چھُ دراصل چونٛے لٰہذا چھِ اَسی چانے عبادژٕکی طلب گار۔ پیٚیہِ چھِ اَسی چأنی بندگی کران"

علمی تہٕ ادبی دُنیاہس منٛز چھےٚ فارسی تہٕ بڈٕ بختاوارٕ تہٕ ڈیکھی جَل زبان مانٛنہٕ یوان۔ اتھ زبأنی منٛز چھِ ممتاز شاعرٕ تہٕ ادیب وٕتھی مٕتی۔ یمن منٛز سعدیؔ، شیرازیؔ، عطارؔ، جامیؔ، حافظؔ، رومیؔ بیترِ سرکردٕ چھِ، یمو چھِ باقی اصنافِ سُخن ورتاونس سٟتی حمدو مناجات تہِ لیکھی مٕتی:

حمد بے حد مر خدائے پاک را
آنکہ ایمان داد مشتِ خاک را

سوئے او خصمے کہ تیر انداختہ
پشۂ کارش کفایت ساختہ

آں خداوندے کہ ہنگامِ سحر
کرد قومِ لوطؔ را زیر و زبر

(حمد: خواجہ فریدالدین عطار)

بادشاہا جرم مارا در گزر
ما گنہگار یم و تو آمرزگار

روز و شب اندر معاصی ماندہ ایم
غافل از امر و نواہی ماندہ ایم

رحمت دارم امیدِ از لُطف تو

زانکہ خود فرمودہ ای لاتقنطو

(مناجات: شیخ فریدالدین عطار)

یا الٰہَ العٰلمین بارِ گناہ آوردہ ام

بردرت ایں بار باپشتِ دوتا آوردہ ام

توبہ کردم، توبہ کردم، رحم کُن رحمت نُما

چون بہ درگاہ تو خود را درپنا آوردہ ام

(مناجات، مولانا عبدالرحمان جامیؔ)

اے کریمے کہ از خزانۂ غیب گبرو ترسا وظیفہ خورداری

دوستان را کُجا کُنی محروم توکہ با دُشمنان نظر داری



من بندہ شرمسارم تو رحم کُن رحیما

درفسقِ بے شُمارم تو رحم کُن رحیما

جُرمِ عظیم کردم شرمندہ روے زردم

خود را بتو سُپردم تو رحم کُن رحیما

(مناجات: شیخ سعدی شیرازی)

اکبر و عظم خدائے عالم و آدم صورت خوب آفریدو سیرت زیبا

از در بخشندگی و بندہ نوازی مرغ ہوا را نصیب ماہی دریا

(حمد: شیخ مصلح الدین سعدی)

خدایا رحمت دریائے عام است    ازاں یک قطرہ مارا تمام است
اگر آلائشِ خلقِ گنہگار!    فروشوئی ازاں دریا بہ یکبار

(مناجات: خواجہ نقشبند)

توئی آفرینندہ کائنات!    تو قیوم کونین و قایم بذات
تو باطن ولی درنقابِ ظہور    تو غایب ولیکن بعین حضور
جمالِ تو بالذات ہم چوں جلال    جلال تو خود مندرج درجمال

اُردو زبأنی ہنزن اکثر صنفن ہُند مؤلہٕ آگُر چھُ فارسی زبانٕے۔ اِوَ کنۍ چھ اُردو زبأنی ہنزن شعری تخلیقاتن اندر حمد و مناجاتکی موضوع تہٕ فارسی زبأنی پیٹھے آمتۍ۔ امہٕ زبأنی ہِندۍ یم تصنیفات قدیم کیو وسطی دورٕکی بدس چھِ تمن ہُند آغاز چھُ بأری تعالیٰ سٕندِ حمد وثناتہٕ التجاسٕتۍ کرنہٕ آمُت:

علامہ اقبالؒ

پالتا ہے بیج کو مٹی کی تاریکی میں کون؟
کون دریاؤں کی موجوں سے اُٹھاتا ہے سحاب؟
کون لایا کھینچ کر پچھّم سے بادِ سازگار؟
خاک یہ کس کی ہے، کس کا ہے یہ نوُرِ آفتاب؟
کس نے بھردی موتیوں سے خوشۂ گندم کی جیب؟
موسموں کو کس نے سیکھلائی ہے خوئے انقلاب

(حمد: بالِ جبریل)

لب پہ آتی ہے دُعا بن کے تمنّا میری
زندگی شمع کی صورت ہو خدایا میری
دور دُنیا کا مرے دم سے اندھیرا ہو جائے
ہر جگہ میرے چمکنے سے اُجالا ہو جائے
مرے اللہ! برائی سے بچانا مجھ کو
نیک جو راہ ہو اُس راہ پر چلانا مجھ کو

(مناجات: بانگِ دِرا)

حفیظ جالندھری ہٕندِ حمدُک تہٕ مناجاتُک طرح:

یہ سردوگرم، خشک و تر اُجالا اور تاریکی
نظر آتی ہے سب میں شان اُسی اِک ذاتِ باری کی
وہی ہے کائنات اور اس کی مخلوقات کا خالق
نباتات و جمادات اور حیوانات کا خالق!
وہی خالق ہے دل کا اور دل کے نیک ارادوں کا
وہی مالک ہمارا اور ہمارے باپ دادوں کا

(حمد: شاہنامہ اسلام)

الٰہی! انتہائے عجز کا اقرار کرتا ہوں
خطاء و سہو کا پتلا ہوں، استغفار کرتا ہوں
یہ تیرا فضل ہے بیشک کہ ابتک زندہ ہوں یارب
گذشتہ زندگانی پر بہت شرمندہ ہوں یارب

(مناجات: شاہنامہ اسلام)

آغا حشر کاشمیری:

آہ جاتی ہے فلک پر رحم لانے کے لئے
باد لوہٹ جاودے دوراہ جانے کے لئے
اے دُعا ہاں عرض کر عرشِ الٰہی تھام کے
اے خدا اب پھیردے رُخ گردشِ ایام کے
رحم کر اپنے نہ آئینِ کرم کو بھول جا
ہم تجھے بھولے ہیں لیکن تو نہ ہم کو بھول جا

(مناجات: آغا حشر کاشمیری)

شیخ العالمؒ چھُ کأشِرِ زبأنۍ ہُنٛد گوڈنیُک شاعر۔ تیٚمۍ حمد یہ تہٕ مُناجأتی شرٛ وکھ وٕنۍ مٕتۍ چھِ۔ حض شیخ سُنٛد کلام چھُ قرآنِ مجیدُچ ترجمأنی، یُس پتٕ موٕساڑ وشیٚو ہتوٕ ریو پیٹھ ہیتھے مُشیدن تہٕ دٕہنی اجتماعن منٛز پرنہٕ تہٕ بوزناونہٕ یوان چھُ۔ شیخ صابُن لہجہ چھُ واعظانہٕ، توحیدِ بأری تعالیٰ چھُ تہنٛدِ کلامُک مؤلہٕ موضوع۔ اللہ تعالیٰ وأحد تہٕ شأہد، کُن تہٕ رکیوٗل، ظأہر تہٕ بأطن، اول تہٕ أخر، تھوٚد تہٕ بوٚڈ، خألق تہٕ مألِک، غفار تہٕ قہار، بخشن ہار تہٕ پالن ہار، معبود تہٕ قأدِر زانُن چھُ تہنٛدِس کلامس منٛز جایہِ جایہِ موجوٗد۔

اَکُے خدا ناو چھُس لچھا ذِکرِ رُوس کانہہ کچھا مو
عمر ویندُن اکُے پچھا رزقہ رُوس اکھ مچھا مو



اول تہِ سُے أخر تہِ سُے ندٕ بل ؤستھ مل کأسِو
گُلہِ گنڈِتھ تُسی کُن سرخم اَسِو دِوٚ گُنہٕ دوزجنہٕ نارٕ لَسِو



صأحبہٕ ژےٚ بوٚڈ بُلند کانٛہہ نے   تگہِ ہیٚمے کرِہے ژےٚ اطاعت
بہ یوٚ دزانہٕ ہا دُنیا چھ کینہہ نے   ناتھٕہ دُنٛی ہیچ برہانہٕ برانت



خدا تعالیٰ اوس تہٕ آسے   سُہ ییٚتہٕ آرُت کأنسی نو
نکس دن ہا روزی آسے   أسی تَس ژٕتبِس سُہ اَسہِ نو

حضٕ شیخ ہِندِ کلامُک بیاکھ پاس چھُ مُناجأتی یتھ منٛز بندٕ پنٕنہِ نٕس معبودِ برحقس، تسٕنٛزِ کبریأیی باوٕ ژمنٛز أنتھ عُفوتہٕ درگذر منگان چھُ۔

ییٚتہِ تہِ مےٚ ژےٚ تتہِ مےٚ ژٕےٚ   میٚژےٚ کرتم گُلزار
سأری ترأوِتھ رٚوٹکھ مےٚ ژٕےٚ   مےٚ ژٕبےٚ ہاوتم دیدار



ژےٚ ناوسیکلبن کارن ہیٚمے   مےٚ ژےٚ پرِتھ وَنن دِتم ترانہٕ
بہٕ ژےٚ پانژن وقتن نمے   چھُ ہم ژٕتبِس مہربانہ



شوگہٕ ژلہِ نِرتھ پنجرِ موٚژٕہم   لوٚت لوٚت تُلنم ہا ہا کار
یہِ زُو تتہِ وِلہِ پوٚش زَن ہوٚژٕہم   بار خدایا پاپ نِوار
زُو تہِ اٚوژُھے یون تہِ اٚوژھے   اٚوژُھے ژوک تہٕ أژھے سار
یمن پدن مےٚ وبڑار گوٚژُھے   بار خدایا پاپ نِوار
کھٕژتھ پرٕی زے ژتھ رٕچھی زے   کھٕژتھ دِزے سٕدرس تار
ژےٚ نتہٕ بےکس وٕنتھ گرٕی زے   بار خدایا پاپ نِوار



تتھے پاٹھی چھ شیخ العالمنہ ''گونگل نامہ'' تہٕ ''تتھی ورمے دِتو دِوو'' ہِشہٕ نظمہٕ مُناجاتچ عطر بأگران۔

کأشرِ زبأنی منز وأژ مثنوی صِنف تہِ پٔنژ لوأز ماتھ تہٕ روایژ ہیتھ فارسی پیٹھے۔ بوزوے تہٕ سأنی اکثر شاعرو دِک فارسی تہٕ اُردو مثنوی یو پیٹھٕ موضوع تہٕ مواد یِہہ أنتھ کأشرِس منز نظماوان۔ مثنوی چھے دون قسمن ہنز، اکھ گو ورزمیہ تہٕ بیاکھ بزمیہ۔ دونوے قسمچہِ مثنوی یہ چھِ اکثر حمد و مناجات سٍتی شروع سپدان۔

میر عبداللہ بیہقی (وفات ۱۸۰۷ء) چھُ کأشرِ زبأنی ہُند اہم مثنوی نگار مانِنہٕ یوان۔ سُہ چھُ حضرتِ شیخ العالمسؒ پتہٕ دویم شاعر یٚمی دِینِ اسلام لۆکن تام واتناونہٕ باپتھ کأشر زبان ورتاوس أنی۔ تٚمی لیچھ کأشرِس منز ہدایتی قسمچہٕ مثنوی یہ عقاید تہٕ وقایہ۔ تٚمی پھرِ مولانا فریدالدین عطارسٕنز وفارسی مثنوی یو پیٹھٕ شیخ صنعان، قصہٕ سنگ تراش تہٕ قصہٕ حضرتِ موسیٰؑ بیترِ کأشرِس منز۔ سُہ رُود مسائیلِ دین منظوم کرنس سٍتی سٍتی نعت، حمد تہٕ مناجات تہِ لیکھان:

| | |
|---|---|
| گوڈ کر ربہٕ سٕندِ سٍتی بیان! | یٚمی کۆر پیدا زمین و اسمان |
| دَمہٕ دَمہٕ حمد دَپ تَس رُبَّس | یٚمی زۆن آفتاب دیُت نبس |
| سأری تہندی کار تہٕ بار | سُے چھے مۆمنن بخشن ہار |
| اَسمانہٕ تارک پرٕزلاوان | بُتراٗژ آدم شۆب تھاوان |
| کٔرِ تٚمی پیدا جن و انسان | دِپہٕ تس آسن پرٕزناوان |

(کأشرِ عقیدٕ)

| | |
|---|---|
| دَپہٕ حمدا بو پرٕتھ ساتے | یا کریم کرم کرتو |

چھم کلن چاٗنی دوہ تے راتے        یا کریم کرم کرتو
قیامژ ییلہِ جواب منگن        نٹھ اژہم زبن تہٕ زنگن
گُمہٕ وسان آسہم ہنگن        یا کریم کرم کرتو

(مناجات)

محمود گاٗمی (1763–1855ء) چھُ کاشرِ مثنوی نگارن منز سرِس ماننہٕ یوان۔ تمۍ چھِ داہ مثنوی یہِ لیچھمژ۔ یمو منز لیلیٰ مجنون، شرین خسرو، یوسف زُلیخا تہٕ شیخ صنعان بیتر واریاہ مقبول روزمژ چھے۔ یمہٕ مثنوی پرِتھ چھُنہٕ قاری یس یہنٛدِ ترجمہٕ آسنُک باس لگان بلکہِ چھِ یم طبع زاد باسان۔ یوٚ دوَے زَن محمودن باقی شاعرن ہنٛدی پاٹھی زٲٹھی حمد تہٕ مُناجات چھِنہٕ لیکھی متی مگر پننہٕ پرِتھ کُنہِ مثنوی ہُنٛد دُسلابہٕ چھُن حمدو مناجات ستی کوٚرمُت بامے سُہ کونہٕ چھُ اکِ ہے شعرس پیٹھ مشتمل۔ مثلن

اول حمدا تمِس ییمۍ پاٗدِ کوٚر جان        زمین و آسمان و عشق و عرفان

(شرین خسرو)

حمد بے حد نعتِ احمد ہر صحیفس ابتدا        روز دما سوز عشقُن بوز اے مردِ خدا

(یوسف زلیخا)

حمٗد تس ییمۍ محمد پاٗدِ کوٚرُن        پننے عشقہٕ ستی تس سینہٕ بوٚرُن

(لیلیٰ مجنون)

حمد دَپ تس یُس چھُ اللہ الصمد        لم یلِد، یولد ولم کفواً احد

(منصوٗر نامہ)

یا الٰہی کر اجابت در دُعا        ربّ اِغفرلی ذنوٗبی کُلہا
چھس گدا محتاج اے پادشا        ربّ اِغفرلی ذنوٗبی کُلہا

فرض و سنّت مستحب بی واُجبات | سخت مُشکِل وقتہٕ تم سٲرِم نہٕ ذات
ہاے افسوس تم گیم سٲری قضا | ربّ اِغفرلی ذنوٗبی کُلِہا
منٛدٕ چھومُت آس ژٕ ے کُن بے نوا | عفو کرتم لۄکہ بڈٕ سٲری گناہ
از ترحم چشم رحمت بر کُشا | ربّ اِغفرلی ذنوٗبی کُلِہا

(مناجات)

مقبول شاہ کرالہٕ وأری (1802-1877ء) چُھ اکھ مشہوٗر مثنوی نگار۔ گرٟسی نامہٕ، بہار نامہٕ، پیر نامہٕ، حضرت صأبر سُنٛد قصہٕ تہٕ منصوٗر نامہٕ بیترِ مثنوی یوعلاوٕ چھےٚ کأشرِ زبأنی ہنٛز اہم ترین تہٕ مقبول و مشہور مثنوی گُلریز تہٕ تہندے قلمہٕ دژ اہرٕ۔ گُلریزیٚو دوٚے منظوم تہٕ منثور داستانک کأشُر روٗپ چھ مگر مقبول شاہ کرالہ وأری چھےٚ یہِ تتھ پأٹھی کأشرِس منٛز پھِر ہرٕ زنتہٕ یہِ موٗلہٕ کأشُر قصہٕ چُھ۔ مقبوٗلن تہٕ چُھ لگ بگ پرٛتھ کُنہِ مثنوی ہُنٛد دٕسلابہٕ حمد و مُناجات ہتی کوٚرمُت۔ مثالے گُلریز مثنوی ہُنٛد دٕسلابہٕ چُھ یِمو فارسی حمدیہ شعرو ہتی سپدان۔

خدایا چہرہ اُمید بنماے | درے از حکمتِ جاوید بکشاے
چراغ فکرت طبعم بر افروز | زُبانم در سخن دُر سُفتن آموز
مبدل منظّم را با رطب کُن | زبانم پُر شُکر از نوش لب کُن

(گُلریز)

گرٟسی نامس تہٕ حضرتِ صأبرٕ سٕندِس قصس منٛز چُھ مقبولن سیٚو دتہٕ ساد زبان ورتأوِتھ حمد تہٕ مُناجات لیٚکھ ہتی: مثلن۔

خداوندا ژٕ چھکھ خلّاقِ اخلاق | تھِوتھ سارٕن ژٕ ے بیوٚن بیوٚن خوٗلق اخلاق

أکِس خلقا دِتھ شرِین زبانا   برِتھ علما کوٚرُتھ شایستہ دانا
ژٕ چھکھ محرم پانٕہ سانین دِلن ہُنْد   ژٕ چھکھ حلال سانین مُشکلن ہُنْد

(گریسی نامہٕ)

یا الٰہی چھکھ ژٕ ستارُالعیوب   یا الٰہی چھکھ ژٕ غفار الذنوب
یا الٰہی تاج ایمانُک دزیم   خلعتِ ایماں گنڈِتھ مےٚ نزیم
مغفرت مےٚ کٔرِزِ از بہرِ رسولؐ   نا قبول سُنْد وَنُن تھوسہ قبول
یا الٰہی کرتہٕ مقبولس عطا   تاج ایمانُک بیٚیہٕ بخشُس خطا

(حضرت صأبر)

پیر عزیز اللہ حقأنی (1854-1927ء) چھُ کأشرِ زبأنی ہُنْد بیا کھ ممتاز مثنوی نگار مانہٕ یوان۔ تٔمۍ چھِ الہ پلہٕ اکھ درجن پیٚٹھی مثنوی یہٕ کأشرِس منز پھِرِمٕژ۔ یمن منز دُنہٕ تہٕ واریاہ اچھا پہٕ چھِ۔ ممتاز بے نظیر، قصہٕ بے نظیر بدر مُنیر، گُلبن عشق، گلدستہٕ بے نظیر، چندر بدن، جوہرِ عشق تہٕ ماہروے گُل اندام چھِ أمی سنٛزٕ ستھ مقبول مثنویہِ۔ عبدالاحد آزاد چھُ أمِس مقبول شاہس پتہٕ کأشرِ زبأنی ہُنْد ترکیب گوٚرتہٕ مطلق العنان سخنور مانان۔ پنٕنہِ اکثر مثنوی یہِ چھن حمد و مناجات ستی شروع کرِمٕژ یمن منز سیوٚد، سادٕ تہٕ لوتہٕ واٗے لفظن ہُنْد ورتاو کوٚرمُت چھُن

حُمدا شوٗبی ذاتس   یُس جلوٕ گر کائناتس
یٚمی وٕ پدٕوو عالم تے   یٚمی سپدٕوو آدمؑ تے
موجود و مطلق پانے   ہرجایہِ دِتھ مکانے

(مثنوی چندر بدن)

دِلا کر بنامِ خدا ابتدا    تہُند ابتدا چھُے بلا انتہا
سُہ بے مثل و مانند بے کیف وکم    سُہ خلاق عالم بنور قدم
سُہ قدوس قیوم قایم بذات    چھُ فعال افعال درکائنات

(مثنوی گلدستہ بےنظیر)

مثنوی گُلِ بکاولی چھےٚ کاشرِس منز عبلی شیخ دروبہٕ گامی، علی شاہ ہریل، اسد پرے حاجنی، نعت اللہ پرے تہٕ لسہ خان فدا صاٚبن وٕنی مژ۔ لسہ خان فداہنز مثنوی چھِ یمن سارِنے منز سرِس مانٛنہٕ یوان۔ سارِوے مثنوی نگارو چھِ روایت برقرار تھاوِتھ گُلِ بکاولی ہُند گوڈ حمد و مُناجات ستی ہیوٚتمُت۔ البتہٕ نعمت اللہ پرے ین چھ پنٕنس مناجاتس منز فصیح تہٕ بلیغ زبان ورتاوٕمژ ییلہٕ زَن لسہٕ خانن فارسی زبان ورتاوِتھ حمد نگاری کٕرمژ چھِ۔

ثنا سوئے خداوند تعالیٰ    بنا کردہ جہاں از زیرو بالا
ہویدا کٔری نہٕ ارداہ ساس عالم    کوٚرُن پیدا زِ مشتِ خاک آدم
مقدر تہٕ مدّبر لا و بالا    چھُ صانع صفتِ باری تعالیٰ

محموٗد گامی تہٕ عزیز اللہ حقانی ہِندی پاٹھی چھُ پیر محی الدین مسکین (1827–1916) تہٕ کاشرِ زبانٕ ہُند اکھ مقبول مثنوی نگار ییمی شےٚ لولہٕ مثنوی یہٕ کاشرِس منز پھرِ۔ یمن منز زیبا نگار، ہیرارانجھا، یوسف زلیخا، سوہنی مہینوال، لال مجنون تہٕ چندر بدن قابلِ ذِکر چھِ۔ پنٕنی پرتھ کانٛہہ مثنوی چھَن یا تہٕ حمد باری تعالیٰ ستی شروع کٔرمژ نتہٕ چھُن مُناجات لیکھِتھ اللہ تعالیٰ ہس کُن دعا کوٚرمُت:

اِلاہی رحمتُک بر مُژراوُم    جمالِ شاہدِ مقصود ہاوُم

مشرتھ چھم دِلس رغبت سوئے غیر ڈلتھ از کعبہ چھس لوٗگمت سوئے دیر
زِ قیدِ ماسوا ہا دِم رہائی بعشقِ خویش بخشم آشنائی

(مثنوی زیبا نگار)

حمد تَس ذاتِ پاکس ییٚمۍ دردو عالم زِ خلقتِ خاص کوٚر ایجاد آدم
کوٚرن ییٚمۍ خوشنما تقدیر انسان مسلم در نصیب عشق و عرفان
دِیُتن ییٚمۍ خوبروین حُسنِ دلکش عذار ماہوش خوئے پُر آتش
دِیُتن دُکان عشقُن دزاو بازار بحُسنِ خود سپُن پانے خریدار

(مثنوی سوہنی مہیوال)

کأشرِ بن لولہٕ مثنوی ین ہِندی پأٹھۍ چھُ رزمیہ مثنوی ین منٛز تہٕ کأشرِ شأعرو پنُن کمالِ فن ہووُمت ۔ یوٚ دوٚے زَن رزم نگأری موضوع تہٕ مواد رٕنگۍ اکھ بیوٚن تہٕ بدٕون شعر ذاتھ مانہٕ یوان چھُ مگر فارم چھِ اَتھ منٛز تہٕ سوے یوسہٕ لولہٕ مثنوی ین منٛز ورتاونہٕ آمٕژ چھِ۔ اگر چہ لولہٕ مثنوین ہِندی پأٹھۍ گُنہٕ تہٕ جنگ نامُک داستان موٗلہٕ کأشرِ چھُنہٕ مگر سانو ترجمہٕ کارو چھُ یمن پٔہہ أنۍ مَتین رزمیہ داستانن منٛز کأشر ماحول پأدٕ کرنچ کوٗشش کٔرمٕژ۔ شاہ نامہ فردوسی یُس وہاب پرے حاجنی ین ترجمہٕ کوٚرمُت چھُ تہٕ سام نامہٕ تہٕ خاور نامہٕ یمن امیر شاہ کریری ین کأشرِ وردن لوٗگمت چھُ، چھِ کأشرِس منٛز رزم نگأری ہِندی اعلیٰ نمونہٕ مانہٕ یوان۔ شوٚز تہٕ سادٕ زبان ورتأوِتھ چھُ یمن ہُندِس یاتہٕ حمد بأری تعالیٰ ہِستۍ تُلنہٕ آمُت نتہٕ چھُ رُبّ الکائنات ہِندِس بارگاہس منٛز دُعا کرنہٕ آمُت ۔ مثالے

خدایا ژٕ چھکھ بادشاہِ جہان معین ژٕے چھے آشکارو نہان

چھکھ پاک از شکوہٕ چون و چند ژٕ اوسُکھ تہٕ آسکھ کُنُے اندوند
منزہ زِ آلایش آب و خاک مُبّرا ژٕ از جوہرِ جسمِ پاک
کریمی بلا انتہا لم یزل قدیمی بلا ابتدا از ازل

(شاہنامہ)

خدایا! جہاں دار داور ژٕ چھکھ فرو زندہٕ مہرِ خاور ژٕ چھکھ
ژٕ بے چوٗں خدا چھکھ بذات و صفات ازل تا ابد پانٕہ قایٔم بذات
بقدرت ژٕ چھکھ کارسازِ جہاں کوٗرتھ پأدٕ ژے آشکارو نہاں

(خاور نامہ)

تتھے پأٹھی چھ باقی لولہٕ مثنوی ین تہٕ جنکنا من منزٕ تہٕ حمد گوئی تہٕ مناجات نگأری ہنز روایت از تام چلہٕ وُنی روٗزمٕژ، کینٛہہ کال بروٗنٛہہ چھُ شبیر احمد شبیرن حفیظ جالندھری سُند شاہنامہ اسلام تہٕ فاروق نازکی ین مرزا شوق سنٛز اُردو مثنوی زہرِ عشق کأشرِس منز پھرٕمژٕ یمن ہُند دس تہٕ چھُ دونوٕ یوشاعرو حمدِ بأری تعالیٰ ستی کوٗرمُت ؎

شوبن تعریف سأری تس چھُ کوٗرمُت پأدٕ ییٚمی عالم
جہانس کُن پنُن نأیب بنأوِتھ سوٗز ییٚمی آدمؑ

(شاہنامہ اسلام)

گوڈٕ پرِو حمد رب لامحدود کیازِ بَس سُے چھُ جابجا موجوٗد
سُے چھُ بس سُے چھ جاودأنی زان تس سوےٚ کُل مَن علیہا فان
تس نہٕ ہمشانہٕ کانٛہہ ندیم نہ کانٛہہ سأری حادث چھ قدیم نہ کانٛہہ

(مثنوی ماہ جبین)

کأشرِ مرثی ہُنٛد آدن کال چھُ شہمیری دورِ پیٹھے شروع سپدان۔ ژُک دور چھُ کٔشیرِ منز مرثی ادبُک عروج مانٛنہٕ یوان۔ کلاسیکی مرثین ہٕنٛدی نمونہٕ وُچھِتھ چھ باسان زِ مرثی خاطرٕ اُس نہٕ کانٛہہ گنٛڈِتھ ژ۪ورِتھ ہیئت ضرورت بٔلکہِ اُس یہِ وان لیہِ منز ونہٕ یوان۔ گوڈ کال کِس مرثی ادبس منز چھُ حمد و مناجات وأفر مقدارس منز موجوٗد تکیازِ کلاسیکی مرثی خاطرٕ اوس لأزمی زِ یہِ گژھ حمد نگأری یا مُناجات گوئی ستؠ شروع سپدٕنی۔

یوٚہے وجہ چھ زِ سانہِ کلاسیکی مثنوی نگارو یِمن منز محمد جعفر، خواجہ حسین میر، خواجہ عبداللہ، خواجہ باقر، ملا حکیم عظیم، مُنشی محمد یوسف، مُنشی صفدر، حکیم عبداللہ، سید رضا بیترِ چھُ پرِتھ کُنہِ مضمونُک ڈٔسلابہٕ حمد یا مُناجات ستی کوٚرمُت:

موٗمنو حمدو ثنا شوٗبہِ تس پادشہس
تیٚمی نبی تہٕ مُرسل کٔری ایجاد

(محمد جعفر)

یا اللہ ژٕ محموٗدا ، معبوٗدا بے شُبہا
ہر شیا کوٚرُتھ پیدا یتھ مے کرن بندگیا
شوٗبی سجوٗدا مسجوٗدا ، یہ عالم مسجدا تشبیہا
ما عبدنا عأرفو ژ۪وپ ہیتھ گیہِ شرمنٛدٕ گیا

(خواجہ حسین میر)

یا مُقلِّب القُلوب قلب سلیم بخشتم
یُتھ با حضورِ قلب دِمہٕ دمہٕ چانہِ حمدٕ کرِ دم

(مُنشی صفدر)

یا اللہ کرتن دِل کُشادٕ وسیع فضا میون قفس سینے
چُھ گوٗمت گوٗنھو ستی ننگ ورتاو
اَتھ منز کبوترِ دِل گرفتارو

(مُلا حکیم عظیم)

صوٗفی شاعری چھےٚ سون مولُل میراث۔ روحانی تجربن ہنٛز باوٕژھر یمانہٕ چھےٚ اَتھ منز تصوفکین اصطلاحن ہنٛز وضاحت تہٕ میلان۔ یہٕ شاعری چھےٚ نغمہٕ گی ستی بربٕہ، یہٕ چھےٚ یژھ پژھ تہٕ عقیدتچ شاعری۔ حمد تہٕ مُناجاتکی نمونہٕ چھِ اَتھ منز تہٕ موجوٗد۔ یہٕ کینٛژھاہ کائناتس منز موجوٗد چھُ تہٕ کوٗر اللہ تعالیٰ ہن پادٕ۔ اللہ تعالیٰ سُند ارشاد چھُ وَمَا خَلَقْنَا السَّمٰوٰاتِ وَالْاَرْض وَمَا بَیْنَھُمَا اِلّا بِالْحَقِّ۔ (ترجمہٕ: یعنی زمین تہٕ آسمان تہٕ یمن منز یہٕ کینٛژھا موجود چھُ تہٕ سوٗرے کوٗرمے حق ستی پادٕ)۔ تِسنٛز وحدانیت، ربوبیت، معرفت، رحمانیت، شاہد تہٕ مشہود آسُن چھُ تٔمی سٕندی صفات۔

توحید یا کُنبر چھُ اسلامٕچ بُنیاد۔ باری تعالیٰ چھُ کُن تہٕ کیول۔ سُہ چھُ لاشریک، بے نیاز، لاولد تہٕ لامولود۔ صوفی شاعرو چھِ اللہ تعالیٰ سٕندین یمن صفتن ہنٛدی تعریف تہٕ توصیف کٔری متی:

کُنےٚ کُنرس دِتھ چھےٚ جلاوو پانہٕ منٛزی پان پرٛزناوو لو
نے کانٛہہ زاس تے نے کانٛسہِ زاوو اَتھ پٮ۪ٹھ اخلاص آوو لو
فی اَنْفُسِکُم شاہد آوو پانہٕ منٛزی پان پرٛزناوو لو

(مومن صاٮ۪ب)

ذاتِ پاک چُھے لاشریک تس نو چُھے کانٛہہ شریک

نہ تس مول مأج نہ تس بێنہِ یے     ولأے گتہٕ رێنٛز یے

(وہاب کھار)

الف گو اللہ کُن پٕرٕزنوٗوم     ''ب'' چھے بلاشک تہنٛز بُنیاد
''ت'' تمٕ تمامس پرتو تروٗوم     ونہٕ کس روٗوم دوہ تے رات

(صمد میر)

سمیعٔ البصیر پانے چھُے     متکلم آمُت چھُ در قرآن
مراد پانے یراد تُہنٛدٕ ے چھُے     رُمہٕ رُمے بالہِ چھم تہنٛدُ ے فراق

(رحم صأب)

کُنے وُچھتن ترِ تہٕ واوس دِوان کینٛہہ تہِ ماتنے
کُنے وُچھتن سرمد بازار عاشق تس چھِ ڈیشان
کُنے وُچھتن اندر تہٕ نبرٕ خبر کس کیا ونے
کُنے وُچھتن نابوٗد نیپے سود بود گُرِتھ زان

(رحمان ڈار)

مےٚ ژھانجوم سورِ سمسار     وُچھم نہٕ کانٛہہ وفادار
ولیکن اَکھ خدا یار     وُچھم نہ کانٛہہ وفادار
کتھا وُنی رحمانن     زانہٕ وِنی مانہِ زانن
چھنا پٕژھ غأر زانن     چھُ صاحب بخشن ہار

(رحم صأب)

کارنٛدٕ کار باشنٛدٕ خداوندِ اِلٰہی     پوٚ زاوس دود کوٚ رُم گنٛدٕ خداوندِ اِلٰہی

(سوچھ کرال)

کردس میأنس انتہٕ شأدی اَنتَ الھأدی

ژلہِ مَنہٕ ڈے بلنم دأدی اَنتَ الھأدی

(اسد پرے)

حُمد تہٕ مُناجات چھِ زٕ موضوعی شعرٕ ذأژیمن ہنٛدِ باپتھ کانٛہہ مخصوص ہیت مقرر چھنہٕ اوے یَتھ تہٕ منظوٗمس منٛز بامے سُہ گُنہٕ تہٕ ہیرٕ منٛز آسہٕ، اللہ تعالیٰ سٕندی تعریف آسن، سُہ چھُ حمٗد تہٕ یتھ منٛز دُعاتہٕ التجابیترٕ آسہِ، سُہ چھُ مناجات۔ کأشرِ زبأنی ہنٛدبو اکثر شأعروچھُ حمٗد تہٕ مناجات رٕنگی کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ لیٛکھمٕت، مگر یہ تہٕ چھُ پزر زِ بتھے چھنہٕ کأنسہِ تہِ حمد تہٕ مُناجات لیکھیٕ متی[16] اکھتُے چُھنہٕ اکثر شأعروحمدس تہٕ مُناجاتس درمیان بہن تہٕ تھوومُت۔ تمو چھِ حمدس منٛز کینٛہہ مناجأتی شعرتہٕ مُناجاتس منٛز کینٛہہ حمدیہ شعرتہٕ لیکھیٕ متی۔ ازتاں چھنہٕ کأنسہِ تہِ شأعرٕ سنٛز حمدیہ شأعری یامُناجأتی شأعری ہنٛز اکھ تہِ سوٗمبرن الگ پأٹھی شایع کرنہٕ آمٕژ، البتہٕ چھُ دأیرہٕ ادب دیلنکہٕ "پرتو" رسالُک حمدیہ غزل نمبر ۱۹۹۵ء منٛز شایع سپُد مُت، یتھ منٛز مختلف شأعرن ہنٛدی حمٗد شأمل چھِ تہٕ تتھے پأٹھی گوٚو ۱۹۹۶ء منٛز کلچرل فورم کریری پٹن کہِ طرفہٕ "انہار" رسالُک مُناجات نمبرتہٕ شایع۔ کینٛژَن ہم کال شأعرن ہنٛد حمٕد کہ تہٕ مُناجاتکی شعر چھِ نموٗنہٕ رٕنگی پیش:

حمٕد کی نموٗنہٕ:

چُھ سُے حأکم بحکمِ خودیگانہٕ

نہ باکس لس شراکت شوبہٕ دانا

(محمد انور شوپیانی)

رحیم ژٕ چُھکھ کریم ژٕ چُھکھ خداتہٕ اللہ چُھ ناو چونے

ژٕ خالقِ کُل ژٕ مألکِ کُل چُھ کاینأتس نظام چونے

(فاضل کشمیر)

کُنُے چُھ، اوس کُنُے، آسہِ کُن تہٕ روزِ کُنُے

کُنہٕ فقط چھےٚ تٔہنٛز شان لاشریکَ لہٗ

(مشعل سلطانپوری)

رَبنَا خألق تہٕ مألک پربتھ أکِس کُس ژےٚ سِوا

ربّنا معبوٗدِ برحق چُھنہٕ ژےٚ روس بیٚیہِ کانٛہہ اکھا

(مرغوب بانہألی)

نیٚہہ تہٕ ہِنٛدر نہ دود دگ زانی

احسنُ الخالقین چُھ لافأنی

(غلام نبی آتش)

سُے رب چُھ سُے اللہ تہٕ سُے رحمٰن مبارک

أسی بندٕ بناوِن چھِ بوٚڈ احسان مبارک

(الیس راضؔی)

چھِ نوٗرٕ سٔری تہٕ پٔژلہٕ وٗن عظیم روٗگٹس اندر

سیاہ دِلن چھ گاشران یہ لَا اِلٰہ الااللہ

(نورالدین ہوشؔ)

مناجاتکۍ نمونہٕ:

عُمر رأوِم در تبأہی یا اِلٰہی عفو کر
کُرمےٚ حأصِل روسیأہی یا الٰہی عفو کر

(محی الدین مسکین)

صاحبو سَتھ چھم مےٚ چأنی ، وَتھ مےٚ اصلٕچ ہاوتم
کوٚت کالا روزٕ بے زان زأنی ہُند مَس چاوتم

(غلام احمد مہجور)

موٚنگ مے نہٕ کینہہ خدا یہ دِکھے کارِتھ زرِ دِم
یِتہٕ روزِ دل آباد سُہ وأراگہٕ شہر دِم

(سید رسول پونپر)

دِلن ہِژٕ رایہِ زانن وول مولا
چُھ تِسی اَتھِ خیروشر ، اللہ اکبر

(مُشتاق کشمیری)

بہٕ چُھس عأجز تہٕ بے دسگاہ ژٕ چُھکھ مختار یا اللہ
ژٕ خالقِ کُل جہانن ہُند تہٕ پالنہار یا اللہ

(غلام احمد غمگین)

یا اِلٰہی خراب متہٕ کرتم
نوتوانس عذاب متہٕ کرتم

(الیس راضی)

یا خدا پزٕرُک سبق پرناوتم

پوٚز وُنن نیکی کرٕنی ہیٚچھ ناوتم

اَنہِ گٹِس منٛز یُتھنہٕ گژھہٕ ہازانٛہہ تہِ گیر

آفتابکی پأٹھی مےٚ تہِ پزٕزناوتم

(عزیز حاجنؔی)

دَردَس سوٚمبرن تیار کرنہٕ باپتھ گرٕمےٚ پوٗرٕ کوٗشش زِ یتھ منٛز گوٚژھ پرٛتھ کانٛہہ نمایندٕ حمٗد تہٕ مُناجات شأمِل سپدُن۔ سُہ پرٛتھ کانٛہہ شأعر گوٚژھ درج سپدُن، تیٚمی حمٗد تہٕ مناجات رٔنگی کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ لیوٗکھمُت چُھ، بعضین ہُنٛد پیٚو وبیٚو زبانو پیٹھہٕ تہنٛدِ ڈٔسی کرنہٕ آمُت حمدیہ کلامُک ترجمہٕ شأمِل کرُن۔ شأعرن ہُنٛد حمدیہ تہٕ مُناجأتی کلام ژھارنہٕ گارنہٕ موکھہٕ پییِہ مےٚ رسالن ہنٛزٕ فایلہٕ، شأعرن ہنٛزٕ شعرٕ سوٚمبرنہٕ تہٕ مثنوی بیترِ ورقہٕ ورقہٕ پھِرنہِ۔ یِمن ہم کال شأعرن ہُنٛد اَمہِ قسمکہِ کلامُک نمونہٕ بدس آم نہ، تہنٛدِس خدمتس منٛز حأضر سپدتھ یا فونس پیٹھ کال کٔرِتھ کوٚرمکھ عرضداش مگر تہِ کٔرِتھ تہِ کوٚرنہٕ تموٚ منٛز واریاہو اتھہٕ روٚٹ۔ لٰہذا اگر نہٕ یتھ سوٚمبرنہِ منٛز کأنٛسہِ ہُنٛد ناو نظرِ گژھہِ تتھ منٛز آسہِ نہٕ میأنٛی کوتأہی، ووں گوٚو ہرگاہ نہٕ کأنٛسہِ ہنٛدِس کلامس تام پلو آسہٕم ووتمُت یا سُہ نظرِ آسہٕم نہٕ گوٚمُت، تمہِ خأطرٕ چھُس معأفی ہُنٛد طلبگار تکیازِ بندٕ چُھ بشر۔ (اَلاِنسانُ مَرکبُ الخَطأ وَالنِّسیَانِ) تاہم چھےٚ مےٚ یُمہِ کتھِ باپتھ خوٚشی زِ از تام چھَنہٕ یتھ موضوعس پیٹھ یژھ باگہِ برٕژ سوٚمبرنا شایع سپزٕمژ تہٕ یہِ سعادت آٔس میأنٛی ہیٚ نصیبس۔

بہٕ چھُس ساہتیہ اکیڈیمی ہنٛدِ کأشرِ ایڈوایزری بورڈ کس کنوینر جنابِ ڈاکٹر عزیز حاجنؔی، امہِ بورڈکین تمام ممبرن تہٕ ڈپٹی سیکریٹری شریمتی رینو موہن بان جی ہُنٛد شکرُ

گذار زِ تموٕ کٔرم یہِ سۆمبرن تیار کرنچ سعادت مٔنز کأم تفویض ۔ ووں گوٚو ڈاکٹر عزیز حاجنیٖ تہٕ شہزادہ رفیق سُنٛد چھس احسان مند زِ تموٕ کٔرم وقتہٕ وقتہٕ حوصلہٕ افزٲیی تہٕ۔

اُستادِ محترم معروف ادیب، محقق، شاعر تہٕ لُکہٕ وٚوترِ کی مأہر جناب غلام نبی آتش صأبُن چھس احسان مند اَسی تھے، تموٕ کٔرم نہ صرف یہ سۆمبرن تیار کرنہٕ کِس سلسلس منز رہنمأیی بلکہِ تھوٚو ہم پر بتھ ساتہٕ پنُن دستِ شفقت آیُت ۔ تہندی احسانات چھم پر بتھ ساتہٕ شأمل حال۔

محترمہ نوشین جی، ڈاکٹر سید افتخار، ڈاکٹر شبنم رفیق ، ظفر مظفر، جاوید اقبال، ڈاکٹر اعجاز محمد شیخ ، ڈاکٹر شفقت الطاف تہٕ اعجاز الرمضان بیترِ ستی باجن تہٕ یارن دوستن ہُنٛد تہٕ چھس شُکر گذار زِ تموکۆرم اکہِ نتہٕ بییہِ رٔنگی مدد۔ تمن شأعرن تہٕ ادیبن ہُنٛد تہٕ چھس شُکریہ کران یِہنز وکتابو تہٕ شعرِ سۆمبرنو پیٹھہٕ حوالہٕ تہٕ شعرِ نمونہٕ تُلِم۔

یِتھ سومبرنہِ منز شأمل کرنہٕ باپتھ تُلِم خاص پأٹھی دأیرہٕ ادب دہلنکہِ ''پرتو'' رسالہٕ کہِ حمد یہ غزل نمبرہٕ تہٕ کلچرل فورم کریری پٹنہٕ کہ ''انہار'' مُناجات نمبرِ منز واریاہ منظومات، یِم دونوے ادبی تنظیمہِ چھے مُبارکس لایق زِ یموچھے یتھ موضوعس پیٹھ گوڑ انوارِ بُنیأدی کأم کٔرمژ ۔ مقبول ساجد سُنٛد ایم ۔ فِل مقالہِ تہٕ رٔدُم زیرِ نظر تہٕ مفتی شفیق الرحمٰن قاسمی رٔدُم عربی تہٕ فارسی لفظن گینٛز کڈنس منز مدد کران، یِمہِ باپتھ تِہنٛد مشکور چھس۔

گلزار احمد راتھر

حوالہٕ:


۱۔ لغات ِکشوری از مولوی سید حسین صاحب رضوی، صفحہ: ۱۵۸۔

۲۔ مقالہٕ: کأشری حمدٕ تہٕ مُناجات، مقالہٕ نگار: غلام نبی ناظر، کأشُر عقیدتی ادب، ترتیب: ڈاکٹر عزیز حاجنؔی۔ (ساہتیہ اکاڈمی) صفہٕ: ۱۵۶۔

۳۔ حمد۔[ن۔مؤل: حمد < ع: حمد] جأنی گنزرٕنی، تأریف کرٕنی، ثنا۔خودایہٕ سٕندی تعریف کرٕنی۔ خدایس گُن شُکر کرُن۔ اَستوتھ۔ کأشرڈکشنری جلدِ۳، ص: ۱۴۶۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر

۴۔ حمد [ت۔حمد۔ع۔مونث] خودایہٕ سٕندی گون یا تأریف۔ خودایہ سٕندِ تھزٕرکہ تہٕ بجرٕکی تأریف، حمد، ثنا۔ (اُردو کشمیری فرہنگ: جلدِ۵، ص: ۴۶۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر)۔

۵۔ حَمَدُ: اللہ: بار بار تعریف کرنا اور الحمدُ اللہ کہنا۔ الحَمْدُ۔ تعریف۔ تعریف کیا ہوا۔ مصباحُ اللغات۔ از ابوالفضل عبدالحفیظ بلیاوی، ص: ۱۷۵۔

۶۔ مقالہٕ: اقسام شعر، مقالہٕ نگار: شمیم احمد، درسِ بلاغت، اڈیشن: سوم، ص: ۱۶۵، قومی کونسل برائے فروغ اُردو زبان دہلی۔

۷۔ پرتو: حمد یہ نظم نمبر (۱۹۶۵ء) دایرۂ ادب دلنہ (بارہ مولہ) ترتیب: نشاط انصاری تہٕ قاضی منظور دلنوی۔ سرنامہ۔

۸۔ مناجات: [ن۔مؤل۔مُناجات < ع: مُناجاۃ]۔
۱۔ سو نظم یتھ اندر خودایہ سُند حمد تہٕ دُعا بیترٕ لکھنہٕ ییہٕ۔
۲۔ حمد خودایہ سٕندی تأریف تہٕ تتھ ستی کرنہٕ آمت التجا۔ توتا۔ اَستوتھ۔
کأشرڈکشنری: جلد ۶، ص: ۲۲۶۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۹۔ مناجات [مُ ناجات۔ع۔مونث] رأہی، دُعا۔ عرض۔ دوے خأر۔ مُناجات۔ سو نظم یتھ منز خودایہ سٕندی تأریف کٕرِتھ پننی عاجزی بیان ییہٕ کرنہٕ۔
اُردو کشمیری فرہنگ، جلد ۱۰، ص: ۲۵۱۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۰۔ ذخیرۂ سعادت (حصّہ دوم)۔حضرت شاہ ہمدانؒ کی مشہور فارسی تصنیف ''ذخیرۃ الملوک'' کا اُردو ترجمہ۔مترجم: پروفیسر شمس الدین احمد۔ص:۲۸۱۔علی محمد اینڈ سنز لالچوک سرینگر۔

۱۱۔ کأشری نعت، ترتیب کار: ڈاکٹر عزیز حاجنی۔سرنامہ (گوڈٕ کتھ)۔ص:۲۰۔ ساہتیہ اکیڈیمی نئ دِلی (۲۰۰۷ء)۔

۱۲۔ ایضاً۔ص:۱۳۔

۱۳۔ تاریخِ ادب عربی از استاز احمد حسن زیارتؔ، ترجمہ: عبدالرحمٰن طاہر سورتی، ص:۲۴۴۔

۱۶۔ شیخ راضی سٕند بن مُناجاتن ہٕنز سۆمبرن چھےٚ زیرِ طبع۔

کتابیات:


۱۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر، کأشر ڈکشنری

۲۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر، اُردو کشمیری فرہنگ

۳۔ کلچرل اکیڈیمی سرینگر، کاشر صوفی شاعری، ۲ جلد۔ترتیب: موتی لعل ساقی، ایڈیشن: سوم، (۲۰۰۵ء)

۴۔ ساہتیہ اکیڈیمی نئ دِلی، کأشری نعت، ترتیب: ڈاکٹر عزیز حاجنی (۲۰۰۷ء)

۵۔ ساہتیہ اکیڈیمی نئ دِلی، کأشر عقیدتی ادب (سیمنارٕک پیپر) ترتیب: ڈاکٹر عزیز حاجنی (۲۰۱۰)

۶۔ شُعبہ کأشُر کشمیر یونیورسٹی، نۆو کأشرِ ادبک توأریخ: ناجی منور، شفیع شوق: (۱۹۹۲ء)

۷۔ قومی کونسل برائے فروغ اُردو زبان: درسِ بلاغت، ایڈیشن سوم (۲۰۰۹ء)

۸۔ جموں اینڈ کشمیر اسلامک ریسرچ سینٹر: 'ربّنا' مرتب: عبدالرحمٰن کوندو۔بار: ۹ء (۲۰۱۱ء)

۹۔ شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجرانِ کُتب سرینگر۔'نعتِ محمدی' ترتیب: شیخ اعجاز احمد، (۱۹۹۷ء)

۱۰۔ کتابی دُنیا دہلی: 'کُلیاتِ اقبال' از خواجہ عبدالحمید یزدانی (۲۰۰۱ء)

۱۱۔ جیم بک ڈِپو دہلی۔شاہنامہ اسلام، اَثرِ خامہ: ابوالاثر حفیظ جالندھری

۱۲۔ دایرۂ ادب دِلنہ (بارہ مولہ): 'پرتو' حمدیہ نظم نمبر، مرتب: نشاط انصارؔی تہٕ قاضی منظور دِلنوؔی (۱۹۹۵ء)

۱۳۔ کلچرل فورم کریری پٹن: 'انہار' مُناجات نمبر، ترتیب: سید نذیر حُسین حُسینؔ۔ (۹۶-۱۹۹۵ء)

۱۴۔ اعجاز القرآن (کأشُر پأٹھی قرآنِ پاکک ترجمہٕ) مترجم: سید جلال الدین اندرابی (۲۰۰۰ء)

۱۵۔ بزم ثقافت کشمیر، ہیڈ آفس میمندر شوپین ''ثقافت فائل'' ایڈیٹر: شہزادہ رفیق

۱۶۔ مراز ادبی سنگم ویچہِ بڑور ''وبتہٕ آگُر'' فائیل



## شیخ العالمؒ

(ولادت : ۱۳۷۸ء - وفات: ۱۴۳۸ء)

### حمد

صاحبہٕ ژٕے بۆڈ بُلند کوٗنہہ نَے
تگہِ ہیٚمے کرٕ ہے ژٕے اطاعت
ہیٚتھ جندٕ آدر منگہٕ ہے ترٕہنَے
ژٕ یۆ د وُچھٕ ہم تہٕ پۆت ژٕلے نہٕ ذات
بہٕ یۆ د زانہٕ ہا دُنیا چُھ کینٛہہ نے
کرتام بُدربم دہہ تہٕ دوٕدربم دات
ژٕ یس دِکھ تس نتھ ہیکہِ کوٗنہہ نے
کیا کربس گرٕ تہٕ کیا کربس ساعت
ژٕ یَس نِکھ تس دِتھ ہیکہِ کوٗنہہ نے
کیا کربس قأبلیت کیا کربس ذات
بہ لگے پأرٕ چانہِ قوٗد رٕژٕے
زوٗنتھ یس یُتھ تَس دِتھ اوقات
صاحبہٕ پأرٕ چانہِ معرفٕژٕے
دِتھ رسول خدایسؐ موجزات



# شیخ العالمؒ

## حمد

وِزِ وِزِ مۆژھم سرنو
یا اللہ چھُس شرمندٕ چون
چانہِ قوٗدرٕژ زأنی قدر نو
یا اللہ چھُس شرمندٕ چون

ہکہٕ نتہٕ بار آم برٕنو
وِزِ یاد کرٕم قبرنو
تتہِ ژھوٚٹہٕ تہٕ گٹہٕ زرٕنو
یا اللہ چھُس شرمندٕ چون

چھُس اُمتی حضرت سُندُ ے
کوٚ ڈیشتھ لوگُم اوٚنے
زبتھ رٕتی کرِم کار نو
یا اللہ چھُس شرمندٕ چون

احسانس زأنم قدر نو
ہیوٚتُم دود ترأوِتھ پونٕ مندٕنو

ژیُونم یوٚ ووٚنی اکھ ہارنو
یا اللہ چھس شرمندٕ چون

پاد پأر ترأوِم پتھر نو
رٕژِ وتہِ لوگُم پان نو
ابلیس ہیوٚتم سرنو
یا اللہ چُھس شرمندٕ چون

فرشتہٕ وسنم ارِ نو
دَپنم بنٕد چُھکھ کوہندو
جوابس روزِم تھرٕ نو
یا اللہ چُھس شرمندٕ چون

پُلہِ صراطس تارٕ ترٕنو
نُندٕ ریٚش گژھِ تارٕنے
تتہِ ترٕنس چھُم آدرنو
یا اللہ چُھس شرمندٕ چون



## شیخ العالمؒ

# مُناجات

کیُہ لے کوٚت نیرکھ پنتھأنی
ترأوِتھ شُری مُری گیہہ بار
تم کس بار لدَکھ پا پأنی
بار خدایا پاپ نِوار

تتھ پنتھانس سو کِلی پکی
تمہِ دوہہٕ ٹکی دُہ تہٕ نار
یم لانلی کنڈٕ موٚنڈی وَکھی
بار خدایا پاپ نِوار

تتہِ شِن سکلی کاوٹن
نُندی ڈیٹھ تہٕ گونہگار
پوگ ییٚلہِ واین زمین پھٹن
بار خدایا پاپ نِوار

تیٚلہِ مےٚ اوسُم یاوُنن چھوو
ووٗنی تہٕ بہ گوس نابہٕ کار

سوٗژٕر تٕنے موٚژِ مو
بار خدایا پاپ نِوار

زُو نیرِ بروٚنٛہہ لۄب نیرِ پتٕہ
گرٛھن دون زٕ وتہٕ شِنٛی کار
یہِ دِکھ بروٚنٛہہ تی لگہِ پتہٕ
بار خدایا پاپ نِوار

روزُن یارٕ پٮ۪یم ژھوٚٹےٚ
ہَٹے وَلنم گٲرٛدُم تہٕ مار
تیٚوٚل زن تیٚلم پھٹِتھ پھمب پھٹے
بار خدایا پاپ نِوار

ٲگہلی وَنہٕ یٮ۪یتہِ گٲیم گٹے
بُتھ پیُٚ چھُ سُمہٕ تار
ژٕ وُچھکھ اندٕیوٚد بہٕ کم رٹے
بار خدایا پاپ نِوار

سَہزس گٹہٕ، یَژھ تہِ رٕنے
چھونٛی گٲری توٕے سوزنن
ژلہٕ پوٚنٛپُر نیرتھ چھونہِ میٚژ تٕنے
بار خدایا پاپ نِوار

ٹوٗٹھ، میوٗٹھے سوٗرے لوٚگُم
گندٕ ہوٗنی کوٚرُم موٚردار
کمہٕ ترأوِتھ پرِتن زوگُم
بار خدایا پاپ نِوار

سہزِس ہیکہٕ نہٕ ظونن گرٕ ژھے
ییٚژھے پروٗم موختو دوار
سلرِس نوٗن میلِتھ گرٕ ژھے
بار خدایا پاپ نِوار

درم شِل تہٕ گیہہ آوسو
ترأوِتھ اتھٕ دِشو سمسار
وِیوٚپُم ییٚتہٕ نہ پھوٚرُم ابلیسو
بار خدایا پاپ نِوار

مأرِم نہٕ کھکی، پُچھِن تہٕ دُبی
نتہٕ لوٗبہٕ نیرِ بم پچی ناو
سہزِ چ کتھ کرٕ ژم نہ ییکھی
بار خدایا پاپ نِوار

گلی تہٕ میٚنڈی مأرِم ہٕنڈی
میٹھمن میٚنڈ بن کوٚرُم اہار

دِمس چھی ژھوہ تہٕ زمس گنٛڈی
بار خدایا پاپ نِوار

شوگہٕ ژلہِ نیرتھ پنجرٕ موٗژبم
لوٗت لوٗت تُلنم ہا ہا کار
یہٕ زُو تہٕ وِلہٕ پوش زَن ہوژبم
بار خدایا پاپ نِوار

زُو تہٕ اوٗژھے پون تہٕ آوژھے
اوٗژھے ژوک تہٕ أژھے سار
یمن پدٕبن مےٗ وبژار گوٗژھے
بار خدایا پاپ نِوار

کھٕٹِتھ پٔرِ زے ژٕتھ رٔچھِ زے
کھٕٹِتھ دِزِ ے سٔدرس تار
ژےٗ نتہٕ ہیٚہٕ کس وٕنتھ گرٕ زے
بار خدایا پاپ نِوار

ڈٕہتھِس کیلک کالس مٔنزی
ۂنزی پاٹھِن لوٗب مَس تار
وٕنی وٕنتھ نُندٕ بابہٕ سِٕنزی
بار خدایا پاپ نِوار

# میر عبداللہ بیہقی

(وفات : ۱۸۰۷ء)

## مُناجات

یارب ہاوتم پزِ تچ راہ
سارِے چھِ رحمت چانٕی درگاہ

توفیق علمُک بخشتم جان
منوّر کرتم سوٗرے پان

بار صاحبہٕ رَٹتم کینہٕ نِش دوٗر
دِلہٕ ہیٚ دِتہٕ عرفانُک نوٗر

ژٕ ے گُن کران چھُس زار تہٕ پار
دُنیہس عُقبہس منز متہٕ کرتہٕ خار

پتھ کالٕی آخر دِتہٕ ایمان
جنتس جاے ماجہِ مالِس سان

میر عبداللہ اُمیدوار
ییٚتہٕ رٕوٹ تٔمی چوٗنے دربار



# محمود گامی

(ولادت : ۱۷۶۵ء - وفات : ۱۸۵۵ء)

## حمد

یا الٰہی کر اجابت در دُعا رَبِّ اِغفرلِی ذنُوبی کُلَّہَا
چھُس گدا محتاج اے بادشاہ رَبِّ اِغفرلِی ذنُوبی کُلَّہَا
در ازل بو پأدٕ کوٗرتھس از عدم نألِہ ژھنٕۍ تھم فکر تے اندیشہِ غم
نفسہٕ کِنٕۍ دِیتنم مےٚ شیطانس دُعا رَبِّ اِغفرلِی ذنُوبی کُلَّہَا
یام بالغ گوس اوسُم لوکچار کتھ بہٕ توشے رُت کوٗرُم نہٕ کانٛہہ تہٕ کار
درجوانی یِژٕ کرِم جُرم و خطا رَبِّ اِغفرلِی ذنُوبی کُلَّہَا
فرض و سُنت مُستحب بیِیہٕ واجبات سخت مُشکل وقتہٕ تم سٕرِم نہٕ ذات
ہائے افسوس تم گیم سأری قضا رَبِّ اِغفرلِی ذنُوبی کُلَّہَا
ذِکر تراوِتھ فکر کران دوہ گوم تام ژیٚوٗنُم یام ہارس پوہ گوم
نفسِ شومن کِتھٕ کوٗرنس در بلا رَبِّ اِغفرلِی ذنُوبی کُلَّہَا
تی مےٚ وُچھم یِنہٕ گوٚژھس ڈیشہٕ نُے تمٕ بہٕ موٗرس یِنہٕ گوٚژھس کریشہٕ نُے
تی مےٚ کوٗرُم یتھ نہٕ کانٛہہ اوسُم نفعا رَبِّ اِغفرلِی ذنُوبی کُلَّہَا
تمہِ سارے نشہِ ووٚنی بیزار گوس بار صاحبو زار بوزُم خار گوس
فکر کران بیوٚس درخوف و رجا رَبِّ اِغفرلِی ذنُوبی کُلَّہَا
مندٕ چھومُت آس ژٕرےٚ کُن بے نوا عفو کرتم لۄکہِ بٔڈۍ سأری گُناہ

از ترحم چشم رحمت بر کُشا          رَبِّ اِغفرلِی ذنٔوبی کُلَّہَا
توبہٕ کردم توبہٕ کردم یا صَمد          متہٕ انتم روبہٕ تم اعمالِ بد
چھِی شفیع یم انبیاء و اولیا          رَبِّ اِغفرلِی ذنٔوبی کُلَّہَا
زُو کھسُن میٔون کرتہٕ آسان یا غفور          وقتہٕ نزع تھاوتم ابلیس دٔور
نٔورِ ایمان کرتہٕ محمٔودس عطا          رَبِّ اِغفرلِی ذنٔوبی کُلَّہَا



# مقبول شاہ کرالہ واری

(ولادت : ۱۸۰۲ء - وفات : ۱۸۷۷ء)

## حمد

خداوندا ژٕ چھکھ خلاقِ اخلاق    تھٕوِتھ سارِن ژٕے بیوٚن بیوٚن خولق اخلاق

أکِس خولقا دِتُتھ شیریں زبانا    بٔرِتھ علما کوٚرُتھ شائستہٕ دانا

بییٚس بد سیرتی گرِتھے عطا گوکھ    تمِس بوٚڈ رأوِتھے اندر خطا گوکھ

ژٕ محرم پانہٕ چھکھ سانِہن دِلن ہُنٛد    ژٕ چھکھ حلال سانِہن مُشکلن ہُنٛد

یمِس یُتھ بانہٕ زوٗنتھ تس تِتھے بوگ    دِتُتھ ژٕے یس گرِتھ یُتھ تمی تِتھے بوگ

أکِس ہأوِتھ وتھا رٕژ اصلیِے کُن    زِ دوٗری نیوٗتھ پننِس وصلیِے کُن

بییٚس غفلتھ ژٕھنِتھ تھووٗتھ سہ مجبوٗر    برحمت یوٚد سہٕ از رحمت کوٚرُتھ دوٗر

اکھا چھِے روز وشب در ذِکر مشغول    سہٕ در روزِ ازل ژٕے کوٚرُتھ مقبول

بییٚس مسجدِ اڑُن سکراتھ میلان    سہٕ کرمنٛدٕ چھان یوٚد تس سأری گیلان

أکِس چھِے موت أچھنٕے تل مرُن چھُم    بییٚس غفلتھ خبر تَس یٔتھ درُن چھُم

اکھاہ پرِتھ ساتہٕ تسبیح ہتھ چھُ دردست    چھُ بیا کھ لور ہتھ ظُلمس گوٚمُت مست

أکِس چھِے حُبِ پیغمبرؐ رٔٹِتھ دِل    بییٚس بدکامنٕے کُن نفس مائِل

أکِس ارمان کرڈیشن وندس جان    جنابِ مصطفیٰؐ معشوقِ یزدان

بییٚس نامِ مُبارک نہ تھنٛد یاد    تمِس گوٚو ضایہِ ایمان دزا یہ بُنیاد

☆

# مقبول شاہ کرالہ واری

## مُناجات

الٰہی ہاو مقبولس راہِ راست
پھِرُس دِل از کٔجی لاگُن سوئے راست

دِتَس توفیق بر اعمالِ صالح
ہدایت ژٕ یے کرُس یوٚدوٚے چھُ طالع

عفو کرتَس ژٕ تَس سأری عطا پاس
ہِتَس غفلت دِتَس دِلچن أچھن گاش

خیالک پرٕد از اکرام ٹلتس
برہنس خلعت و اِکرام ولتس

غمی کاسُس زِ خود بیزار کرتن
غنی از دولتِ دیدار کرتن

پدر مادر کرُس مرحوم و مغفور
تھوٚن تم ہتھ سُہ از نارِ سقر دوٗر

گرفتأری نشہِ دِس رستگأری
بہشتس ژانتن ہتھ دوست سأری

یہِ اُمید از کرم انتس ژٕ انجام
گُنہگارن رٕژٕ یے رحمت ژٕ یے چھے عام

خدایا گأم ضایع ٹأٹھی انفاس
عزامت از ندامت ژٕ یے کُنتھ آس

پشیمان گوس اعمالِ بدو ستی
بتاوان پیوس افعالِ بدو ستی

گنہگارا مے ہیوٚ چھنہٕ کانہہ بہ عالم
زیادٕ چھم بٔدی از حد رٕژر کم

غریقِ جُرم و عصیاں چھس سراپا
کوٚرُم یوٚد بد بوٚرُم نہٕ کینہہ تہِ پروا

حلاوت خامُشی ہنز راوٕراوُم
بدن تے واہیاتن کن مے تھووُم

کوٚرُم ناحق بناداں پان مشہور
وزن ژٕھرمٔٹ قدیم اصلا چھُ دستور

مزہ نفسس لوٚگُم، بوزُن توٚگم نہٕ
بجز عفوت اما ووٚنی چارٕ چھمنہٕ

زبان دأنی گرٕم لوٚگُم سُخن باز
یہ نیرتھ گو تہِ پھیرتھ ووٚنی ییا باز

زمانس منز مےٚ ہیٚوٚچھا کاشہ تہٕ نادان کوٚرُم بے وایہ بے مایہ پٔنٕن پان
مژر لوٗرُم نفع از دست تروٗوم پٔنٕن لذت دِلُک از دست روٗوم
پراگندٕ گیم جمعیتِ دِل تھٲوِم بر صدقِ صادق نیّت دِل
وسیلہ آس ژٕے کُن ہتھ معظم جنابِ شیخ حمزہ پیرِ عالم
مناجاتس قبولیت بخشتم دِلس اخلاص و حمیت بخشتم
بحقِ سیّدِ عالمؐ پٔتم آن ژٕ کرتس رُت بخشتس نوٗرِ ایمان



# سیف الدین تاربلی

(ولادت : ۱۸۰۳ء - وفات : ۱۸۷۳ء)

## مُناجات

خداوندا ژٕ خاوندا مےٚ بأری!
بہٕ ژےٚ بند گُریزنٕد ژےٚ پأری

گوناگارا پریشان روز گارا!
سیاہ کارا بہٕ ڈیشان کینْہہ نہ چارا

اطاعت نہ صراعتھ کارِ جاوید
زِ طاعت نہ بضاعتھ غارِ اُمید

ژٕوُلس زَن رَدٕڈوُلس بے حد زِ پیمان
وُں بارے خود زِ کارے بدپشیمان

بہٕ نادانا ژٕ بَس دانا بہر راز!
جہاں بانا ژےٚ سُلطانا انداز!

مےٚ ادراگن خطا ناگن دِتم دابے
پتو لاکن ژٕ منز پاکن دِتم جاے

بہٕ بدکأری زِ بیزأری مہٕ ترٲوُم!
بہٕ غفأری ژٕ ستأری میےٚ ہاوُم!

مےٚ چأنی سُمِتھ نون و وُنمتن چھم
بہٕ لُطفُ و مرحمتھ ژےٚ مکرمتھ دِم

مران از غم ڈران چھس معذرتھ خواہ
کران توبہٕ پران استغفراللہ

پھرُم درکار نزدیکی بر اشرار
وُں روزُم یار بر نیکی مددگار

بہٕ تمکین جان باتسکین مےٚ تھاوُم
غمِ دہن در دِل بے کین مےٚ ترٲوُم

یہ نفسک برُم زمانک غم سبٹھاہ کھیوُم
دِلس سَتھ چھم وُں ژےٚ کرتم بجاکوم

سپاس اندیشہِ کرتم کرٕیشہِ وُن دِل
ستائِش پیشہِ مے درویشہِ سُندٕ دِل

مےٚ رٕژ نیت دِتم باجامعیتھ
یہ جمعیتھ معیتھ اقربیتھ!

محبت دم پٕہُن دولت مےٚ سوے بس
دِلس سَتھ معرفت منتھ مےٚ چھےٚ بس

مےٚ نفسن گژاہ تہٕ شیطانا چھُ درداہ — معاذ اللہ توکلنا علی اللہ

زِ لُطف وفضل ہاوُم وَتھ مہٕ ترٛاوُم — موٚیے مقصوٗد چاوُم واتہٕ ناوُم!

بچاوُن وول ہاوُن وول وَتھ ژٕے — بڈاوُن وول ترٛاوُن وول پتھ ژٕے

بہ نادان میانٛی غفلتھ جرم وعصیان — ژٕ رحمان چانٛی رحمت فضل وغُفران

اُنہٕ برلب ننٛن کیا چھُم تُلُن دوٗم — پُتن مطلب وُنن سوٗرے ژٕے معلوم

بہ توحید استقامتھ دِم کرامتھ — بہ تأیید استقامتھ دِہن سلامت

حلاوتھ ذوقہٕ در ذکرو تِلاوتھ — جلاوَتھ شوقہٕ بر قرب و ولادتھ

تُہنٛد حُب با اطاعت یِم شفاعت — دِتم زاد بضاعت چھُمنہٕ طاعت

مجاٗزی نِش دِلس فکرن پرٛش دِم — حقیقی عشقہٕ انس پرٛوٗرش دِم

مےٚ بیا کھاہ ژٕے سوا دادبِن دواکُن — ژٕ باہر بے نوا حاجتھ رواکُن

بہ سُنّت پٔر گُل موموٗر تھوتم — زِ بدعت دوٗر دِل پُر نوٗر تھوتم

بہٕ نام غوث الاعظم بڈٕ مےٚ ستھ چھم — کرُم تریاق ہر سم دافعِ غم

امیرو خواجہ چھِم در ہر مُہم پیش — تُہنٛد فاضا مےٚ دِم نوٗرِ مُسّم بیش

مُصیقل جوہرُک دِم جلوٕ ہاوُن — کھیے تَل صاف بے صیقل مہٕ تھاوُن

بہ دِل میلِ ووفا ترکِ جفا دِم — زِ میٚہرے مُصطفیٰؐ صیقل صَفا دِم

مےٚ تَس مطلوبہٕ سٟتر وَتھ دِم محبت — چھِہ تَس محبوبہٕ سٟتر سَتھ اُٹھ جنّت



# پیرمحی الدین مسکینؔ

(ولادت : ۱۸۲۷ء - وفات : ۱۹۱۶ء)

## مُناجات

عفو تقصیر کرتم یا اِلٰہَ العالمین
از گُناہ چھُس روسیاہ گوٗمُت سبٹھاہ چھُس شرمگین

نفس و شیطان چھِم پتہٕ بوٗڈ دُشمنا غالب گوٗمُت
دِم تِمن پیٹھ فتح و نصرت یا الٰہ العالمین

چھُم تسُند وسواس یُتھ پنہٕ نِس پناہَس تل رَچھِم
دِم نجات از شرِ شیطان اَنتَ خیرُ الحافظین

جِن تہٕ انسان و مَلک دیو تہٕ پُری چانِی مطیع
سارِنے پیٹھ حُکم چوٗنُے انت خیرالحاکمین

وقفِ روزِی چون نیکن بدن پیٹھ أے کریم
پرٕبتھ أکِس چھُکھ واتناوان اَنتَ خیرالرازقین

بستہٕ گوٗمُت چھُس در عقدِ مُشکل خستہ دِل
موکلاوُم از عنایت اَنتَ خیرالفاتحین

دمبدم چھُس کھوژُون از انقلابِ روزگار
نجّنَا مِنۡ کُلِّ خوفٍ یا اَمانُ الخایفین

واریاہ چھُس دۄر پیوٚمُت از صراطِ مستقیم
اِہۡدِنَا باللطُفِ و ابرّیا دلیل الحائرین

زندگأنی راوٕرم در ذِلّت و جُرم و گناہ
از خطا ہم عفو کرتم انت خیرُ الغافرین

بادشاہا مُنعما چھُس بندٕ چونٔے خوار و زار
رحم کر بر حالِ مسکین انت خیرالرّاحمین



# مولوی صدیق اللہ حاجنی

(ولادت : ۱۸۳۲ء - وفات : ۱۹۰۰ء)

## مُناجات

خدایا ژٕ چھکھ عالمُک پادشاہ
چھِ أسۍ بندٕ سأری ژےٚ نِش دادخواہ
نَون آسمانن نگہدار ژٕے
زمینن سَتن صاحبِ کار ژٕے
نبَس تارکو سِتۍ زینتھ دِتُتھ
تِمن زیور از ماہِ انور دِتُتھ
زمینن دِژِتھ شوٗب از مردُمان
ژٕ خالقِ انس و جان بے گُمان
ژیٚیےٚ محکم کٔرِتھ آسمان بے ستون
ز اندازۂ عقل و فکرت برون
زمین فرش بر آب کوہ برزمین
کوٚرُتھ ژیٚیےٚ ژےٚ اتھ قدرتس آفرین
چھِ سأری خرد مندو صاحب کمال
زِ تقریرِ اوصافِ تُو گنگ دلال
ژےٚ احسان والطاف یارس کوٚرُتھ
تِمس تازٕ گُلزار نارس کوٚرُتھ

کۆرُتھ دُشمنس نارِ ژیٚے آب نیٖل
سپُن غرق مضطر بفرقابِ نیٖل

زِ بُتخانہٕ اوٗنُتھ پدیدار یار
زِ خارا کۆرُتھ گوہرِ تابدار

چھےٚ کر کأنٛسہِ معلوٗم خبر ذاتِ تو
بعالم زِ آیاتِ صفاتِ تو



## وازِ محمود

(ولادت : ۱۸۳۴ء - وفات : ۱۹۱۸ء)

# مُناجات

کر ہدایتھ گُمرہس میٚ یا ہأدی — بردر آسے بہٕ فریأدی یا ہأدی

کُس مےٚ چُھم ژےٚ سِواکس بوونے — بس مےٚ سیٚز کرنگج نہأدی یا ہأدی

در بدن چُھم نفسِ ظالم جِسم و جاں — کر مدد مےٚ چھم غنأدی یا ہأدی

زوگ وارا کیا میٚ در حرص و ہوا — لوگ طمٕہن میٚ فسأدی یا ہأدی

ناد لایے دستگیری میٚ کرُم — دادرس مےٚ چُھکھ ژٕ عأدی یا ہأدی

آستم مےٚ ژٕ ے مہربان دمبدم — کاستم مےٚ دوکھ تہٕ دأدی یا ہأدی

وأر مےٚ کوٚر پانسے غأر پچھ سوٚرُم — شیر مے خیرالمرأدی یا ہأدی

گژکھ سوٚ درس لُج چانے جوٚدٕ ستی — کژبکھ دِژنم مے جوأدی یا ہأدی

بوٚد سأری جِن و انسان گےٚ ہمہ — جوٚدٕ چانچ چھے امدأدی یا ہأدی

لچھِ ناوٕ دیٖت عاشقن درسِ ازل — ہیچھِ نأوِتھ ژےٚ ووستأدی یاہأدی

دٕرد عشقُن عاشقو رٚوٹ در جگر — فردِ جاما رٚوٹ فرأدی یا ہأدی

برتہٕ پژکتھ مےٚ عشقہٕ نارے وارٕ تے — کرتہٕ شُنہٕ یاہس آبادی یا ہأدی

پوٚر گوٚمت کاوٕ رنگ مےٚ چھم دِلس — نوٚر بخشم در سوأدی یا ہأدی

سوز اصلک سوزتم روزتم ہچے — بوز اے سید السعأدی یا ہأدی

جنّتِ ماوا ژیٚنے بخشتھ عاشقن — منّتِ عألی نہأدی یا ہأدی

لُر اصلِچ لۄر تٕمۍ پأنۍ پانہٕ تے   کُر یٔمۍ جأنۍ کنأدی یا ہأدی
گو سکندر دورِ دُنیا کیا کٔرتھ   کھوٚ افسۄس تٕمۍ شدأدی یا ہأدی
زون کیا جمشید و دارا بہمن   مون نہٕ حق کیقبادی یا ہأدی
تس موسیٰؑ سے عصا أجدر سپُن   پس نٔینگلِتھ گو سُہ جأدی یا ہأدی
ہاوِ کیا فرعون دۄد درِ آبِ نیل   باوِ موسیٰؑ سُے مجأدی یا ہأدی
ژے در ژے چھکھ ژٕ ہستی عاشقن   پے دیُت چأنۍ اِرأدی یا ہأدی
ویۄپ مے کیا سنہٕ سپر عشقن رۄژسے   ژوپ مے کیا روزِ معأدی یا ہأدی
قدو قامت چون کُمۍ سنہٕ وارِ ڈیۄٹھ   حدولاحد ژۄٹ حدأدی یا ہأدی
کھۄٹ عشقہٕ تیر پٔنن ما عاشقن   ژوٹ صید ہا تٕمۍ صیأدی یا ہأدی
بُر مے چأنۍ آش وارا روز و شب   کُر مے شِنیاہس آبأدی یا ہأدی
بیش وونہٕ سے نیش نٕے حأرتھ مے گوم   پیش مے آم عشقہٕ دأدی یا ہأدی
پرتہٕ پان مے ویۄند ہیوے بوکس گوٚندہ   بر دُشمن چھس جہأدی یا ہأدی
پتہٕ لِلّٰہ ژلہٕ نم غم سأری تے   دِتہٕ مے خطِ آزأدی یا ہأدی
پنجہٕ بخشتھ خاص الخاصنے   گنجیے مطلب کُشأدی یا ہادی
یاد ہیتھ چون واژ محمود چھے گدا   شاد کۄر چأنۍ اعتقأدی یا ہأدی



# امیر شاہ کریری

(ولادت : ۱۸۳۸ء - وفات : ۱۹۰۳ء)

## حمد

خدایا جہاندادِ داوَر ژٕ چھُکھ — فرو زندٕ یے مہرِ خاور ژٕ چھُکھ

ژٕ بیچوٗں خُدا چھکھ بذات و صفات — ازل تا ابد پانہٕ قائیم بِذات

بقدرت ژٕ چھُکھ کارسازِ جہاں — کوٚرُتھ پأدٕ ژٕیے آشکارو نہان

بیک امرِ کُن پأدٕ کوٚرتھن فلک — ہماں عرش و کُرسی و مُلک و ملک

مُعلّق تھوٚوُتھ سقفِ چرخِ برٕین — زِ کوہسار ہا بستہٕ کرٕتھن زمین

اویزاں تھٕوُتھ یم قنأدیل نوٗر — فروزان کوٚرُتھ مشعلِ ماہ و ہوٗر

بِنایے زمین کوٚرتھٕ از چار بیخ — مرتب جہاں کوٚرُتھ از چار میخ

سَرِ شب کوٚڈُتھ از گریبانِ روز — کڈان چھُکھ زِ شب روزِ عالم فروز

دوہس کٕیت تھوٚوُتھ آفتابِ بُلند — شبس کٕیت تھٕوُتھ ماہِ مُشکیں کمند

بقدرت گُل از خار پیدا کوٚرُتھ — ہے نوٗر درنار پیدا کوٚرُتھ

زِ نُطفہٕ کرٕتھ صوٗرتھا اکھ سعید — زِ قطرٕ اوٚنتھ گوہرا اکھ پدید

گہے چھُکھ بہارا انن درجہان — گہے تتھ بہارس انن چھکھ خزان

انن چھُکھ گُل و میوٕ ہا از شجر — کڈن لال، یوقوت چھکھ از حَجر

بہر گونہٕ خلقت کرٕتھ آشکار — رنگا رنگ ژٕے نیاہرٕ تھوٕتھ بیشمار

خدایے مُنزہ ژٕ چھُکھ ذوالجلال — ازل تا ابد قادرِ لایزال

مُنزّہ ژٕ چھکھ لاشریک و اَحد — نہ چھکھ کأنْسہِ زامُت نہ چھی کانْہہ وَلد

بہٕ صنعت کوٚرُتھ آب و خاک آشکار — بہٕ حکمت تھوٚوُتھ تتھ اندر باد و نار

أکِس قالبس منز یِمے ژور ضِد — تھٲوِتھ تے حیاتس گرِتھ تم مُمِد

تھوٚوُتھ جسمس اندر ژٕ یے روحِ رواں — دِتُتھ عقٕل تے ہوش، توش و تُواں

ژٕ یے بینا کرِتھ چشمہِ بہرِ نظر — تُوانا گرِتھ پایے بہرِ گُذر

گرِتھ آفرید زباں در دَہن — تھوٚوُتھ دُرجس اندر ژٕ یے دُرِ ثمن

دِتُتھ قوتِ سمع گوشن بَسر — اتھن منز تھوٚوُتھ کاربارو ہُنر

خداوند ژٕ یے چھُکھ بہر دُوسرا — چھُ نے کأنْسہِ یارا بے چوں و چرا

بہر دوسرا حُکم جأری چھُ چون — بقسمت کھوَن رِزق سأری چھِ چون

گرِتھ پأدٕ شاہ و گدا درجہان — بمقدُور تھأوِتھ کہان و مہان

أکِس چھُکھ کرن در جہاں تاجدار — بیٚیِس چھکھ رعیت کرن با جدار

أکِس چھُکھ دِوَن لشکر و گنج و مال — بیٚیِس چھکھ کرن ابتر و خستہٕ حال

أکِس چھکھ بعزت کرن سر بُلند — بیٚیِس چھُکھ بذِلّت کرن پایے بند

أکِس تاجِ اقبال تھوٚوُتھ بسر — بیٚیِس طوقِ ادبار تروٚوُتھ ببر

گرِتھ ژٕ یے سعید ازل ہم شقی — أنِتھ ژٕ یے قبچُل عمل ہم تقی

کوٚرُتھ روشن عالم زِ پأغمبران — تھٲوِتھ گُمرہن گٔتی تمے رہبران

پیاپے سوزِتھ انبیائے عظام — کوٚرُتھ از محمدؐ تمن اختتام

☆

## عبدالاحد نادم

(ولادت : ۱۸۳۸ء - وفات : ۱۹۱۱ء)

### حمد

بہ بِسم اللہ کرُن بہتر چھ آغاز
چھُ یِژ ممتاز از اَسماء سرفراز

چو اِسمِ ذاتِ پاکِ آں کریم است
کہ او بر بندہٗ رحمان و رحیم است

پس اے عأصی نجأتچ چھےٚ یِہے بات
تسُند پرناو کر تسی کُن مُناجات

خودایا ژےٚ مُسلّم چھےٚ خودأیی
ہمیشہ پوشہٕ وٕنی چھےٚ پادشأہی

تعالیٰ اللہ تُو و ہَم ذُوالجلأ لی
عظیم و ہم قدیم و لایزأ لی

مُسخّر چھی ژےٚ ارداہ ساس عالم
زِ ہر سوٗ سارِنےٚ ژےٚ کُن چھُ سرخم

گدا چاَنی ہمہ شاہ و گدا ینْد
غنی چُھکھ ژٕ ے خلایقِ بینوا ینْد

بےٚ غما خوانِ الوانِ عطا چھی
عطا بر اہلِ نیکی و خطا چھی

کثیر العفوٗ و غفارُ الذنوٗبی
عمیمُ اللُطف وستارُ العیوٗبی

دِیُتھ ژیٖ توبہٕ از عُصیاں بآدم
وٚلُتھ ژیٖ خلعتِ غُفراں بآدم

کریما چُھکھ تِتھےٚ شوٗبی نہٕ ثأنی
رحیما چُھکھ تِتھےٚ بر مہربأنی

تھٲوُتھ خوانِ کرم وقفِ مساکین
کٔرِتھ بوٚچھ سیر تھاُوِتھ شاد غمگین

برحمت چُھکھ گنہگارن ژٕ گارَن
خریدأری کران چُھکھ عأب دارن

☆

## عبدالاحد نادم

# مُناجات

الٰہی بندہ چُھس درمندہ چونے
بہٕ عاصی چُھس ژٕ چُھکھ بخشندہ مےٚونے
بکثرت کٔرِ مےٚ گونہہ نابکارن
بحسرت چُھس اُچھو ہِنی خوٗن ہارن
ژٕ ے کوٗرتھس پأدٕ از بہرِ عبادت
مےٚ ترأوم راوٕرم سأرے سعادت
کہالت کٔرم اندر بندگی مےٚ
جہالت کٔرم چھم شرمندٕگی مےٚ
بہٕ چُھس یٔژ بد تر از ترسأے مسکین
نہ مےٚ دُنیا، نہ مےٚ عقبیٰ، نہ مےٚ دین
سبٹھاہ چُھس عأبہٕ لد از حد گہنگار
ژٕ بخشنہار چُھکھ غفّار و ستار
اِلٰہی آس ووٚن دٔر عُذرِ خوٲہی
گژِھتھ رُسوا ز عصیاں و مُنأہی
اِلٰہی چُھس زِلُطف مغفرت خواہ
ووٚنتھ لَا تَقْنَطُوْ مِنْ رَّحْمَةِ اللّٰهِ

اِلٰہی چأنِۍ رحمت بےٚ نہایت
مےٚ زحمت کاستم کرتم عنایت

الٰہی از کرم و زِ لُطف و ایحسان
بآسأنی کرم ہر مُشکِل آسان

اِلٰہی چھُس بہٕ چونُے بندہ بدکار
بہٕ چونُے چھُس ژےٚ میونُے یِی تنٛے عار

اِلٰہی بوزتم فریاد و زأری
کرن پۄزِش ہرن چھُم اشک جأری

بتر گوٚمُت پتھر پیومُت بخوأری
مےٚ تھر چھِم چأنِۍ کرتم دستیأری

بزیرِ بارِ جُرم از کار گوٚمُت
زِ حد آوارہ یُژھ لاچار گوٚمُت

اِلٰہی کۄت چھُس بے وار گوٚمُت
سبٹھاہ خوارو و نزار و زار گوٚمُت

اِلٰہی گرٛھتہٕ بۄزِتھ خستہٕ حالس
گرٛھی کیا کم ژےٚ اَتھ جاہ و جلالس

اجابت یِوٚد تھوکھ میأنِس سوالس
کرکھ یِوٚد دستگیری پایمالس

خداوندا ژٕ کرتم دستگیری
زِ احوالِ پریشانم خبیری

مےٚ در طوٗفاں عُصیاں ترٛوونم واو

مےٚ در امواجِ تاواں چھم پیٚمژُ ناو

بہ پوٚت نم بوٗنٛھ نم از غم کران چھُس

ازیں غم نو بَنو ہردم مران چھُس

مےٚ بوٚٹھ واتُن یِوَن چھُم درٛینٛٹھی دُشوار

بفضلِ خوٗد ازیں طوٗفان دِتم تار

بہ تنہا چھُس مُسأفر از وطن دوٗر

ژھیٚپتھ چھُم راہزن مےٚ زاگ ہیتھ ژوٗر



## اسد میر

(ولادت : ۱۸۵۱ء - وفات : ۱۹۳۱ء)

### حمد

خدایا ژٕ چھکھ خالقِ ذوالمنن — نہ چھے شکل وصوٗرت نہ چھے جان وتن

خداوند کون و مکان چھکھ کنُے — نگہدار خلق و جہان چھکھ کنُے

ژٕ بے مثلِ و مانند چھکھ بے مثال — مُبرا از عیب و نقص و زوال

زِ آغاز چھکھ مالک الملک بس — بہ انجام ژٕے سون فریاد رَس

بنا کردہ چونُے مکان تہٕ مکین — کنُے چھکھ خدائے جہاں آفرین

زِ ذٔری یایے صنعت چھ قطرا جہاں — ہمہ گردشِ انجم و آسمان

کٔرتھ آشکارا مہو آفتاب — اۆنتھ در لولو زِ یک قطرہ آب

کٔرِتھ ہفت گنبد بپا بے ستوٗن — جُرِتھ تتھ ستارہ کٔرِتھ لعل گوٗن

زمین مسکن اِنس جان تھٲوتھن — فلک سیرگاہِ ملک کرٕ ووتھن

یہ سورُے زمین تا بہ ہفت اسمان — تہٕ سورُے ژٕے کُن پرستش کران

ہمہ عندلیبانِ ممتاز رائے — بہ وصف جلالت ترنم نمائے

کوٗرتھ یام آراستہٕ باغِ دہر — نِشاطہِ صباح و نسیم سحر

شگوفہ گلن تے تھربن ہر طرف — سپدی خندٕزن یام دیُت تھکھ شرف

کٔرِتھ یام صفت پنٕنۍ آشکار — گہے لیل ہاوِتھ گاہے نہار

گہے دوستدارن دِون رنج چھکھ — گہے دُشمن کیُت تھون گنج چھکھ

در آں رنج چھکھ چون لُطف و کرم  دریں رنج و سختی و اندوہ و غم
گُلستان نارس ژے یارس کۆرُتھ  قہر دُشمنس نابکارس کۆرُتھ
بہ پُشہ دیُتھ یام قوت تہٕ دست  کڈِتھ پست نمرُود کھیاوِتھ شکست
چھِ یم پادشاہانِ گردن فراز  سرِ عُجز چھُکھ بر زمین نیاز
جن و دیو انسان حوٗر و پرٕی  کمر بستہٕ بہرِ عبادت گری
زِ بس تابشِ اشتیاقِ حضور  کۆرُتھ عاشقن عشقہٕ کی نارٕ سوٗر
کۆرُتھ عشق طالب تہٕ مطلوب شکل  کۆرُتھ شوق غالب تہٕ مغلوب شکل
کڈُن عشق اوسے پۄن آشکار  زِ انوار اوٗتھن بدیدار یار



## اسد میر

# مُناجات

اِلٰہی بہٕ چھُس بندٕ عاب ناک
عفو کر تہٕ پاسِ نبی لولاکؐ

گرفتار نفسِ بلا گوس بو
بہ حرص و حسد مُبتلا گوس بو

بہ غفلت گٲرم زندٕگانی تباہ
بہ ذلت پٔنٕنۍ نوجوانی تباہ

اُپز ژ۪ور و وُنم پوٚز کھٔٹِتھ تھووٚمے
ٲکنم وِشکہٕ لٔوکن ٲکنکھ ہووٚمے

بہ ذِکرت مےٚ دِل زانہہ تہٕ خوش کرووٚنہ
قدم زانہہ براہِ تو سر ترٛووٚنہ

بہ لہو ولعب مےٚ سپٕن دوہ تہٕ راتھ
بہ بے ہوٗدٕ واراہ وٲنم واہیاتھ

تٕوے مُجرِما بوٚڑ گونہگار چھُس
ضعیفا سیاہ رو تباہ کار چھُس

مٔلِتھ رَب تہٕ چھُس امُتن عُذر خواہ
بہ درگاہِ تو بُتھ گٲرِتھ چھُس سیاہ

سیاہ مٔیون کرتن بہ رحمت سفید
بُجز در گہت چھُم نہٕ بیٚیہٕ کانہہ وومید

بہ چھُس پُر خطابا عطا خامہٕ چون
چھلُن زِ آبِ رحمت سیاہ نامہٕ مٔیون

گونہگار یوٚد چھُس بہ عصیان شعار
ولے ناو چوٗنے چھُ آمرزگار

مگر چھُم مےٚ وومید از رحمتت
کرکھ عفو تقصیر کٲژاہ چھےٚ کتھ

گونہہ بخشتم چھُس پیوٚمُت بندٕ چون
سرافگندٕ اما پرٕستندٕ چون

مُلے زانہہ مہٕ کرٛاوم پریشان دِل
نہ از فکرِ روٗزی یے حٲران دِل

رٕچھُم از الم ہاو آسیب مےٚ
فراوان لدُم روزِ غٲب مےٚ

ترو تازٕ کرٛاوم مےٚ باغِ مُراد
چو مہتاب روشن چراغِ مُراد

ولیکن یہ بوٗزِن مےٚ دأنشوران — أمِن درمیان نعت و تعریف خان

تٔمِس سرورس یار کیا برگزیٖن — فروزندٕ تر ژور سلطانِ دیٖن

چُھ اول ابوبکرِ صدیقؓ راے — سُہ بو یارِ غارِ رسولِ خداےٚ

جنابِ عُمرؓ عادِلن ہُند چھُ تاج — بہ دیٖنِ محمدؐ دِتُن تٔمی رواج

سیوم شاہ عثمانؓ عالی مقام — چہارم علیؓ شیر صفدر بنام

بُوِن آل پاکن صُحابن تمام — زما صد ہزاران صلوٰۃ و سلام



# محمد انور شوپیانیؒ

(ولادت : ۱۸۵۳ء - وفات : ۱۹۴۰ء)

## حمد

ثنا تَس ذوالجلالس یُس چُھ نأمی
چھِ تَس نِش سارِنے کارن تمأمی
کرن یأری چھُ یاور تَس شہِس ناو
نہ زامُت کانٛہہ تِمس نہ کأنٛسہِ نِش زاو
چھُ سُے حأکم بحُکمِ خود یگانہٕ
نہ باکس تَس شراکت شۆبہِ دانہ
نہ چُھس ہمتا ذُویُم کانٛہہ درحکومت
چھُ سُے غألب کرن پانے عدالت
چُھ بیشک عالمینن تٔمی سُندُے راج
نبی تہٕ اولیاء تس کُن چھُ محتاج
بحکمش عرش و کُرسی اِستادہ
فلک را بے ستون محکم نہادہ
سِتارہ یک بیک بیٚیہِ ماہِ خورشید
دِتُن زیٛنت تمن از نورِ جاوید
گُنڈِتھ تھوٚون یوہے قانون قدرت
یوہے گردِش چھُ تا دورِ قیامت

نودنہہ ۹۹ نامہ پرٕتن وارہ رؤزِتھ

صفت تٔمۍ ہِنٛدۍ تمی منٛزٕ تھاو بۄزِتھ

چھُ سُے اللہ مےٚ تٔمۍ ہِنٛزٕ چھم دِلس آش

تٔمۍ دِیُتنم یمن دِلہٕ چِن أچھن گاش

گُنہٕ زوٗنُم انہٕ شِرکٕک مےٚ گۄو دوٗر

توٚگُم بوزُن چھُ کیا ظُلمت چُھ کیا نوٗر



## محمد انور شوپیانیؒ

# مُناجات

منگن چُھس مالکُ المُلکس بہردم — کریما گنج فضلس کیا گژھی کم

قیامژ دوہ پٕژن دیدار ہاوُم — وٕلی ین سارٕنے ہمسایہ تھاوُم

صراطِ مستقیمس پیٹھ تھوُم پور — دُعا ہردم منگُن تھاوُم ژٕ منظور

اِلٰہی کاستم تأریکی غم — ژٕ چُھکھ قادِر سبٹھاہ اُمیدسے چھم

اِلٰہی باغ دِل آباد کرتم — دِلِ ناشاد یارب شاد کرتم

بجز تو حالِ خود کس رانگویم — براور از کرم ایں آرزویم

شوم آزاد از رنجِ زمانہ — نما از وعدہ رحمت نشانہٕ

الٰہی بر درت اُمید وارم — بفضلِ تو کنوں خود را سپارم

چھُ سُے لکہ متو ہدایت توبہ کرتن — ژٕ یژھ تس بر رہِ اسلام مرتن

تہِ نے چھُ سُہ زود کرتن خوار و رسوا — چھُ تراون بوے بد شِرکُک بہر جا

نظر کُن انوؔرا بنگر بدیدہ — شنیدی مژدہ فرحت رسیدہ



## انور وار

(ولادت : ۱۸۷۳ء - وفات : ۱۹۰۵ء)

# مُناجات

ملتمس چُھس تھاوتم گوش أے غنی
تُل نقاب از روے روپوش أے غنی

نے زِ دُنیا نے زِ عقبا کینْہہ منگے
حیہِ کُے موے جام دِم نوش أے غنی

خلقِ عالم جامہٕ تقویٰ یژھان
دِلق رندی ژوٹ مے بردوش أے غنی

تن تہٕ منقل وُہِنی چھم ششکلے
من دِوان چھم ان کُے جوش أے غنی

سر خمن نرگس پیپرٕ منز ماہ غمن
در چمن ییہِ نا سیاہ پوش أے غنی

در عدم دیُت سائلو تتھ پیٹھ قدم
دم بدم ہمدم تمن اوْش أے غنی

شمعہ سے پتھ گژھ کران پروانہٕ دوْد
طمع سے تمٕ کوْر فراموش أے غنی

موم پانس شستڑِچ کھرن اُنجم

گوم غاؐلب خوابِ خرگوش أے غنی
گُم گوٚمُت چھُس در رہے ؤتّم دَنا
چُھم تمنّا یم در آغوش أے غنی
از بگردن انوؔرس از زلفِ تو
وز شرابے شوق مدہوش أے غنی



# غلام احمد مہجور

(ولادت : ۱۸۸۸ء - وفات : ۱۹۵۲ء)

## حمد

کران چُھس ابتدا بانام بأری
چھُ تیمۍ سُند جلوٕ در عالم ژوپأری

کوٗرُن ییلہِ آراستہٕ تمۍ باغِ عالم
کرِن پأدا تتھ اندر رنگ کم کم

اَکُے آدم ولیکن مختلف ذأژ
اکی خصلژ چھِ ما آسان گرِکی بأژ

کُنے ساقی کُنے شیشہِ کُنے مے
چھُ کینژَن ہوش کینہہ چھتھ بےٚ خبر گے

تسنز قدرتھ چھےٚ بالا از تخیُّل
در آنجا عقلِ کُل حأران چھےٚ بلکُل



(مثنوی پھاہ پھاہ کٹنی)

غلام احمد مہجورؔ

# مُناجات

صاحبو ستھ چھم مےٚ چأنی وَتھ مےٚ اصلچ ہاوتم
کوٚت کالاہ روزٕ بے زان زأنی ہُند مَس چاوتم

بوزتم فریاد و زأری سوزتم دادبن دوا
روزتم ہردم مہربان زانہہ تہِ پرٕ متہٕ پاوتم

کأہلی کم ہمتی وسواسہٕ نِشہِ تھاوتم مےٚ دوٗر
وَلولا جوشا تہٕ ارمانا دِلس منز ثراوتم

زانہہ متہٕ وَنہٕ ناوتم افسانہٕ ننٕدر پاوٕنکی
موردٕ یمہِ ستی زندٕ سپدن تِتھی وڈن ونہٕ ناوتم

یم سخن پأدا کرن غلقن اندر اُلفت تہٕ لول
دوٗر یمہِ ستی گژھِ نفرت. تی وَنُن ہیچھناوتم

پھولہِ نووتھس پانہٕ اَژٕونہِ زیٹھ واوچہِ گژایہ ستی
سوٕرونہِ منجھورِ تاپکہِ زورٕ متہٕ چھوٗراوتم

شبنمٕکۍ پاٹھۍ آفتابس کوٚت کال کرٕ انتظار
گوڈنچے انوارٕ پوشن ستہٕ سُلہٕ وُزناوتم

شکلہٕ چھس انسان مگر انسانیتہٕ نِش بے خبر
ہیٚاوتم متہٕ امتحان یِمہٕ شکلہٕ متہٕ مندٕ چھاوتم

دوٗر چُھس پیوٚمُت لکو نِش چُھم توے مہجوٗر ناو
تِم اگر دورن مےٚ نِش ژٕ تہٕ دوٗر زانہہ متہٕ ترٛاوتم



## غلام مُصطفٰے مصفیٰ

(ولادت : ۱۸۹۰ء - وفات : ۱۹۶۶ء)

### حمد

حمد بے انتہا بسویِ خدا اَلَّذی عَزَّ اِسمُہٗ اَبدا

مَالِکُ الرّوح مبدئُ الاشباح خالِقُ الخَلق فالِقِ الاُصباح

جلوٕ تھٕنٛدُ ے چھُ ہر طرف مشہوٗد منجلی از مظاہر موجوٗد

تس بہرِ جلوٕ صد ہزار کمال اکھ ڈٲلپا چھُ از جلال و جمال

بے توقُف بدست قدرت ذات چُھس تصرُف بِکُل مخلوقات

ذرٕ ذرٕ زِ کائناتِ جہان در شہاداتِ وحدتِ سُبحان

ہوشہِ کے گوشہِ بوز باتٲ کیٛد در چمن بانگِ کَلمہٕ توحیٖد

وُچھ کتابِ زبوٗرِ وحدتِ حق لحن داوٗد بوز علم و سبق

شور اذکار نوٚن چھُ باتکرار بہر اظہارِ یار لذت دار

عٲرِ فن چھےٚ کنن نشیٖب و فراز وحدہٗ لا شریک لہٗ آواز

عاشقاں جلوہ جوے درتگ وپوے رَبّنا اللہ گوے از ہر سوی

گنجد ارو زِ جلوہ حق سنج ڈیٖنٹھ پوٚشیٖدٕ سرٕنے ہٕنٛدی گنج

یم چھِ مرغان آشیانہ عشق تم تمی جلوٕ در ترانہٕ عشق

از ثریٰ تا بقبہ میٖنا جلوٕ گر سُے چھُ زیرِ تہہ بالا

ملکِ سفلی تہٕ عالم علوی چھی تمی جلوٕ در ہزار نوی

خاکہٕ ہسے منز سہٕ جلوٕ یامتھ ژاو | چاک دِتھ پاک خصلتھا نوٗن دزاو
صورتھا تس دِژِن بصد تکریم | پرٕ بقرآں ژٕ احسنُ التقویم
جلوٕ یے بارگاہِ رحمانی | ژاو درکار گاہِ انسانی
پوٗر گوٚو تس قصوٗر علت دوٗر | پیوٚس یامتھ ظہور عینُ النوٗر
از رموٗزِ حضور سُبحانی | گوٚو بنِتھ رازدار عرفانی
رنگہٕ رنگہٕ جلوٕ کی پیٚیس انوار | اَدٕ پیٚوو ناو تَس امانتھ دار
بہرِ تحصیل لذتِ ایمان | خلقتِ جسم و جان چھُ تَس بُرہان
کر یتھ چشمِ مأرٕفت بینا | سرِ توحید از دِلِ دانا
زانہِ یُتھ مقصد زمان و زمین | نوٚن نشانا چھُ قدرتک بہٕ یقین
وِزِ وِزِ در جہاں بر اہلِ شعوٗر | اَے بظہور کم موایدِ نوٗر
خاصہٕ خاصہٕ عجأیباتِ جلی | گٔے ہُویدا بحکمتِ ازلی
ذات تمٕ کۍ سُند زِ پردٕ ہاے صفات | جلوٕ زَن دزاو از ہمہ ذرات
غیب داں اِنّہٗ پراں بخواں | عالمُ الغیبِ والشہادہ عیاں
دوستوارٕ وچھو بچشمِ یقین | مظہرِ حق چھُ آسمان و زمین
یوٚد ژٕ باہوش گوش دِتھ روزکھ | ربّنا ربّنا کنو بوزکھ
چرخِ گردوں دایم الدّایرٕ | محو در ذکرِ اِنّہٗ قادِر
چھے یہٕ کینژھا وجوٗد در آفاق | تی چھُ أیینہٕ عاشقن بوٕ فاق
در حریم نگار اژھ یکبار | درودیوار وُچھ بنِغمے یار
مہرو ماہ روز شب ریاح و نجوم | چھی پران ذکر اِنّہٗ القیوم

☆

# صمد میر

(ولادت : ۱۸۹۲ء - وفات : ۱۹۵۹ء)

## حمد

دَمہٕ دَمہٕ حُمدا دپ معبودس پأدٕ یُمہٕ کوٚر آدم تے
ذٕر ذٕر سوٗرے تأبیا تھوٚونس ہوونس پٔنٕن پان
ژورِ چیزٕ آدم پأدا کوٚرنے اَڈرنہٕ ترٛوونس غم تے
لٔدتھ ہر طرف تہنٛدے دوران سُے غم چھس نہٕ سوران
تھکٔبٕن یِہٕ آدم فلکن تھوونے ملکن مے کُن سرخم تے
پوٚرِ ملکوٚ تے سٔجدا دیوٚوونس دوٚر تتہٕ روٚد شیطان
در پشتِ پدِر پیوس شِکم مادر ماز کتہٕ أسم ژم تے
نا بُریدٕ نابکارس مے آیم زبان آبہٕ قطرس بنیوم جان
نےٚ سنگ حُسنس سامانہٕ کُرۍنم رنگہٕ رنگہٕ منٛتھ تھأونم تے
حمد چشمن گاش. دیتنم تے کنو تتہٕ چھُس بوزان
عقل و فکر ہوش شکل و شُمائیل پوشٕ دِتۍ نم زیادٕ یا کم تے
بخت نصیبہٕ یوٚد بوزی تھے تھوٚونم توتہٕ گوم شکلِ انسان
ژوٚرِ چھُ شہزادٕ اوٚرِ منز للہٕ وُن زورِ حضرات محکم تے
ڈورِ پننے کرٕ ے تے ہاے آسی صاحب چھُ أتھۍ پوٚران
ژونٕز تے دایہٕ چھم منز لس ألراوان مایہٕ ستۍ چھنہٕ دوان تم تے

پایہِ پتہٕ پایہِ چھم جاے بدلاوان پاے چھنہٕ کُنہٕ مؤران
ساٚری تم وبترِتھ پاٚرٕ زان پھیرم ڈینٹھم آے گٔے کم تے
فنا دُنیا فانی سرا زان یێتہٕ چھنہٕ کانہہ تہٕ روزان
گُزرِتھ کیٛژ کال نیۆہس ژاٹہٕ ہال اوٚخن چھم کران چم تے
ژینہٕ وٕنی حرفن ہتی تھاو دٲرتن بس چھے یێتے فُرقان
ژودٕہن علمن طے کرٕنوونس ساٚری ہے دیوونس تن تے
آیہِ آیہِ سوٚمبرِتھ جمع کرٕنوونس جایہِ اکہِ گوٚم نسیان
ساٚری عِلم تمہِ شایہِ چھٕلِم ژٕلم فِکرٕ تہٕ غم تے
صمد میرٕس پیٛو عشقہٕ کافر سیکہِ ڈافر چھُ آسان



# نٲظم کریری

(ولادت : ۱۹۰۱ء - وفات : ۱۹۹۱ء)

## حمد

اِلٰہی بہٕ چھُس بندٕ خاکسار!
زِ تقصیٖر گومُت سخٹھاہ شرمسار
گٔرِم کارِ بد مےٚ سخٹھاہ خار گوس
جنت ترٲوِتھن لایقِ نار گوس
بہر جا مےٚ دیٚت ہم دکہٕ اے خُدا
پیوٚمُت چھُس پتھر عاجزو بے نوا
برس تل بہٕ چاٲنِس پیوٚمُت چھُس گدا
دِوان چھُس صدا ربنّا ربنّا
برحمت زِ ذلّت کڈِتم نبر!
زِ بخشش مےٚ خلعت ژٕ کرتم یَر
مےٚ لا تقنطوا وُچھمہٕ اندر قرآن
توے چھُس نہ ہرگز بہٕ پروا کران
حسؔن چھُس تہٕ احسن کرُم اے خُدا
برحمت مےٚ بخشِش کرُم اے خُدا



# چستی بٹ غفار

(ولادت : ۱۹۰۸ء - وفات : ۱۹۷۳ء)

## حمد

حمد لِللّٰہ بر خداوندِ کریم — حمد ذاتَس بس چُھ سُے روفُ الرحیم

عمدٕ پأدا یمۍ کوٗرن نورِ قدیم — حمد ذاتَس بس چُھ سُے روفُ الرحیم

ساتہٕ ساتے پر ثنائے ذُوالجلال — ذاتِ پاکس بے چگون و بے زوال

راتھ تے دوہہٕ کرمہٕ زانہہ تھکھ وق غنیم — حمد ذاتَس بس چُھ سُے روفُ الرحیم

وِز وِزے یمۍ پأدٕ کٔری نے شش جہات — ارض وسما لوح و قلم دوہ تہٕ رات

سَر چُھ شوٗبان سارِنٕے تھوٗد چھُ میم — حمد ذاتَس بس چُھ سُے روفُ الرحیم

پر دروٗدہ سوز صلوٰۃ بے شُمار — بر محمدؐ مصطفٰے لیل و نہار

برگزیدہ سارِنٕے والا وسیم — حمد ذاتَس بس چُھ سُے روفُ الرحیم

نوٗرِ تہندے پوٗر ہر سوٗ وُچھ عیان — نورٕہے پتھ کر تہٕ قربان زُو تہٕ جان

دوٗر تمہِ نِشہِ پوٗر شیطانِ الرّجیم — حمد ذاتَس بس چُھ سُے روفُ الرحیم

پان پنٕہ نُے کر فِدا ژون یارِنٕے — مان محشر نارٕ سبندنے تارِنٕے

آن مأنتھ بٹ غفار اندر ندیم
حمد ذاتَس بس چُھ سُے روفُ الرحیم



# نشاط کشتواڑی

(ولادت : ۱۹۰۹ء)

## حمد

چھس دپان حمدا بہٕ چوٗنے یا اللہ العالمین
چُھس کران چوٗنے ثنا چھُکھنا ژٕ ربُّ العالمین

چھُکھ کنُے معبوٗدِ برحق خأئق و مأ لک کنُے
عالمک روزی رساں چھُکھ، چھُکھ ژٕ خیرالرزاقین

چھُس گونہہ گارا بہٕ اکھ چوٗنے خطا کارا مگر
چُھکھ عفو کروٗن ژٕ بخشنہار خیرالغافرین

رحم کروٗن چھُکھ ژٕ بیشک عأجزن تے بے کسن
ژیےٚ شوٗبی تعریف یارب چھُکھ ژٕ خیرالرّاحمین

کیا چھِنا طوٗفان غأئب گأمتی یتھ اُمتس
درحفاظت تھاوتکھ چھُکھنا ژٕ خیرالحافظین

کیا چھُنا اَسہِ ازنوٗوٕے اکھ کربلا بُتھِ آمتے
کیا فتحمندی ژٕ دِکھنا چُھکھ ژٕ خیرالفاتحین

چُھکھ شہنشاہا کنُے اکھ حأکما ژٕے لازوال
پرٕبتھ حکم محکم چھُ چوٗنے چھُکھ ژٕ خیرالحاکمین

کُس ہیکی تعریف کٔرتھٕ کُس کری حمد وثناء
کأنسہِ چھا جرأت اَمیُک اے مالکِ عرش و برین
چانہِ دستر خانہٕ سأری چھِ کھۄان تے بیٚہِ چۄان
ظألم و جأبر تہٕ کأفر مومنین و مُسلمین
یا اِلٰہی بوزتکھ از میأنی یم کینٛہہ التجا
کیا ژٕ بوزکھنا بپاسِ رحمۃً لِلعالمینؐ
سرِنگوں چأنِس تمِس محبوبہٕ سُند اکھ اُمّتی
چھےٚ سپٔداہ شرمندٕ تے رُسوا نشاؔط دِل حزیں



# مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ

(ولادت : ۱۹۱۰ء - وفات : ۲۰۰۳ء)

## حمد

وَنی غأفِل دِلُک لۄٹر شِلُک ژۄر
ژٕ حُسنُے حُسن موصُم چشمِ بد دۄر
جلالس چھے تژر تاپُک زُوَن پے
جمالس زۄنہِ ہُند گاشُر شِہُل نۄر

☆

چانہِ کُنزِچ حض خلیلن تُج علم
أچھ وُٹھ دور گری گرن حُکمن ہلم
تم گرِتھ رأضی تمو رأضی کۆرُکھ
جن تہٕ انسان گون گبوان لوح و قلم

☆

یا اِلٰہی مینہٕ کمہِ گزِشان چون
بوئہِ تل پاتال پیٹھہٕ اسمان چون
زأنی کارن عأجزن ہُند اعتراف
زأنی زأنی انزان آسان زان چون

☆

عقل چھم محدوٗد لا محدوٗد چھُکھ

ذرٕ ذراتس اندر موجوٗد چھُکھ

کیا بنِم کٔمی تام یوٚت وأتِتھ وٚنُم

لرِ ژستیا لرِ منز محدوٗد چھُکھ



# مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ

## مُناجات

زمیٖن ترٛیش چھےٚیہٕ سر سبز گو گُل
پھُلے اُلج میلہِ باہم گُل تہٕ بُلبُل
ژٕ احسان تھَونہٕ ژٕوس احسان کرن وول
بہٕ چھُس پرٛاران کر جُزوَس بنٛم گُل



مےٚون چھا کیٚنہہ احسنِ تقویم چون!
مٔژی ڈلن وَتہِ آدمس عادت چھُ پرٛون
چانہِ لرِ کُن آس بر ؤتھی ترٛاو نیر
ہاو نوٚن درشُن مےٚ بدلہِم کرمہٕ لون



# غلام رسول نازکی

(ولادت : ۱۹۱۰ء - وفات : ۱۹۹۸ء)

## حمد

یہٕ تَس سِوا تہٕ چھُ وسواس لا شریک لَہٗ
گواہ چھُ سورۂ اخلاص لا شریک لَہٗ

نہ ابتدا، نہ چھُس تَس انتہا نہ بیم زوال
نہ کأنسہِ زاو، نہ کانہہ زاس لا شریک لَہٗ

نہ مول چھُس تہٕ نہ چھُس مأج کوٗر یا فرزند
نہ مام چھُس تہٕ نہ چھُس ماس لا شریک لَہٗ

نہ دود دَگ نہ تھکاوُتھ نہ فکرو رنج و ملال
نہ خوفِ مرگ، نہ تلواس لا شریک لَہٗ

کنُے چھُ شوٗبہ گُنہٕ تسی تہٕ کانہہ تہٕ چھُس نہ شریک
خیالِ شرک چھُ بکواس لا شریک لَہٗ

ہمیشہِ روزِ زمین تہٕ آسمانن منز
سروٗد و نغمہ و قیقاس لا شریک لَہٗ

گناں چھُ کل تہٕ وناں دِل نفس نفس یا ہوٗ
بناں چھُ دافعِ وسواس لا شریک لَہٗ

زِ صبحِ روزِ ازل تا بہ شامِ روزِ اَبد
چھُ زیبِ صفحۂ قرطاس لا شریک لَہٗ

نٔرِس اندر مے کھٔژتھ أسی ءکٔڑ لات و منات
دُنُم یہ نوٗرتہٕ ژٕے کُن آس لا شریک لہٗ

یوٗ تام چأنی رفاقت مے رۄز شأملِ حال
دِلن مے کھیٚو ونہٕ زٔنہے تژ اس لا شریک لہٗ

مے وُچھنہٕ ہۄن دِوان سُجدٕ زانٕہہ بیٚپس ہۄنس
ژٕے کیا زِچھےنہٕ یہِ احساس لا شریک لہٗ

یوٗ ہے وظیفہٕ پٕراں رۄدی نوحؑ و ابراہیمؑ
شعیبؑ و یونسؑ والیاسؑ لا شریک لہٗ

قیامت آسہِ قیامت خدایہِ پرٕد رٔچھم
بپاسِ سورۂ اخلاص لا شریک لہٗ



# غلام رسول نازکی

## مُناجات

دُنیا پرووم عُقبیٰ ترٛوُوم سورٕے رووُم اتھ چھوٚن گوس!
نفسِ امارن لوٗگس زالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم
عملا کانٛہہ چھنہٕ ہاوٕنی باوٕنی لایق چھنہٕ کانٛہہ کتھ!
بد اطوارس بد اعمالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم
گژھ ہا کوٚت گژھ ژلہٕ ہا کوٚت ژلہٕ بلہٕ ہا کتہِ دود چھم کریوٚتھ
سہہ چھم پتہٕ پتہٕ دوراں شالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم
طاقت اوسُم، قوّت اوسُم سورٕے رووُم پرٕژھیوٚن گوس!
موزوٗر پان ہیتھ کتہِ کھسہٕ بالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم
ونہٕ رأژنِ منز نبتھِ نوٚن شنصاہ وٕتھ واوس منز گوٚمُت گیر
وردِ زبان چھس کأژس تہٕ کالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم
دُزملہٕ، واو، سمندر، اَنہٕ گوٚٹ آوٕلنس منز پھُٹمٕژ ناو!
طوٗفانا دِلہٕ کِس بنگالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم
گرِ دژاس نبتھِ نوٚن دُدرٕمتی کھور ہیتھ بُتھہِ چھُم بالس شینہٕ گٹہٕ کار
مرٕ ہا ترٕ ییلہِ پپر پانژالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم
پانژألی کاو چھِم فوجو فوجو پژاران کر مرِ کھمبھوس لاش!
واو طُفان چھم شیطان نالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم

تھل ڈٕز گامَس یُپ آو شہرس هٲنزِس وولرس منز پھٹ ناو!
کھل دۆد کُملِس ترٛٹھ پیٚیہٕ بالس میأنِس حالس پٔتھ کر رحم

زیوٕ ستی کلمہٕ ڈیکہٕ ستی سجداہ دِل پوتلین ہُنٛد جاے پناہ
شۆب کیا میأنِس قبلس تہٕ قالس میأنِس حالس پٔتھ کر رحم

دُنیا دُنیا دُنیا دُنیا گٔری گٔری رأوم سأرے وأنس
گُنہٕ چھُنہٕ اند بوٗر جنجالس میأنِس حالس پٔتھ کر رحم

سوٗنتس ہردس صُبحس شامس فأنی جسمس لولہٕ متہٕ لاے
روح چھُم لۆدمُت تلپاتالس میأنِس حالس پٔتھ کر رحم

نفسن حسدن ، کبرن طمعن بُخلن گٔرنم پرٕنی ناو!
زال چھُم وۆنتھ والس والس میأنِس حالس پٔتھ کر رحم

دوہ ییٚلہِ دٕرِ لگہِ پۆہ گرٕشہِ ہارس بد رکردارس وسرن حبس
أچھ ییٚلہِ پھیرن زبو لگہِ تالس میأنِس حالس پٔتھ کر رحم

لمہٕ لم ییٚلہِ لگہِ ٹاٹھس جانس بے سامانس سوربم سٕتھ
ملکُ الموت ییٚلہٕ تھپھ ژھنہِ نالس میأنِس حالس پٔتھ کر رحم

تتہِ کیا بنہٕ ییٚتہِ سورُے نۆن گرٕشہِ اون وُچھِ پانے زگ تے پژون
چلہِ کیا میأنِس حیلہٕ حوالس میأنِس حالس پٔتھ کر رحم

پژٕژھ گاڑ ییٚلہِ لگہِ دانس دانس تانس تانس ووتھِ تھتھرا ے
نٔتھ اَژِ پانس ، ترٛٹھ اَتھ ماَلس میأنِس حالس پٔتھ کر رحم

رأچھ کر میأنِس دین و ایمانس یارن باین اولادن

برکت دِیزِکھ رزقِ حلالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم
رٕتی پأٹھی نیزِہم زحمت دِیزِنہٕ مےٚ تہٕ بیٚیہٕ میانین غمخوارن
تیماردارن اہل و عیالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم
چندٕ چُھم خأ لی زیوٗٹھ سفر چھُم وَتھ چھم واراہ ناہموار
بُڈٕ لسہٕ لالس مُلہٕ کنگالس میأنس حالس پٔژھ کر رحم



# خاموش کرپری

(ولادت : ۱۹۱۲ء - وفات : ۱۹۷۳ء)

## مُناجات

چھی گوٗنہہ میأنی ویدی ژےٚ اے بأری — پاسِ حضرت مےٚ بخش تم سأری

روز شب کارمیٚون جُرم و خطا — عفو کرتم ژٕ کرتہٕ غفأری

عأب چھِم تیتی کینہہ تہٕ چھم نہٕ شُمار — سترٕ کرتم ژٕ کرتہٕ ستأری

چُھکھ غنی رحم کر مےٚ مسکینس — مُبتلا چُھس گوٚمُت بنادأری

ہاے لوٚکچار مفت ضایع گوم — سفرٕچ کینہہ کٕرم نہٕ تیأری

رأضی تھأوِتھ بہٕ گوٚلنس ابلیسی — بأزی دِژٕنم مےٚ نفسِ امأری

در گوٗنہہ راوٕرُم مےٚ عمرِ عزیز — شرمسأری مےٚ از گوٗنہہ گأری

رحم کٔری زِ بم بوقتِ نزع رواں — تھأوی زِبم کلمہٕ برزبان جأری

بہٕ پیوٚس خاموٗش چھم نہٕ کینہہ حبس ہوش

روزٕتم رأضی بوزتم زأری



# غلام نبی عأرض

(ولادت : ۱۹۱۶ء - وفات : ۱۹۶۵ء)

## مُناجات

یا اِلٰہی عفو کرتم روسیاہ بدکار چھُس
مأرِ فتہٕ ستی سینہٕ برتم آرٕ کوّت بیمار چھُس

غفلتس منز دِہن مُشروٗم بیٚین دامن رٕٹُم
کانٛہہ گُناہ ترٛوٗم نہٕ زونم کارِ خود ہُشیار چھُس

وائے پنہٕ نِس قیمتی وقتس قدر زأنم نہٕ زانٛہہ
مارٕ موٚت لوکچار موکلِتھ شکلِ خود بیزار چھُس

پوٚز اپُز وٕنی وٕنی کرٕہنی وأنج گیٛم واوتھ پیٚیم
بُتھ پھرُم چأنِس قرآنس کوٚت بدٕکردار چھُس

نیٛہک سامانہٕ سوٚمبران آخرت روٚدُم نہٕ یاد
وٕمر سوٚرِتھ وقت گُزرِتھ خار چھُس لاچار چھُس

نازنیٖن گُل روٗخن ہُند براند زونم قبلہٕ چھُم
زُلفہٕ کِس زالس اندر پابند جاناوار چھُس

با ندامَتھ آس عأرضؔ امرِ حق مونُم نہٕ زانٛہہ
یُتھ بہٕ چُھس تیُتھ بندٕ چوٗنٕے رحمتُک حقدار چُھس



# غلام احمد فاضِل کشمیری

(ولادت : ۱۹۱۶ء - وفات : ۲۰۰۴ء)

## مُناجات

صاحبا! سرٕوری دِتم ، بختِ سکندری دِتم
قسمتُک یاوٕری دِتم! بختِ سکندری دِتم

کرمےٚ دوہے ژٕ کامیاب، کرمےٚ ذرس ژٕ آفتاب
عالمُک برتری دِتم! بختِ سکندری دِتم

جرتہٕ ڈٕکس مےٚ وٕزملہٕ ، برتہٕ دِلس مےٚ ولولہٕ
جوشہٕ دلاوٕری دِتم ، بختِ سکندری دِتم

پاوِ سنگر تہٕ کہکشان تھاوِ سوارِ آسمان
تارکن ہمسری دِتم بختِ سکندری دِتم

وُشترِ گٔنڈس تہٕ پلزٕ ہا میتٕرِ گلس تہٕ پلزٕ ہا
گُلشنُک چاکری دِتم بختِ سکندری دِتم

فاضِلنٕ نغمہٕ یم پرن علمہٕ خزانہٕ تم لبن
پورٕ دانشوٕری دِتم ،بختِ سکندری دِتم



## غلام احمد فاضِل کشمیری

# مُناجات

دِل کرتہٕ وُزملن ہُند گوڈنیُک نشانہٕ یارب
یُتھ شولہِ ہم گژھن منز لولُک مکانہٕ یارب

شوقس تہٕ دِم ژٕ وُسعت دِم دامنس تہٕ زیچھر
ہر ساعتہٕ عمرِ منز ؤتھی تھوتم خزانہٕ یارب

کینہہ بأوی تھم تہٕ کینہہ کینہہ پوشید راز تھوٗی تھم
ہیچھناوتم مےٚ سأری یم سِرنہٕ زانہٕ یارب

سوخنن مےٚ سیٚحر برتم قلمس دِتم روأنی
کرناوتم تکلُم غونچے دہانہٕ یارب

بے حد سیاہ گژھن منز پُر خطرِ سختین منز
کرتم مےٚ روشنی ہُند اکھ تھوٚد نشانہٕ یارب

فاضِل مےٚ کہکشانس لاگُن چھُ زٕہن لانکم
بروٚنہہ بروٚنہہ بہ دورِ ناون گُرزن شبانہٕ یارب

☆

# عبدالغفار مشکور

(ولادت : ۱۹۲۴ء - وفات : ۱۹۸۳ء)

## حمد

دَمہٕ دَمہٕ آدم لَس کُن نسم تے
ییٚمۍ دیُتے جسم و جان

ہر دَم لَس کُن کرو سرخم تے
لیس دپان حق سُبحان

سٔدرس وَسہٕ وُن رٹ ناوِ نم تے
ڈالی ژٔے پنہٕ شیطان

جٔس ہوش پأد کرواے کھوٗر ہم تے
مٔنزلس کُن تھاو دھیان

شولہٕ کیا چُھ ماران نارِ جہنم تے
ظأم چھِس ڈیڈی وان

تتہٕ ہو موکلاوِ اِسمِ عظم تے
کر بنٛدٕ تتھ ہتی زان

تتہِ جماہ سپدان سرہم تے
قاضی آسہِ پانہٕ رحمان

جاے خود سارِنے آسہِ ماتم تے
عملن ییٚلہِ ہو لگہِ میزان



# امین کأمِل

(ولادت : ۱۹۲۴ء)

## حمد

قُمری گبواں چھِ کمن لا اِلٰہَ اِلاّ اللہ
بےٚ پڑھ ، بےٚ پڑھ چھِ چمن لا اِلٰہَ اِلاّ اللہ

دیاں وَژھاو سہٕ، دار بن برن تھٕوکھ ٹھُرٕ دِتھ
بُتھےٚ نہٕ کأنسہِ سمن لا اِلٰہَ اِلاّ اللہ

تمے چھِ یارِ شہلِ ون.، تمے چھِ ماوسہٕ شب
سو کتھ نہ ہرنہٕ رمن لا اِلٰہَ اِلاّ اللہ

چھیپےٚ پنجرٕ دارِ أندرٕ سورمہٕ چشمہٕ لول ژھٹان
دِلے نہٕ کأنسہِ برٕمن لا. اِلٰہَ اِلاّ اللہ

زمین پھیرٕ گُلبن ، برُزٕ بام پچہِ پچہِ گے
یہٕ کیُتھ ہوا چُھ کھمن لا اِلٰہَ اِلاّ اللہ

عشق تمام بغاوت ، حسن تمام بےٚ رنگ
نمیوکھ مأنزِ نمن لا اِلٰہَ اِلاّ اللہ

اپأرٕ کنٕہ نہٕ پرستان ، نہ کاںٛہہ بشر نہ ملک
ژٕ کور کُن یہِ لمن لا اِلٰہَ اِلاّ اللہ

عجیب زأری چھُ کأمِل ، بیٚہ مایہِ کترِ پھلِن
ٕکناں چھُ لالِ یمن لا اِلٰہَ اِلاّ اللہ



## امین کامل

# مُناجات

صأحبہٕ ! کینژھا آش دِتم
أچھ ہے دِژھتم گاش دِتم

چانہٕ وجوٗدٕکۍ وعظ پُرٕم
پننہٕ وجوٗدُک باش دِتم

فِکرن تھٲوۍتھم ٹھٔرۍ دی دی
ذِکرن معنے فاش دِتم

وُڈوس نے پرٕژھم ، مرضی
توتہٕ ہنا پکھ واش دِتم

زُوۍ زُوۍ پراناں پراناں گوس
کینژھا نورٕچ راش دِتم

مشرفہٕ موت چھس ، لاج رٕچھم
یاداشک یاداش دِتم

لاچأری منز چُھس نێتھہٕ نوٚن
کینژھا داش نداش دِتم

یوِتا ہے زُو ژٲٹُمت چُھم
کینژھا اَتھ شاباش دِتم

بہٕ تہِ وُچھہن کأمِل، وُچھہن
تیٚوٗتاہ دِل آکاش دِتم



# امین کامِل

## مُناجات

یارب وَچھس اندر مے دِلاہ با خبر دِتم
مَس ڈیشہِ ،نشہِ باو، تمیُک ترٛشہ نظر دِتم

وُچھ دراس کرنہِ حرمہٕ کَہن جاناورن شکار
یُس تیر کاٗنسہِ لوے نہٕ سُے کار گر دِتم

سہلاب چُھس مے بنٛد مہٕ کر آبہٕ جوییہِ منٛز
مأدان پاتھلِہن تہٕ کوہن تان مگر دِتم

پرٛزلاو خاک میأنیٚ ژٕ دوٗدی نغمہٕ ستی
ذرن خدایہِ نارٕ برہٕن ہنٛدی مے پر دِتم

سوٗزِتھ یہِ پاٗز میون ہہن پتھر پاوٗنس
ہمت بلند نم تہٕ ہتا تیز تر دِتم

(علامہ اقبال سٕندِ اُردو عائک ترجمہٕ)



# پروفیسر رحمان راہیؔ

(ولادت : ۱۹۲۵ء)

## مُناجات

دَیہِ میٲنہِ! مےٚ چھ براتھ فقط چانٛی ذات
آیُت ژےٚ بجر چھے تہٕ ژےٚ ہیٚو کس اوقات
ٲمہِ بٕو سَرِ پرِونٛی ناو گژھم پٮ۪نہٕ غرقاب
دَیہِ میٲنہِ! ٲمی آنہٕ مےٚ فٔریادس وات

تیُتھ کر تہٕ خدایہِ! یُتھنہٕ پریشاں گژھہٕ زانٛہہ
پنٕنٮ۪ن ہندِ ڈٔسی یُتھنہٕ پشیماں گژھہٕ زانٛہہ
پردٕہن ہندِ احسانہٕ ورٲے دِیزِہم رٛوزی
بٕ چانہِ ڈٲلتھ یُتھنہٕ بہٕ وٲراں گژھہٕ زانٛہہ

یا ربّ ! اوٚنٛے وٕسایہٕ رسولِ عربیؐ
بیٚیہٕ تہندی ٹاٹھی یار تہٕ اولادِ علیؑ
محشرکہِ مُہم والنہٕ پیٚیٚس پٮ۪نہٕ منٛدٕچھن
ٲمہِ ساتہٕ یہٕ رہ زٕد ژٕبے پٔنٕن حال وَنی



(حضرتِ خواجہ بہاوالدین نقشبندیؒ سٕنٛزن ترٛبن فارسی رُباعین ہُنٛد ترجمہٕ)

# تاجُ النساء

(ولادت :۱۹۲۵ء - وفات : ۲۰۱۱ء)

## مُناجات

خدایا خدایا عفو بس خدایا
ژٕ عفوٕچ نظر کر تہٕ میےٚ کُن خدایا
کران چھس بہٕ عرضا ژیےٚ کُن خدایا
ژٕ عفوٕچ نظر کر تہٕ میےٚ کُن خدایا

ہلم دأری دأری بہ عرضی کران چھس
بخشتم خطا ووٚنی بہٕ ہردم مران چھس
نہٕ چھُم کانٛہہ سُہارا تہٕ نٔے کانٛہہ چارا
ژٕ عفوٕچ نظر کر تہٕ میےٚ کُن خدایا

خزانن ژٕ پنٕہ نٮ۪ن مُژر وٚلی وٚلی بَر
بہٕ پنٕہ نٮ۪ن تہٕ پردٮ۪ن اندر پوٗرٕ ابتر
کریما ژٕ کر پنٕہ نہِ کرمُک میےٚ سایا
ژٕ عفوٕچ نظر کر تہٕ میےٚ کُن خدایا

ژٕ چھُکھ کار سازا ژٕ بندٕہ نوازا
ژٕ باغن دِوان رنگ اے رنگ سازا
رنگو منٛز بےٚ رنگ تھٲتھس خدایا
ژٕ عفوٕچ نظر کر تہٕ میےٚ کُن خدایا

بہٕ بێکس تہٕ بے بس تہٕ لاچار گأمژ

بہ مجبور محتاج بیمار گأمژ

سکونِ دِلٕچ چھم نہٕ حاصِل مےٚ جایا

ژٕ عفوٕچ نظر کر تہٕ میٚنۍ گُن خدایا



# نشاط انصاری

(ولادت : ۱۹۳۰ء - وفات : ۲۰۰۰ء)

## حمد

ژٕ ے مہربان سون چھکھ روٗزی رسان بوٚیہِ نے حمٕد
چھکھ دِوان ژٕ ے زندگی پھیٖرِتھ نوان بوٚیہِ نے حمٕد

بے کسن ہُند چارٕ گر ژٕ ے بے اتھن اتھٕ وول ژٕ ے
چھکھ بلاشک بے زبانن ہنٕز زبان بوٚیہِ نے حمٕد

آبہٕ قطرن دُر بناوان چھکھ کنبن ، لعل و گہر!
چأنۍ قدرت بوٗد نابودس کران بوٚیہِ نے حمٕد

کارسازا! کار سأزی چأنۍ حیرت زا ژٕ چھکھ
جامہٕ سبزا سبز اشجارن ولان بوٚیہِ نے حمٕد

سوزو ساز و زیروبم چونٔے عطا دِچھِ پوٚنپرٕ بن
روٗس کچہٕ نٔے مُشکِ نافہٕ ژٕ ے دِوان بوٚیہِ نے حمٕد

رنگ دِتُھ پوشن گلابن ، نغمگی ژٕ ے بُلبُلن
حمٕد بے حد صبح دم چونٔے پران بوٚیہِ نے حمٕد

آسمانن بێیہِ زمینن ، کہکشانن ، تارکن
چُھکھ محیط ژٕ کاینااتس بے گُمان بوٗیہِ نے حمُد

سونتھ ییتھ رنگا برنگی پھُلیہِ پتہٕ موٕ أنتھ رٔژھی
ہوکھہِ متوٕ شاخو لنجوٕ منز چُھکھ کڈان بوٗیہِ نے حمُد

گُلستانن ہُنْد گُمان چھِٹہِ پوٚنپرٕن وُچھ وُچھ گرٛھان
ٔکتی رنگ تہنْدٕن پرن چُھکھ ژٕے بران بوٗیہِ نے حمُد

آبِ زَم زَم ژیےٚ دِتُتھ از سنگِ خارا ییٚلہِ یوٚژھتھ
قدرتُک ہووُتھ پٔژن ادنیٰ نِشان بوٗیہِ نے حمُد

بار صأحبو! چأنی احسان گٔنزرِ کُس؟ تیتاہ أنیکھ
چھُنہٕ بِتُر مُضطر نشاطس کر بیان بوٗیہِ نے حمُد



# نشاطؔ انصاری

## مُناجات

اِلٰہی کرُن میٚون دِل مُنجلی بپاسِ محمّدؐ ، بپاسِ علیؑ
ژٕ حلالِ مُشکِل منگے کس ژٕے ژوٗژھ مےٚ درپیش مُشکِل کرُکھ حل وٕلی
خدایا! خدأیی چھےٚ چأنی عظیم گرشھان ردٕ ہھن ہنز چھ اتہِ ژکلی
ژٕ چھکھ کارسازا ، تتھے کارساز دِوان زبو تمن یم چھ آسان گلی
مےٚ لوحِ مُقدّر چھُ وُنہٕ لاحرف یہِ تھاوُن سجأوِتھ بخطِ جلّی
ندامتھ مےٚ چھم ترٕتھ تھکبن رکرنہٕ کینہہ دِژم لتھ مےٚ مختس گرِم الٰہی
سیاہ میٚون فردِ عمل ہاوٕ کیا بروزِ قیامت بہ پیشِ نبیؐ
شفاعت ژٕ گری زبم مےٚ تمٕ سُند نصیب چھُ حاصِل رسولن اندر یس مہی
منگُن اوس وارا منگے بس یتے ژٕ تھاوُم تمو دوٗر وتہِ یم ڈٕلی
پرٕزل وُن بنِم دین و دُنیا نشاطؔ
کرُم سیوٗد ڈٕنکِچ رکھ یہِ چھم مُنی



# رشید نازکی

(ولادت : ۱۹۳۱ء)

## حمد

بحال زِندہ جواں لا اِلٰہ اللہ
گبوان روحِ قرآن لا اِلٰہ اللہ

یہِ نغمہٕ سونتہٕ ہرُد فصلِ نوبہار گرزاں
ازل ابد چُھ پھولاں لا اِلٰہ اللہ

یہِ واو سۆدُر بیکراں تہٕ سَتھ سمندر ہُم
ملُر ملُر چھُ نژاں لا اِلٰہ اللہ

یہِ وَق چُھ تیغ بدس تہٕ زندگی چھَ کرتجہِ شرٕم
أتی چُھ پناہ پرٕ ہتھان لا اِلٰہ اللہ

تھزٕر چُھ عالم قدسُک مُحمّد الرّسول اللہ
مُحمّدس چھُ روحِ رواں لا اِلٰہ اللہ

نظر اگر بخشی زبے ذرّہ تابہ فلک
وُچھکھ چُھ وِردِ زباں لا اِلٰہ اللہ

بہٕ روزٕ یا نہٕ روزٕ یہِ زندگی چھُ تاپہٕ شہُل
ازل ابد چُھ جواں لا اِلٰہ اللہ

☆

# غلام نبی ناظرؔ

(ولادت : ۱۹۳۱ء)

## حمد

اَلِفِ زِ اللہ اللہ کر اَللہ اَللہُ اکبر
پأدِ کوٚرُن سورُے عالم سُہ چُھ کُن تَس چھُنہٕ کانٛہہ ہمسر
پھیرِ پھیرِ حمد کرو تمِ سُند پۄرِ سرو أسی تسُند بجر
أچھ گاش حبس ہوش دِل تہٕ دماغ زیو ہیتھ قوت عقل زبر
پأدِ کرِن کُل مخلوٗقات مخلوقاتن منز آدم سر
تسٕندی چھِ اَسہِ پیٹھ ۂتی احسان سایہِ پُنُن تھووُن بر سر
لچھِ بَزٕ نعمژ اَسہِ دۄسی یاب آب ہوا تھووُن میسر
رنگہٕ رنگہٕ تھووُن موٗ مہیا کھین چین اوٗند پۄکھ پوشہِ انٛبر
تمی دیُت لکبھنگ پرٕنگ حبس تمہِ ۂتی انسانس چُھ ھر
جنّت بنأوِن سأنی کشیر حُسنُک پرتو ہیتھ زَر زَر
کم جنگل کم کم دٔریاو باغ تہٕ ناگ تہٕ ڈل بڈٕ سر
عظمتہٕ وأیِس تھدِ تھوٚد شان بیٚیہٕ چھُنہٕ کانٛہہ تیٚتھ طاقتور
ہمت ، حوصل ، رُت توفیق یارب بیٚیہٕ دِ کُشادٕ نظر
منگان چھُ ربّ زِدنا عِلماً حأضر نأظر چھُکھ یاور

☆

## شہیدؔ سلمانی

(ولادت : ۱۹۳۱ء)

# مُناجات

اکھ نگاہِ کرم اکھ نگاہِ کرم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم
تھرتہِ چأنی مےٚ چھم ستھ تہِ چأنی مےٚ چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

عأبہٕ لد چھُس خطا کار چھُس روسیاہ
بندٕگی چأنۍ کٔرمےٚ نہٕ دِلہٕ جانہٕ زانٛہہ
نفسہِ امارٕ نے دیُت مےٚ ہر ساتہٕ بربم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

میأنۍ اعمال ڈیشتھ چھُ شیطان خُجل
میون سرمایہٖ بس اکھ گنہگار دل
از یہِ دِل چھُم پشیمان چھم چشمہٕ نم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

رات گیہِ زیٹھ طوفانٕسے منز لۄگُس
آوٕلنٕہسے اندر بۄڈ گناہ گار چھُس
ناو سۄ درس اندر چھم ژٕ بۄٹھ لاگتم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

آوٕروۄس بہٕ ہر ساعتہٕ شیطانٕنے
راوٕروۄس دوہے نفسِ امارٕنے
تس پتے تُل مےٚ ہر ساعتہٕ پرٕ ہتھ کانٛہہ قدم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

پرٕ ہتھ شہس منٛز کٔرِم ساسہٕ وادَے گُناہ
عالمس منٛز مےٚ ہیوٚ کانٛہہ گُناہ گار چھا؟
نا وۄمیدی اندر چأنی وۄمید چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

چھےٚ عفو ٹوٚٹھ گوٗنہن مےٚ کرتم عفو
پانہٕ فرموومُت چھےٚ ژےٚ "لا تقنطو"!
رحمتس چأنہِ ہےٚ ما گژھی کینٛہہ تہِ کم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

وقتِ آٔخر نیٚزِہم پوٗرٕ ایمان ہتھ
دستگیری ژٕ کٔریٚزِہم سو چھم بڈٕ مِنٔتھ
رحمتچہِ پھُلیہِ ستین ژٕ بٔریٚزِہم ہلم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

اند مزارس مےٚ ییلہِ قبرِ منٛز ساونم
دُنیہکھ لُکھ مےٚ گُنہِ ہےٚ ژٔنس تراونم
نۄرِ ایمان دِزِہم چھےٚ ژےٚ کُنٛزُک قسم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

چھوٚن تہٕ نوٚن آسہٕ آسم نہٕ سرمایہِ کانٛہہ
تھ گٔژھس مژ دزہم جلویے مصطفیٰؐ
یُتھنہٕ پامن لگے رٕ چھز میونے بھرٛم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم
مێانہِ حالچ ژٕ ے چھے پانہٕ سارٕے خبر
روسیاہ چھس خطاکار چھس سربسر
بوٚڈ کریما ژٕ چھکھ پژھ تیٚچ پوٚر چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم
بوٚڈ رحیما ژٕ چھکھ پژھ تیٚچ پوٚر چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم
بوٚڈ غفارا ژٕ چھکھ پژھ تیٚچ پوٚر چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم
بوٚڈ ستارا ژٕ چھکھ پژھ تیٚچ پوٚر چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم
بوٚڈ رزاقا ژٕ چھکھ پژھ تیٚچ پوٚر چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم
میون یاور ژٕ چھکھ پژھ تیٚچ پوٚر چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم
مێون مولا ژٕ چھکھ پژھ تیٚچ پوٚر چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم

کار سازا ژٕ چُھکھ پڑھ تٔمۍ پوٕر چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم
چارٕ سازا ژٕ چُھکھ پڑھ تٔمۍ پوٕر چھم
یا الٰہی ژٕ کر اکھ نگاہِ کرم



## عبدالرحمٰن آزاد

(ولادت : ۱۹۳۲ء - وفات : ۱۹۹۶ء)

# مُناجات

دیپہٕ کھےٚ تہٕ ساڈٕ پاُٹھٕ پٕنن سیوٚد مُدا ونے
کیاٚ کیا ونے بہٕ کوٚت ونے ، کیا نہٕ کیا ونے

ہےَ ہے بہٕ لولہٕ ناٚری ؤلُس کس بہٕ کیٚاہ ونے
وٕچھٕ کتھا مےٚ ونتہٕ کٔمس ژےٚ سوا ونے

جلون ہیٚزن شرابہٕ کولن ووند مےٚ اکھ جہاں
بیٚیہٕ چھُنہٕ مےٚ کینٛہہ بکار ژےٚ زٕوس لا اِلا ونے

گِندٕ باشہِ آشہِ چانہِ کرہم دِلبری گٔرتھ
مستانہٕ مٔژ نظرِ تہِ کرکھ دِلرُبا ونے

بے وایہِ پانہٕ تُج مےٚ تہٕ شاخ گُل ژٕٹم
دامن ووں چاکھ چاکھ مےٚ پٔنٕنے خطا ونےَ

ہا دِلہٕ کہِ تاجدارِ ژےٚ نےَ دِل تہٕ شٕل وندے
اڈلیوٚک یہِ جسم و جاں مےٚ گرٕشہم بے مُدا ونے

مژرِکی فسانہٕ میأنی پرکھ موٗت ہُری شباب
کیا ابتدا ونے تہٕ بہٕ کیا انتہا ونے

دیو لگہٕ بٔتھِس یہٕ ناو محبت مےٚ کھوٗر ہم
ہمراہِ خود مےٚ بوٚنٹھہٕ نمس مُصطفیٰؐ ونے

آزاد چانہِ نالہٕ ژٹان ہے نبُک جِگر
اَشہِ وانہِ چانہِ کوٗر مےٚ وُضو با خدا ونے



# حامدی کشمیری

(ولادت : ۱۹۳۲ء)

## حمد

خداوندا چھُ تھدِ تھۆد شان چۆنُے
گٹن اندر وُچھم نۆرانہٕ چۆنُے
مےٚ چانٚس رحمتس پیٹھ یژھ تہٕ پژھ چھم
ترٹن اندر رُٹُم دامانہٕ چۆنُے
چھِ کُلۍ کٹۍ ، پل تہٕ انسان چانۍ کل ہتھ
کران جن و ملک شُکرانہٕ چۆنُے
بجز حأرتھ مےٚ کیا چُھم باگہِ آمُت
أزیک پگہٕ تُک یہِ حأرتھ خانہٕ چۆنُے
ژےٚ نِش کر آوٕریرٕو دۆر رۆدس
پیوان چُھم ظون دِلس ہر آنہٕ چۆنُے
ژےٚ رۆس کُس یتھ گٹِس اندر بہٕ ژھاران
دزان چُھکھ شمع چُھس پروانہٕ چۆنُے



# خضر محمد عارف

(ولادت : ۱۹۳۲ء)

## حمد

اے قادرِ کل کاینات اے خالقِ یکتا
وُسعت مےٚ چھا کرٕ بہٕ چانٛین صفتٕنے رقما

پٕزی پاٹھی خدا ژٕے ژیٚے اتھِ لوح وقلم چھے
اَتھ منٛدس پیٹھ بیاکھ کانٛہہ ماچھے ژٕے شریکا

گامن تہٕ شہرن بُستین پیٹھ سایہِ چونُے پوٚر
نیکن تہٕ بدن چون رزق چون طریقا

اکہِ طرفہٕ قہار آسنُک چُھم خوف دِلس منٛز
بیٚیہِ طرفہٕ جبار آسنُک تسکین سلیقا

اکھ اوس خدا اکھ قرآن اکھ اوس پیغمبر
گٔے فرقہٕ بٔندی مِلتس کُس چون فریقا

اُڈی زُلفہِ زالس منٛز گمتی بند مثلِ جاناوار
عأرفن تہٕ پٕنٕز پاٹھی قلمس ہاوی طریقا



## موہن لال آش

(ولادت : ۱۹۳۴ء - وفات : ۲۰۱۱ء)

# خدایہِ ووٚنی رحم ژٕ کر

أتھرِ کیٚموٕ گولاب کھیٚو و
ٹینکہٕ ہٹٕنٛز تہٕ ژأپی ہٕی
باغٕ پر پھوجا یہٕ کر
نارٕ تیٚونگل چھُ وُچھ پھٕہان

رٕگیٖلی وَنس ہیٚوتُن الاو
تیٚونگل بُرکھ کرٕنزن اندر
چھہِ لاشہِ ووٚنی ٹنگے نژان

بٕنیٖل گرٕشان چُھ لاَ اِلا
پوٚشہِ پدٕبن تہٕ چاکھ گٔے
جویہِ پھرٕکان چھہِ نار ہا
زوٚنہٕ ڈٕبن تناب گییہِ
خبر یہٕ راتھ زیٖتھہِ ٕکژ
قہر چُھ جایہِ ژٕینٛی کڈان
سرٕکہِ ڈٕوند ڈٕلتھ تھوٚوکھ

کوٚلَن چُھ ترٛیشہِ ہُند پپاس
نیٚبرٕ چھُ یُپ بٔڑھن ژٔٹان
أندرٕ چھُ نار گگھ بران
گولاب پھٔلی تہٕ سۄرٕ گے
یینبر زوٚلن ٹھِکانہٕ روو
خبر کیاّرٕ سو شینہٕ ژھٔٹھ
بالہٕ پٔتۍ گٔمرٕ وہلٲسۍ
ہتا گٔجم تہٕ سۄر پھوٚل
شُنیاہ موٗغُل چھِ ڈۄلی ہتھ
وُچھن خبر چُھ کیا شبس
وُنگان چھِ ہۄنٛی از ژوپاّرٕ
دپان کوٚلن سُہ تار روو
خدایہِ ووٚنی رحم ژٕ کر



## غلام نبی گوہر

(ولادت : ۱۹۳۴ء)

# مُناجات

وُنُن اوسُم، وَنے، وَنتم ونے کیا
وُٹھن پیٹھ چُھم وٕٹسی حرفِ تمنّا
کھٕلِس فِضہس مےٚ دِم مُرشِجار آلیُک
دٕلِس تل یُتھ ہمن ہتھ ساس صحرا
جُنبِش نبضِچ وَچھِچ دُبہٕ رابے نالان
یہِ دَم پھٕٹی راز ما سپدِیوم افشاء
رٹن ہانژِل ، ژٹن بیگارِ لاگن
کرُم ژٕرے ناوِ سٕہچہِ گوٚد بدریا
مےٚ تے گوٚژھ أندٕ پکِھس کانٛہہ نعرِ یارا
یہِ گوٚپھ بل میٚون تے وأنا کھ تنہا
پدٕہن دِم گاش چھس ظلمأتی زٕتنیٲہ
پہمتی کانہن وَتن چھم خضراعےٚ
کھٕتِھ تھوٚتھس پھٕٹِتھ کٕڈتھس جنٛک ہٕو
سِرس ارزتھ رُچھم تی چُھم تمنّا
یمن متھ عطر ارکھلی پھکھ ژٕ گالکھ

یمے نرِ زنگہٕ مےٚ چھَم یاور تہٕ اعدا
خیالو سترِ کأنس بڑیے مےٚ أنی ہم

یتھن آمبن پنن پومبری بہ وونا
ژٕ کاسُکھ کھُر تہٕ کھارُکھ دورِ پنہٕ نے

مُرّمِل وۄنی زبکھ از سِرّ اَسرٔ
اَہَس میأنس دِ اِسرافیلہٕ سُنٛد سُر

وُتھن پیٹھ واتہِ کرِ محشر تہَ برپا
رٔسُل تیُتھ موے برُم ییتھ آبگینس

گژھن یُتھ یمبرزٔلی مس کھاسہ شیدا
بنبم شاخِ نباتُک سرٛیہہ یہ حنظل

لِسان الغیب گژھِ سوخنن مےٚ فلوا
پدبن میأنبن منزِل آویزٕ رۄزِن

قدم میۆنُے بنُن گوٚژھ دشت پیما
یہ گوہر چھیکرس گوہر بناوُن

لُگن  عنقا تھوُن پننبن مہیّا

☆

## غلام نبی گوہر

# مُناجات

گونہن ہُنٛدٕ ے گوٚب بار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم
اوٚنٛد پوٚک مےٚ نارٕ ے نار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم

بوٚلُم تہٕ بد بۄزُم تہٕ بَد ووٗتُم تہٕ بد سۄزُم تہٕ بد
بٔدی یَنِ ہُنٛدٕ ے کردار چُھم استغفرِ اللّٰہ العظیم

کانٛہہ چُھم نہٕ دردل داد خواہ کانٛہہ چُھم نہٕ یاور ژٕ ے سوا
کُس پُشپناہ کُس یار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم

کرتوٗت پچھ اعمالِ بد کٔری پاپ کأتیاہ بے عدد
پتہٕ لٔم تہٕ بُتھہِ چھمب چھار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم

بندس چُھ بٔدی یَنِ ہُنٛد ہٕرر آغس چُھ احسانک بجر
احسان بس درکار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم

تل آس پیٹھہٕ چُھم کوہِ غم دَم گوم چُھم رنج و الم
بوچھہِ وُنِ نٔمک شہمار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم

اُمید چھم اُمید تُو فرمان چون لاتقنطو
سرکار بخشنہار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم

ژیٔ حض مےٚ دیُت تھم زُوتہٕ جان ژٕ ے دِم امان ژٕ ے دِم امان
برہم گومُت گرِ بار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم

ہیوٚن دیُن فقط عصیان بوٚ قالوٗ بلیٰ نسیان گوٚ
اَپزٕ ے فقط باپار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم

کر مغفرت سوٕ ے چھَم ووٚمید لرزان چُھس زَن مثل بید
ووٚنی ورد استغفار چُھم استغفر اللّٰہ العظیم

گوٗہر ہژر لَد چُھس پشان افسوس در پیری کھوٕان
شافع بنی مختارؐ چھُم استغفر اللّٰہ العظیم



# مُشتاق کشمیری

(ولادت : ۱۹۳۴ء)

## حمد

جہانٕک رأچھو دَر، اللہ اکبر
چُھ تٔسی شۆباں بجر، اللہ اکبر
نبس راتس چھِ تارک زۆن تابان
دوہس تاپُک ترٛٹر، اللہ اکبر
دِماغن منٛز وقوٗفِچ ترٛاے بیۆن بیۆن
دِلن بیۆن بیۆن اثر، اللہ اکبر
دِواں خاکس اندر زُو بیاٖلی دانس
پھولان گُل کیا زَبر، اللہ اکبر
کمالِ حُسن بخشُن آبشارن
سَرَن ، آرن مژر ، اللہ اکبر
چُھ بیۆن بیۆن حظ تہٕ بیۆن تأثیر مئون
ژوکبر ، میچھر، ٹچھر، اللہ اکبر
وَنن اندر تہٕ آبس منٛز تہٕ مخلوٗق
وَسیع تِمی سِنٛز نظر ، اللہ اکبر
نین مرگن حسین، خاموش دُنیا
چُھ سرین شورو شر، اللہ اکبر

چھِ یم سَر، واو، گُلشن، بونہِ شیٚہجار
بہارٕکی معتبر، اللہ اکبر

کوٚٹھِش، سردی، پھُلے شینٛچ تہٕ ہوٗ ہوٗ
زٕمِستانکی گبر، اللہ اکبر

أچھن منز گاش، گاشس پأرِ زاناہ
وَچھس بخشُن تھزر، اللہ اکبر

چھِ کینٛہہ انِپر، تِمن میٚچھر کلامَس
اڈٕبن پٕرِ پٕرِ ٹیٚچھر، اللہ اکبر

ہُہ موسیٰؑ رٕوچھ فِرعونن بوسہٕ کٔرِ نَس
یہٕ عیسیٰؑ بےٚ پدر، اللہ اکبر

دِلن ہنٛزٕ رایہِ زانن وول مولا
چھُ تٔسی اَتھِ خیرو شَر، اللہ اکبر

شفیقاہ، پُش پناہا، مہربانا
تِمِس چھُنہٕ کانٛہہ وٕپر، اللہ اکبر

اِرادس منز چھُ اکھ میٚنارِ کعبہ
بیٚیس اَلہٕ موٗرِ تھر، اللہ اکبر

أکِس بخشُن دِلاہ لولُک سمندر
چھُ بیٚیہٕ سُند دِل قبر، اللہ اکبر

چھُ أکی ہنٛزٕ أچھ خلوٗصُک حوضِ کوثر
بیٚیس نظرن کھوچر، اللہ اکبر

حکوٗمت شوٗبہِ تٔسی قانوٗن تٔمی سُنٛد
تسُنٛدے شوٗبہِ ڈر، اللہ اکبر
سہل پأٹھِن چُھ تاراں فِکرِ مُشتاق
یہِ کس نتہٕ چھنہٕ خبر، اللہ اکبر



# مشتاق کشمیری

## حمد

فرمان بر چھُ چوٗنُے شام و سحر خدایا
شمس و قمر خدایا بیٚیہِ خشک و تر خدایا
سٕنٛز نار کوہ بیابان سر سبز مرگہِ مأدان
یم اَسہِ چھِ فِکرِ تاران چوٗنُے بجر خدایا
اندٕ وندٕ کمال چوٗنُے حُسن و جمال چوٗنُے
کاسان خیال چوٗنُے خوف و خطر خدایا
آبس دِژتھ روأنی چأنی چھِ میٚہر بأنی
اتھ پیٹھ چھُ زندگأنی سأنی بَسر خدایا
شہرس تہٕ بیٚیہِ دیہاتس مولا ژٕ کأئناتس
موتس تہٕ بیٚیہِ حیاتس پیٹھ چھےٚ نظر خدایا
ژٕے تأبیاہ چھِ انسان جن و ملک تہٕ حیوان
ہیتھ آو چون قرآن پیغامبرؐ خدایا
وُچھ وُچھ گژھاں بہ حأران کأتی یا چھِ چأنی احسان
اُلفت مےٚ برتہٕ سیٚنس نۄرِ یقین جبیٚنس
کرٕ ہا نثار دیٚنس جان و جگر خدایا

☆

# مُشتاق کشمیرؔی

## مُناجات

چشمن عطا مےٚ کرتم لُطفچ نظر خدایا
شوقس بخشتہٕ میانِس عرشک تھزر خدایا

عرفانہٕ پنہٕ ستھن پرٕزلاوتن جبین میٲن
سپداوتم مےٚ رشکِ ماہ و مہر خدایا

میانِو اَتھو جہاں گوٚژھ خاٲرکی خزانہٕ پرٛاوُن
میانِو کتھو ژٕ کرتن نابوٗد شَر خدایا

متہٕ تھوتہٕ تاَبیا زانہہ مولا مےٚ خاہشن ہُند
ہیٚچھ ناوتم ژٕ روزُن فرمانبر خدایا

علمُک تہٕ پاک ادبُک سپداوتم ژٕ خوگر
تُل میانہِ فِکرو فہمکی ودِرس مَلر خدایا

شارن اندر چھُ مشتاق یم آرزو گُزاراں
ژٕ ے پاد کرتہٕ اَہنُد بن شارن اثر خدایا

پنہٕ نِنن عظیم بندن ہُند لول برمے سینَس
تمہِ لولہٕ یرٕھتہٕ برٕہن خشک نو تر خدایا



# منظور ہاشمی

(ولادت : ۱۹۳۵ء - وفات : ۱۹۹۷ء)

## حمد

کمہِ ناوٕ ناد لایِے ہر ناوٕ ژٕے خُدا چھُکھ
صاحب ، شفیق، یاور ، محسن ژٕ ناخدا چھُکھ
ہنگامہِ کایناتکی ژیٕے نِش بنان توانا
یۄدوے خموش سأکِت ، بے سَتھ تہٕ بے صدا چھُکھ
پرٕبتھ آش ییلہِ چھےٚ سوران روزاں چھےٚ آش چأنی
مُہمس اندر فقط ژٕے، ژٕے یوت آسرا چھُکھ
اجسام و اجزٕہن منز پیہم چھِ پیچ و تأبی
ذرن تلاش چونُے پرٕبتھ کأنسہِ ہُنٛد مُدا چھُکھ
گگرایہِ منز ژٕ آواز، جوینی اندر ژٕ چھُکھ ساز
رازس اندر ژٕ چھُکھ راز اَمہِ نِشہِ تہٕ ماورا چھُکھ
ظأہر اگر خطا میٚأنی سپدن کرن مےٚ سنگسار
ہے پردٕ پوشہِ! ترأوِتھ میٚے پٹھ پنٕنی رِدا چھُکھ
بہٕ اَے چھُس بشر تہٕ میٚے نِش سرزد خطا تہِ سپدن
ژٕ اَے چھُکھ تمام رحمت ، مہرو وفا دُعا چھُکھ



# منظور ہاشمی

## مُناجات

زمین تنگ تر سپز مژ ، آسماں نا مہرباں گوٗمت
دولابن منز چھِ ہینہٕ آمتی، کڈر کارِ جہاں گوٗمت
گوٗبے ٔمتی سأنی قدمے، دوہ کڈُن کوہِ گراں گوٗمت
پنُن احسان، پنُن فضل و کرم ارزاں کر یارب
بوجہِ سرورِ کونینؐ لُطفچ اکھ نظر یارب

چھِ پھیران دربدر، آوارٕ گأمتی أسی پریشاں حال
چھِ پھٔری متی کار پننی، مارٕ گأمتی أسی پریشاں حال
وِقارے راوٕ روو، لاچار گأمتی أسی پریشاں حال
پریشأنی تہٕ بد حألی اَسی نِش دوٗر کر یارب
بوجہہ سرورِ کونینؐ لُطفچ اکھ نظر یارب

عجب درماندٕگی بے چارٕگی و ذُلت چھ عام و خاص
چھِ صف ہٕلی ڈٔلی، ذِلتھ مرکز چھ نظرو، أسی بٔنیمتی داس
أتھر اُنجرٕ چھےٚ تارن جامہٕ وارس ، رووٕمژ اَتھواس
عطا کر رووٕمُت سوزِ جگر ، ذوقِ نظر یارب
بوجہہ سرورِ کونینؐ لُطفچ اکھ نظر یارب

متاعِ فخرراوان، زندگی ہٕنز دِل گٔشی راوان
گُمانن پیروی گٔری گٔری یقینٕچ روشنی راوان
گُلِس لۆگمُت سو سُر مۆلن، چھےٚ اِنساں دوستی راوان
عنایت کر متاعِ آگہی ، شوقِ نظر یارب
بوجہہ سرورِ کونینؐ لُطفٕچ اکھ نظر یارب

گُلستان زندگانی ہُنٛد دزاں اَبرِ کرم بن سأ
گولابن ،مسولن ہۆچھمٕژ زباں ابرِ کرم بن سأ
بیابانس چُھ پیہم پھۆر پھرٛکاں ابرِ کرم بن سأ
ژُپاسے نارمےٚ تاوا ، دزاں شہر و بحر یارب
بوجہہ سرورِ کونینؐ لُطفٕچ اکھ نظر یارب



# مشعل سُلطانپوریؔ

(ولادت : ۱۹۳۶ء)

## حمد

مےٚ یژھ تہٕ پژھ چھُ یہ ایمان لا شَریکَ لہٗ
ژ تھاو پژھ تہٕ یہِ کتھ مان لا شَریکَ لہٗ

کُنُے چھُ، اوس کُنُے، آسہِ کُن تہٕ روزِ کُنُے
کُنہٕ فقط چھےٚ تہندٕ شان لا شَریکَ لہٗ

ژُبان تسٕ چھےٚ عبادت تہٕ بندگی تسٕ یوت
یہِ کتھ چھےٚ حأصل قرآن لا شَریکَ لہٗ

تھےٚکان روٗزی تن علم الکلام، فلسفہٕ کانٛہہ
یہِ کتھ چھےٚ قاطع بُرہان لا شَریکَ لہٗ

دٔلیلہٕ کم تہٕ دِین لکھ، ثبوت ءکتی أنِن
پوٚتُس چھِ تم تہٕ یہِ مانان لا شَریکَ لہٗ

نہ مشورس چھُ تمِس کانٛہہ نہ داے دِنسے کانٛہہ
یژھان یی چھُ تی سپدان لا شَریکَ لہٗ

نہ قوٗدرتھے چھےٚ بنیِس کأنسہِ ہاوِ زور پننٛہٕ
نہ دس رہے زمانہِ آن، لا شَریکَ لہٗ

نِمان أسی گُلبن کینٛہہ، کنِن تہٕ ناگن کینٛہہ
نبی کران اعلان لا شَریکَ لہٗ

منگُن چھُوے تہٕ منگِو تس چھِ أسی تہٕ تسی محتاج
چھِ اولیاء تہٕ یہٕ باوان لا شَرِیکَ لَہٗ

چھےٚ آبہٕ جو یہٕ وسان اِدٕ وٕسن کپأری وَسن
چھےٚ آب آگرٕ انان لا شَرِیکَ لَہٗ

کرم اگر نہٕ تسُند آسہِ پرٕتھ عمل بیٚکار
منگیٚوٕس فضل تہٕ احسان لا شَرِیکَ لَہٗ

سبٕٹھاہ کرتہٕ عبادت گُمانہٕ یُتھ نہٕ گژھی
گژھان خوار چھُ شیطان لا شَرِیکَ لَہٗ

گناہ کیٚتھ تہٕ کرکھ یوٚد دِل اے پھُٹِی تہٕ عفوٗ
شِرک مگر نہٕ سہٕ زٕ روان لا شَرِیکَ لَہٗ

دِوان سُے چھُ عطا سُے کران ، سُے سوزان
پنا ژےٚ زانہہ تہٕ ڈلی دِیان لا شَرِیکَ لَہٗ



# مشعل سُلطانپوری

## مُناجات

وَتہِ وَتہِ چھکرِتھ شوٕرِ تہٕ نار
بار خدایا پاپ نوٕار
اکھ اکھ پوٚد تژاوُن دُشوار
بار خدایا پاپ نوٕار

ہُندُر تاپہٕ پژوِ وگہٕ لان
شِشتٕرتان توٕنگلو نرمان
پوٚز مےٚ تِتھے پأٹھی ترکہٕ جار
بار خدایا پاپ نوٕار

دکہٕ زَد گژھی گژھی روٗدُم آپنھ
منٛدٕنی گاشن گرنم ژھاپنھ
منٛتس پانژو بہہ ترٕچ کھار
بار خدایا پاپ نوٕار

واوٕ گلوٕ وٚولہٕ ہس پنہٕ تُل
واو کران چھم سپدُم بُل
ہردُک ژھوکھ زوٗنم سبزار
بار خدایا پاپ نوٕار

کھوکھشہِ کران ووُنس ''ناگام''
وہی اوٗت وأتِتھ آلُش آم
بروٚنہہ پکنَس ٹھوٚر ڈوٚنی گلی نار!

بار خدایا پاپ نوٚار

بُٹھی بُٹھی یکی یکی آدن روو
وبتھِ ملرو تیُتھ بیِما ہوو
وٗنی کم دوہ گُنہِ لبہِ ناتار
بار خدایا پاپ نوٚار

گُٹھِ گُٹھِ پھیوٚرُس سواد تہٕ دوٚن
گُنہِ کوٚنس منز چھُمنہٕ سکوٚن
رنگہٕ مندورِ تہٕ دودریو دار
بار خدایا پاپ نوٚار

جُری جُری چونہٕ تہٕ گری گری گچھ
ہَتھ اَتھِ آم نہٕ گاٗلتھ لچھ
پچھِ پتھ پچھِ چھ وسان دیوار
بار خدایا پاپ نوٚار

ژھنڈی ژھنڈی تروومِ اکھا اکھ گوپھ
سونہٕ سُرٕ رووُم پننے روپھ
ٹوپھ ٹوپھ روٚدی دِوان شہمار
بار خدایا پاپ نوٚار

یؠ مےٚ کھوٚٹم تؠ بازر پیٚوم
ابسأوی ابسأوی رٕوُدُم اوم

ثابت سپدُس مالگہٕ ہار
بار خدایا پاپ نوِار

ژھوکہٕ وِنہِ شہہٕ آمُت مشعلؔ
کھوکھشہِ کران ییتھ براندس تل

بخشُس ،گاٹہٕ ٹلُن بِسیار
بار خدایا پاپ نوِار



# مشعل سلطانپوری

## مُناجات

پکھو رٗوس گوس جاناوار بخشم
وُڈُن گوٗمُت مےٚ چھُم دُشوار بخشم

پنٕنۍ اعمال ڈیشتھ مند چھان چھُس
مےٚ گونہٕ ہن چھِم گمتۍ انبار بخشم

پھُلے باغس لجے ، پیٚو شیٖن بالن
وُں چھِنہٕ موٕ نیرٕنکۍ آثار بخشم

لولے منز للہٕ وٕہتھ تھوٕہتھ دِلس منز
مژر یُس اَنہِ تیُتھ انہار بخشم

"نماز و روزٕ و قربانی و حج"
بنوٗم سأری سے باپار بخشم

پھوٚرُس پانس سونس واوتھ مےٚ ترأوم
یہٕ نۍ لوٕ نکنِس کھئنڈ ہار بخشم

یہِ سوٚمبران گوس تتھ گو ژوٗر ساران
اَژتھ زیٖنتھ تہِ چھُس نادار بخشم

سوکھُک مُہ مُک سفر، قانونِ قدرت
سوکھس سأری چھِ، مُہمس یار بخشم

ژھوٗلس منز آس ہینہٕ، گوٚٹ گوم سمسار
مےٚ بُتھِ چُھم چھمب تہٕ پتہٕ چھم لار بخشم

تہٕ چُھس دم پھٹ گوٚمُت وٚولُمت گوناہو
کر اَے رِتھہٕ پاٚٹھی کرٕ انکار بخشم

تہٕ کوٚرمُت چُھم تہِ چُھم سورُے اُچھن تل
گُرِتھ ما چُھس ہیٚکان اظہار بخشم

یُمی وَتہِ چُھس پکِتھ، نزدیک واتان
دِوان شیطان تتھی دیوار بخشم

یتھے اُچھی ٹنڈ گیم، لوکچار رووُم
بُڈیومُت چھس وٕں یی نے عار بخشم

گُرِتھ بُتھی کھٔنڈ لِکھان مشعل مناجات
شفیع اوٚنمے نبیؐ موختار بخشم



# مکھن لال کنول

(ولادت : ۱۹۳۶ء)

## مُناجات

ٹاٹھِ! ہے مہربانہٕ ! معأفی دِم
زانہٕ وُن چُھکھ تہٕ پانہٕ ، معأفی دِم

کیاز تھٔوی تھم وتن تیٚونگل وٕہرِتھ
چُھس دزان دانہٕ دانہٕ ، معأفی دِم

شاپہٕ لد چُھس بہٕ راشہِ پھل بۄگان
ہر مےٚ پاپن ژٕ پانہٕ ، معأفی دِم

چُھس گٔٹن منز ودان زِ شامل شُر
تاپہٕ ٹیٚوک رِگند شبانہٕ، معأفی دِم

چُھس بہٕ پانس رِگندان ژھیپل ژھانجن
چُھم مےٚ گیلان : زمانہٕ، معأفی دِم

جایہِ ڈٕلی تھےٚ مےٚ سایہِ سورُے ڈۄل
پانٕہٕ کاسُم وکانہٕ، معأفی. دِم

چُھکھ دیالوٗ مےٚ یَژھ تہٕ پژھ چأنی
چھُم نہٕ ووٚنی کانْہہ گُمانہٕ ، معأفی دِم

چون دوربر تہٕ دگ دِلس جگرس
کانْہہ تہِ سمکھُن بہانہٕ ، معأفی دِم

اکھ لوٗکُٹ دِل تہٕ لچھ صدم وٚتہٕرنی
ووٚنی وَنے کم فسانہٕ ، معأفی دِم

چھانہِ بر اندٕ چ یہِ لژھ مےٚ کیمیا چھم
چھم ڈٕکس سُے نشانہٕ معأفی دِم

زر چُھ کنوٗلسؔ وٕں شَر دِلَس کاسُم
چُھس پیوٚمُت آسمانہٕ، معأفی دِم



# غلام نبی خیاؔل

(ولادت : ۱۹۳۶ء)

## مُناجات

سَرو سبزر دِم بوٕنہِ بجر دِم یا اللہ
کوٚستوٗرَن ہُند بولہِ سحر دِم یا اللہ

سِریہِ اپور تہٕ عرشہِ گژھتھ وُچھ حق تہٕ حُسن
بس اکھ برٛزاہ تژھے نظر دِم یا اللہ

رُدِ راٗژن منٛز زِتنن پتہٕ پتہٕ لاران چھس
تاپہٕ ٹیکِن ہُند روپل سحر دِم یا اللہ

کوچھِ منٛز اوُسم مندنیگ وہشلُن سے زَن ژھیوٚ و
موچھِ منٛز ژولُمت گاشہِ پہر دِم یا اللہ

بدنس بدنس وُزملہِ دوٗر تہٕ نارِ الاو
نبضس نبضس خوٗنہِ مَلر دِم یا اللہ

وُٹھ چھم پھیشان ترٛیشہِ پھیر بن چھم واتن دوٗر
تھوٚکمت چھس ہیٚیہِ عزمِ سفر دِم یا اللہ

پنہٕ کأنِس مولہٕ ناوَن مولہٕ وِتھ أچھن متھن
سُے یوسوف تہٕ سُے بازَر دِم یا اللہ

باکہٕ ژھٹان یہ شہر وُچھان ووتُم وقتاہ
بییہٕ سُے اَسہٕ وُن سری نگر دِم یا اللہ

نورٕ ہکم دوڑِھ دوڑھِ مولہٕ ناوِ کلامِ خیالؔ
شار بہ وَنہٕ شعرن ژٕ اثر دِم یا اللہ



# مرغوٗب بانہالی

(ولادت : ۱۹۳۷ء)

## حمد

ربّنا پرٛتھ رنگہٕ چھُکھ ژٕ ے لایقِ حمد و ثنا
ربّنا پرٛتھ بجرٕ کِنۍ چھُکھ ژٕ ے کبیر و کبریا

ربّنا پرٛتھ کار سأزی چأنۍ رٕژ تہٕ خوش نُما
ربّنا پرٛتھ کانٛہہ نِظاما چون دوٚر تہٕ دِلبرُبا

ربّنا ژٕ ے مُمکنا تس ابتدا ژٕ ے انتہا
ربّنا ژٕ ے شش جہاتس ازل و ابدس آشنا

ربّنا خالق تہٕ مأ لِک پرٛتھ أکِس کُس ژٕ ے سِوا
ربّنا معبوٗدِ برحق چھُنہٕ ژٕ ے رٕوس بیٚیہٕ کانٛہہ اکھا

ربّنا ژٕ ے عِلم و حِکمت کوٚ مدو نِشہٕ ماورا
ربّنا ژٕ ے مُعرفتہٕ کِنۍ رٕ ہرون ہُنٛد رہنما

ربّنا ژٕ ے بعدِ مُہلت ظأ لمن دیُن تگہِ سزا
ربّنا ژٕ ے نِش مُچھ مظلوٗمن ہِنٛدِس دأدِس دوا

ربّنا چأنی عنایت مؤمنن حاجت روا
ربّنا چأنی رفاقت عأجزن مُشکِلکشا

ربّنا ژٕے دوٗر کر شرِ کچ وٕنل سانٮ۪ن أچھن
ربّنا ژٕے نوٗر کُنزُک کر دِلن سانٮ۪ن عطا

ربّنا مرغوٗبنس منگنس اجابت کر نصیبْ!
ربّنا پرٛتھ بوچھِ ہٲتس روٗحس دِ توحیدُک غذا!



# مرغوٗب بانہالی

## مُناجات

خُلیلی نظرِ وۄتِکی زٕژل ژُھری دوٗر کرتم!
گلیمی عقلہِ روشن کلامُک طوٗر کرتم!

ونان یَتھ دینِ فطرت ، تِچھ وَتھ راہِ وحدت
مےٚ تَتھ بے لوٗث خدمت کرٕنۍ منظور کرتم!

دوکھن منز گیرِ چھُم فن، یَکس تل چھُم یہِ ہی وَن
وُلتھ اَتھِ پھُلیہِ ہن ہن ژٕ دِل مسروٗر کرتم!

گژھان چھُم شادمان دِل ، مےٚ از تردید باطل
حقس کرتم مےٚ واصِل ، تمنّا پوٗر کرتم!

چھُنیٚن تھوٚ وژےٚ منصب ، تمو دیُت لالچس دَب
مےٚ تھندے پاسہٕ یارب ، ژٕ نارس نوٗر کرتم!

مےٚ چھُم زبتہٕ زندٕ سوٗرس ، یہِ چھُم پژاران ظہوٗر
عطا سرمدی شعوٗرس ، لبِ منصوٗر کرتم!

بہٕ گُنزرن چونس مَس ، دُیی گوٚ وتی وُچھِتھ ژَس
ژٕ اَتھ مرغوٗب چھوٚرس مدد بھرپوٗر کرتم!



## غلام محمد شاؔد

(ولادت : ۱۹۳۸ء)

# مُناجات

بُل بَٹھن ژٕ زُو دِکھنا زبو تہٕ گفتگو دِکھنا

رِنٛدٕ پأٹھی بےٚ پڑھ سپٕنن زنٛدٕ آرزو دِکھنا

تھامہِ گأمتِبن قدمن یڑھ تہٕ جستجو دِکھنا

زَز ہنگن سوٗہری داسَن بَل تہٕ آبرو دِکھنا

تھارِ لد جوان قُمرین حق تہٕ سِرَّ ھُو دِکھنا

غم دِلن ژٕ عشقٕ کُے یارٕ میون ہیٕ دِکھنا

نیٚہہ گٹن گہُل چھیٚنہِ ہیے گاش سۆ بہ سۆ دِکھنا

اکھ ژُرے سرافیلو سانہِ کُو بہ کُو دِکھنا

ساقیا مےٚ آگرَے مے سُبو سُبو دِکھنا

جأنی یارٕ زاہ شاؔدس

جلوٕ رُو بہ رُو دِکھنا



## ایوب صائبر

(ولادت : ۱۹۳۸ء)

### حمد

دِتھ ژیٚ تھزر آسمانس خدایا
ژٕ چھکھ پاسبانا جہانس خدایا

سجاواں یہِ دوہ چھکھ اُتی رات باقی
انان گردشس منز زمانس خدایا

پکُن اجتمائی چھُ فرمان چونُے
تھوان شانِ وحدت ژٕ پانس خدایا

صداقت ، بلاغت ، نفاست برابر
فصاحت چھِ چانِس بیانس خدایا

ژٕے سوٗزُتھ تہٕ چشمن اندر جاے گرمس
فدا مےٚ کوٗرُم زُو قرآنس خدایا

پران روز صائبر چھُ الحمد اللہ
بجر کوٗت چانِس چھُ شانس خدایا



## ایوب صأبر

# مُناجات

بشر بوٗچھس مےٚ دِلس ہُشیار تھاوُم
خدایا روح سدا بیدار تھاوُم

ژٕ چھکھ مولا ژٕ چھکھ شأفی تہٕ کأفی
پنُن سایا پنُن شہجار تھاوُم

میسّر رات دوہ بس شاد مأنی
سبٕھاہ ویہِ وُن اأتی سمسار تھاوُم

کرٕنی ییتھ زندگی منز نیک عملا
کلامس پزرٕکےٚ اظہار تھاوُم

سدا اور زُو رزق وأفر ہمیشہ
مےٚ خوشحألی اندر گربار تھاوُم

مزاجن صأبرس روشن ضمیری
ادب حأصل عِلم بسیار تھاوُم



## علی محمد شہباز

(ولادت : ۱۹۳۹ء - وفات : ۱۹۹۷ء)

# مُناجات

آچھِ کوٚرتھس خدایہِ معاًفی دِم
دِم سا معاًفی خدایہِ معاًفی دِم

واو وولان چھ آوٕلنٛز زوٗٹ نس
تار دِتہٕ میانہِ نایہِ معاًفی دِم

اَدٕ یہِ کینژھا دِہم حلالٕے دِم
کرتہٕ برکت کمایہِ معاًفی دِم

چاًنۍ رحمت چھِ آنتھِ زوٗس دریاو
موٗجتہٕ پھوٚلتس بنایہِ معاًفی دِم

چُھکھ ژٕ ستّار ستر کر عاًبن
بس چھُ چوٗنۍ مےٚ سایہِ معاًفی دِم

دژاس سرکش حدود پھٹرأوِم
ژچہِ مےٚ سنگین قلایہِ معاًفی دِم

زانِہہ تہٕ متہٕ ہاوتم أچھو یارب
پننہٕ تنہٕ ہشٕز بلایہٕ معأفی دِم

شہبازٕس چھِ چأنۍ سَتھ کأفی
ژھایہٕ لگہٕ ہے بلایہٕ معأفی دِم



# قاضی ہلال دلنوی

(ولادت : ۱۹۳۹ء)

## حمد

نوٗرِ سحر ژٕے خوشوٗن خوشوٗن اللہ ہوٗ
سایہِ ژٕ شامُک وَیہِ وُن وَیہِ وُن اللہ ہوٗ

دوٗپہرُک اختابہٕ زٕژا اکھ چأنی بَس
زوٗن ژودأہم ژٕے وَنہِ تھاوُن اللہ ہوٗ

نرِگس چٔشمن منز وَنہِ چونُے اکھ انہار
پیچأنکی رٕنگی مَن البساوُن اللہ ہوٗ

نارچہِ ریٖہہ منز لیکھِتھ آسُن "یا قہار"
"یا رحمانُک" شبنم تراوُن اللہ ہوٗ

تأبیا ژٕے چھی سأری گُلی گٔڑ دِبو دریٹھاک
آدم تِم نِہ بر سر تھاوُن اللہ ہوٗ

نارچہِ ریٖہہ گُلزار بناوُن کٔمی ہِنز کأم
نکھہِ دٔری یاوس پھِہہ گرناوُن اللہ ہوٗ

وَتہِ ماڈلہِ ہا تنہِ ما گرٕھسم تٕمۍ ٕسنٛز بأش<br>
فُرقانٕک زَگ پڑٕون نوٗن باوُن اللہ ہوٗ

رۄشِتھ زٕیےٚ نِش کوٗت زٕلہٕ کتہِ چھم جاے پناہ<br>
مٹہِ چھ مارُن تارُن تھاوُن اللہ ہوٗ

ہرٕنہِ زردی سونٛتُک نچر بخشن وول<br>
شامس بخشان صبحُک یاوُن اللہ ہوٗ

گُل ہٕتھ وایاں آرٕ چھ کس ہُتھ جایہِ وُنم<br>
بیٛاکھ ننٛگأوِتھ زنٛدٕ تھاوُن اللہ ہوٗ

قطرس بخشن زُو اکھ موسیٰؑ اکھ فرعونؔ<br>
ہُتہِ پرکھاوُن یِتہِ پرکھاوُن اللہ ہوٗ

گٔلی ییٚتہِ عارفؔ، عأجز عأقل زأہد رأوی<br>
کیا سا ہلالس تگہِ وبرٕھناوُن اللہ ہوٗ



## پریم ناتھ شاؔد

(ولادت : ۱۹۳۹ء)

# مُناجات

خدا وندا بندن ہُنْد چھکھ نگہبان
ژےٚ بخشِتھ زندگی چوٗنےٚ چھ احسان

چھُ چانے نوٗرٕ ستی زرٕ زرٕ مُنوّر
نپان اکھتابہٕ تارک زوٗن زوتان

بہٕ اوسُس کیا بہٕ چھُس کیا چھُمنہٕ معلوٗم
بےٚ دأری دِمٕ ژٕ چھُکھ یاور مہربان

کرم چوٗنےٚ چھُ آیُت کُل کائنٲتس
بےٚ جانن جاندارن فأض واتان

عطا کر زِندگأنی ہُنز زُوَن زان
دِ سُے ظون چون آدم سپدِ انسان

بندن پنٕ لولہٕ ستین دِل برکھنا
یہ ہے چھُم اورِ زوے ہاوس تہٕ ارمان

کرم چونٕے ، کرکھ شادٕ نیٚ وٚنتھ پٔر
زمانٕکی کھٔری ژٕلن ڈنجہِ روزِ ایمان



# سیٚد رسول پونٛپرٛ

(ولادت : ۱۹۴۰ء - وفات : ۲۰۱۱ء)

## حمٕد

ہسدرٕ ژٕے چھُکھ تہٕ ناوِ ژٕے ترٕوون
آوٕلُن ژٕے تہٕ بادباں وُچھوون

بزم چأنی تہٕ جاے کتہِ نس میأنی
ژأنگی ریٚہہ ژٕے تہٕ دٕہ تہِ ژٕے ووتھوون

نذر کرنس چُھ کیا سأ میون یٔتی
ڈکھٕ لژھ چأنٛی آستان تٔے چون

نیرٕ کوٚسُن وُچھِتھ بہٕ نقشِ قدم
خاکِ راہ چون کارواں تٔے چون

کشمکش ، بس تہٕ بے نہ بے بے بس
اجر چوٗنے ژٕ ابتلا کرٕوون

بٕیہمہٕ تھکھ دِتھ بہٕ یا قدم تُلہٕ بروٚنہہ
ژٕے فنا چھُکھ تہٕ ژٕے بقا تھٕوون

وأنِس راوِر مےٚ بَس گُناہ کرۍ کرۍ
روبہٕ اۄتھم نہٕ توبہٕ چُھس کرٕ وون

زِندٕ روزُن پیٚوان تنِ تنہا
ژےٚ نہٕ بَس ژےٚ مےٚ پوش سنگ پکہٕ وون

ژےٚ ازل چُھکھ ابد ژےٚ اندنَے أنتھ
راہ مُسأفِر بہٕ واو چُھس وُڑ وون

کیا ونے چُھم زدَل ہلم تھکہٕ وون
معرفتٕ موکھتہٕ شۄبہٕ مےٚ سومبر وون!



## سیّد رسول پونپر

# مُناجات

مۆنگ مے نہٕ کینٛہہ خدایہِ دِکھے کارِ تھزر دِم
یئتہِ روزِ دِل آباد سُہ وأراگہٕ شہر دِم

پۆد تراو وُزن ناگ نظر تراو پھولن کوہ
قدمن مےٚ مدد دِم تہٕ أچھن لوٗز سحر دِم

وٗون مے نہٕ دِتم دیار کرکھ لوٗز دبن تہٕ راتھ
دِمہٕ شش جہات پتھ مےٚ تیٚتھے وونہٕ وژھر دِم

پتھ تراو لامکان تہٕ رنگن روزٕنہٕ کینٛہہ لور
وٗنی راو گنبر ازلہٕ ابد تیز نظر دِم

أش رٗد والہٕ شیٚہلہِ زمین نیرِ پھولن پوش
اَتھہِ ڈالہٕ تھربن واو شِہل سونتہٕ لوٗژر دِم

کتھِ میٚانہِ ہرن پوش ٹُلن مالہٕ کرن لوٗکھ
زبو دِم تہٕ جود ، رژھ نہٕ ہجرور تہٕ کجر دِم

تاشوقہٕ پدیو گاشہٕ اِلیو نیر گتھو مئزی
تھکھ دِمہٕ نہٕ وَنن پھیر مےٚ سوکھ لانہٕ تھزر دِم

دِم معرفتُک مےٚ تہٕ وُزِنی آبِ حیاتچ
وُچھ دوٗرِ خضرؑ وأنسہِ خَضَر بارٕ تھزر دِم

دُنیا چُھ چمن میٚون ، وطن میٚون تہٕ سرحد
دیوار مئزے کھٕتی مےٚ پٔتُن شانہٕ بجر دِم

یم کلہٕ گُٹہٕ تہٕ کٹہٕ ، یہِ زوٗن تہٕ کوہ سری یہٕ نیٖول نب
رٚچھِ أنہٕ ڈل وولر ژٕ پٔتُن سایہِ زبر دِم

رُت چُھے مےٚ لیکھِتھ لانہٕ ژُونی أچھ تہٕ سُونی وُٹھ
دِکھ تےٚ تہٕ دِتم معنہٕ ژھوپی نورِ بصر دِم

دِتہٕ میانہٕ یتھ کٔشیرِ گٹن گاش وَتن زیو
چھم سینہٕ سِپر بال مژھن بل تہٕ زبر دِم

ہینہٕ آس وُنلہِ مئز سہٕ دُژیوت گوٚو تہٕ کھور ڈول
پانژالہٕ ترن تھپھ مےٚ سٔرُن کر ژٕ بور دِم

اوٚنتھس کٔشیرِ باگہِ جنت یوس چھےٚ بر زمین
دِم پاژٕ وُڈو کر مےٚ ؤونے پنجرِ شہر دِم

☆

# فاروق نازکی

(ولادت : ۱۹۴۰ء)

## حمد

گوڈ پَرو حمدِ ربِ لا محدوٗد
کیٛازِ بس سُے چھُ جابجا موجوٗد

سُے چھُ بَس سُے چھُ جاوِدانی زان
تس سِواء کُلُ مَنْ عَلَیْہَا فَانْ

تَس نہٕ ہم شانہٕ کانٛہہ ندیم نہٕ کانٛہہ
سأری حادِث چھِ بَس قدیم نہٕ کانٛہہ



(مثنوی مہٕ جبین)

## شہباز راجوروی

(ولادت : ۱۹۴۰ء)

### حمد

پھُلے چھ پوشن جمالہٕ چانے
چھہِ کوہ لرزاں جلالہٕ چانے
سیاہ ونن منز مُسافرس بس
لباں چھہِ وتہٕ پئدی کمالہٕ چانے
نظر گرِتھ ییٚلہِ دوعالمس گاہ!
نژاں قیامتھ قبالہٕ چانے
ژھوکاں چُھ ییٚلہِ ییٚلہِ مےٚ ژونگ دِلہٕ کُے
تہٕ گاشراواں حوالہٕ چانے
سکتھ کتھ چھم ثنا کرے زن
نجاتھ لیکھاہ سوالہٕ چانے
تمام عالم ژیٚنے انتظارس
پژتھاں چھہِ پژتھ شے یہ سالہٕ چانے
ازل ابد چھا مےٚ سونٛچ شاہباز
ژٕ لا یزالا! کمالہٕ چانے

☆

# غلام احمد گاشؔ

(ولادت : ۱۹۴۰ء)

## حمد

چأنی رحمت کرم خدأیی چأنی
میانہِ اترٕیک برم خدأیی چأنی
عرشِ فرشس وِرد چُھ چونُے ناو
حق تہٕ پٔوز دم بہ دم خدأیی چأنی
ژٕے ازل ژٕے ابد تہٕ چونُے حال
ٹلِمےٚ لوٗسم قدم خدأیی چأنی
مون آدم سرس مگر لاچار
چون لوح و قلم خدأیی چأنی
میٔون آسُن چُھ سجدٕ ریزی ہتی
چون آسُن کرم خدأیی چأنی
رأضی روزکھ چھِ بندٕگی معراج
گاش دأرِتھ ہلم خدأیی چأنی



## غلام احمد گاش

# لا اِلہٰ اِلا اللہ

کُنِس چھا مانہِ کنُے
وَنوا حدس اکھ
دِل مےٚ موٚ دُر چُھ تہٕ أنہٕ وُچھتس نا
بلیوک ہَسا
کتابہ پھیٖر پھیٖر دِتھ
یِم ہے چھِ مانہِ لچھاہ
تو تہِ کہٕ
ہیو! بے ناوٕ
تھو کأتیاہ ناو؟
رنگس رنگس ژھأرِتھ
انگس انگس سأرِتھ
برندس برندس گأرتھ
کُنُے یہ لفظہ
مگر احاطہٕ کٔرِتھ
ابتداء تا اِنتہا
قالو بلیٰ......!

مےٚ چھوٚ تہٕ چھوٚنہٕ کھٔنی

مےٚ وُچھ تہٕ وُچھنہٕ کھٔنی

مےٚ پوٚر تہٕ پوٚرنہٕ کھٔنی

مےٚ سوٚر تہٕ سوٚرنہٕ کھٔنی

چمے تہٕ چمہٕ کوتاہ

وُچھے تہٕ نیٚوٗنم ہوش

ونٔے تہٕ ژٔٹنم زیو

سٔنے تہٕ راوم ذات

کُنٔے تہٕ مکرار سات!

عرش

کُرسی

فرش تہٕ لوح وقلم

رُمس رُمس چھُ لیٚکھتھ

لا اِلٰہَ اِلّا اللہ!!!



## محمد امین شکیب

(ولادت : ۱۹۴۰ء)

# مُناجات

کریما، کار سازا ، لا یزالا
ژٕ ہیٚو چھُنہٕ کانٛہہ توے چھُکھ بے مِثالا

چھِ مُشکِلہٕ دار رٔحس مُشکہٕ ناواں
تِتھے پھیران ژٕ یےٚ کُن میونٕے خیالا

جوابس منٛز چھ واتاں چأنی رحمت
تِتھُے منگہٕ وُن ژٕ یےٚ کُن لایاں سوالا

چُھ اکھ اکھ ذرٕہ شأہد کأناتُک
عقل حأراں ژٕ کوتاہ باکمالا

زوالس پتھ چھُ پرٛتھ کانٛہہ چیز یوٚ دوَے
ژٕ چھُکھ قأیم تہٕ دأیم لازوالا

بہٕ چھُس امکانہٕ حد ژھاران روزان
ژٕ چھُکھ امہِ ہیٚو رسبٹھاہ تھوٚ د ذاتِ والا

دوہس افتاب رونق ، زوٗن راتس
تہٕ پرٛبتھ ساعتس چھُ نوٚن چونُے جمالا

پزِس چانٕس سراں پزٕ زیارٕ چأنی
حقس یہندِس مدد کرِ حق تعالیٰ

شکیبس ہیتھ ژٕ سرنٕے یارِیاہ کر
خدایا! شوب دارا! ذوالجلالا



# غلام محی الدین گوٗہر

(ولادت : ۱۹۴۱ء - وفات : ۱۹۹۴ء)

## حمد

ہر شایہِ چُھ نوٗن زیبایہِ احد
اللہ الصمد اللہ الصمد

پرٛتھ کایہِ چُھ آسان ژھایہِ احد
اللہ الصمد اللہ الصمد

ہمسر نہٕ تٕمِس ، ہمدم نہٕ تٕمِس!
کانٛہہ شرنہٕ تٕمِس کانٛہہ غم نہٕ تٕمِس
ئیٚمۍ زوٗن مےٚ چُھم ہمسایہ احد
اللہ الصمد اللہ الصمد

نہ سُہ زاو نہ تٕمۍ ہے زاوٕے کانٛہہ
نے تس ہیٚو اَسہِ ونہِ آوٕے کانٛہہ
سُہ چُھ ہر رنگہٕ پننے ترایہ احد
اللہ الصمد اللہ الصمد

سُہ اے موٗد نہٕ مرچھے ژٕ درژٕ
تس بے پرواییس ہیٚم نہ بے!

نۆرٕ زٕژِ منٛز ماراں گرٲیہٕ احد
اللّٰہ الصمد اللّٰہ الصمد

ہر شاہ شأکرِ تَس لَمِ یِزلس!
وَچھ دأرِتھ ہٲنگِنٛز چھَس فضلس
کوچھِ گوہرؔ چُھس کمہِ آیہِ احد
اللّٰہ الصمد اللّٰہ الصمد



# شیر علی مشغولؔ

(ولادت : ۱۹۴۱ء)

## حمد

جنگل چأنی، چأنی صحرا
جویہِ یہِ چانے، چأنی دٔریا
از تہِ پُھ چونٔے چونٔے فردا
سُبحان اللہ سُبحان اللہ

گُل گُلنارس بخشتھ سُرخی
جعفرِ پوشس ازلے زردی
ژٔے پھولہٕ رووتھن نرگس شہلا
سُبحان اللہ سُبحان اللہ

نبہٕ منزٕ ژٔے والاں پانژادر
میژِ منز چھکھ توخمس کھالاں تر
رِزٕقکی انبر تھاواں مُہیّا
سُبحان اللہ سُبحان اللہ

سورمنگ ہیوٚ رنگ شاملو ساتس
زُنہٕ گاشک روچھ چھکرِتھ راتس

جاؔری صُبحأے نوٗرکی دٔریا
سُبحان اللہ سُبحان اللہ

قُدرت وُچھ وُچھ نظرے لوسان
طبقو طبقو تھأوی تھکھ اسمان
تھزرس تھووتھن عرشِ معلّیٰ
سُبحان اللہ سُبحان اللہ

شیٖشس بخشتھ سیٖنہٕ صفأیی
پرٛتھ چیزس منز چأنی خدأیی
کنہِ منز کوٚڈتھن لعلِ مُصفّیٰ
سُبحان اللہ سُبحان اللہ

واو ژٕ ے تھووتھن سأری جأری
مخلُق یُتھ زن شہہ ہین سأری
ما کوٚرتھن محرٗوم ژٕ ے کانژھا
سُبحان اللہ سُبحان اللہ

ہمسر ما چھی ژٕ ے چھکھ وأحِد
نظرن تل چھی غأیب شأہد
ژھایہِ ژٕ ے ما چھی کانٛہہ اکھ چیزا
سُبحان اللہ سُبحان اللہ

غمزٕ سأری ژیٚہ اَتھٕ داراں
فضلس کرمس چأنِس پژاراں
ژٕ ے چُھکھ مأ لِک ژٕ ے چھکھ مولیٰ
سُبحان اللہ سُبحان اللہ



# شیر علی مشغولؔ

## مُناجات

گدا چُھے برس تل دِوان چُھے صدا
کرُس مہربأنی پننہٕ اے خدا

تھوٚکُس اتھ تہٕ پرٛران یِژکال گوس
کرٲں آہ و زأری عجب حال گوس

سبٹھاہ کال ووٚتُس دِوان ناد ناد
خموشی کرِتھ چُھکھ کراں چُھکھ نہٕ داو

عزت چھی کنان ژیےٚ ژہے چُھکھ عزیز
چُھ بوچھِ ہیٚوت تہٕ سوزُس غذائے لذیذ

بہٕ عُریان گوٚمُت ژٕ ستار چُھکھ
پتھر پیمتین ہُند طرفدار چُھکھ

عرش چون ، چونےٚ چُھ لوح و قلم
چُھ دامانہٕ دأرِتھ وٕ برتس ہلم

أچھن گاش سورِیاس گۆو ناتوان
پھٹس کۆٹھ کُنٕے ، کُن پکِتھ چھُنہٕ ہبکان

اَتھن رعشہٕ کۆرنس تہٕ لاچار گۆو
غمو بیٚیہٕ ہَمو ستیٚ بیمار گۆو



# فدا راجوروی

(ولادت : ۱۹۴۱ء)

## حمد

چُھکھ تہِ ژٕ ے اوسکھ تہِ ژٕ ے آسکھ تہِ ژٕ ے اے کِبریا
ژینہٕ وَن چأنی دِوان دمہٕ دَمہٕ چھِ یم ارض وسما
آب نومرأوِتھ پکان کلہٕ ، کاینانس سگ دِوان
تژلیش ہومرأوِتھ جہانس چُھے سدا وِردا پران
واو وُزناوان پکِھ پکِھ عالمس چونٔے بجر
ذِکر چونٔے گاہ ژھٹان کُل عالمس شام و سحر
آبشارن زیرِ لب چأنی سدا صفت و ثنا
پربزلہٕ وُن یتھ کاینانس رنگ چُھے چونٔے سدا
بال تھوٚد وٕتھی وٕتھی پران ہردم چھِ ذِکر لا اِلا
شولہٕ وُن نب ، زوٚن بیٚیہٕ افتاب در حمد و ثنا
پوشہٕ وٕتھرن ، رنگہٕ ٹوٚربن منز چھ رٕچھ رٕچھ نوٚر چون
جلوہ صد رنگ زُو ذأژن چُھنا بھر پوٚر چون
اول و اَخر تہٕ عرش و فرش چأنی اے خدا
ژٕ ے تہٕ بیٚیہٕ ژٕ ے، ژٕ ے تہٕ ژٕ ے چُھکھ عالمین کِبریا
چأنٔہے حمدس تہٕ تقدیسس چُھے اُنجمُن کاینات
ذات چأنی حق تہٕ یُہ عالم چھ بیٚیہٕ کُل بے ثباتھ

سَتھ سمندر میل بنٛ تن ، جنگلن بنٛتن قلم
توتہِ چھنہٕ ممکن خدایا ، بنہٕ ثنا چانٛی رقم
لا مکانن پیٚہٕ مکانن گاش چونٛے اے خُدا
چانٛزٕ سَتھ أستھ چھہِ پکہٕ ؤنٛ کایناتھا بےٚ پناہ
لفظ و معنی ہن پناہ کتہِ، باوٕہن تم چانٛز شان
کایناتھا چانٛز ژٕرے چُھکھ کایناتس مہربان
چانٛز چھہِنہٕ حمدو ثنا ممکن خدائے ذوالجلال
ذات چانٛنی واحد و بے مثلِ صفت و بے مثال



# فدارا جوری

## مُناجات

متہٕ کر تہٕ قأد کرٕہنن شبن منز خدایہِ مےٚ
رژِھ رژِھ پھوان چھ کیاز خیالن ہا یہ مےٚ
شہن گرٕھن چھ شاپھ تہٕ نظرن ولان چھ ویٚور
دِتہٕ کأنہہ ہوا نوا تیُتھ ، دِلس ڈنجہِ تھایہِ مےٚ
چھُنہٕ موسمن تہِ کأنژھا ہسر سونتہٕ ہرٕدِ کُے
بس پوشہِ وُن ژٕ تھاو عطا اے خدایہِ مےٚ
شِتھ نیمتبن تہٕ قأد خیالن مَہ آنپر او
گاہ پننہِ جلوٕ کُے دِم وتن گاش ہا یہِ مےٚ
ژٕچھ تن یہ ہرٕدِ واو بےٚ پژھ ڈاکھ گوٚ وگرِتھ
لولک دِلس دِ نوٗر ، نظر پوشرایہِ مےٚ
ژٕ ے چھُکھ رحیم ژٕ ے چھُکھ خبیر و علیم ژٕ ے
کرم تِتھے کرم زِ دِلس گأشرایہِ مےٚ



# غلام محمد غمگین
(ولادت: ۱۹۴۳ء)

## حمد

الحمد اللہ ربّ الاعلیٰ چھےٚ چأنی ذات
تخلیق چأنی جِن تہٕ بشر ارض و سماوات
ژٕ ے اول و أخر تہٕ ژٕ ے چھکھ ظأہرو بأطن
ہأدی تہٕ ژٕ ے چھکھ نوٗر ژٕ ے چھکھ رافعُ الدرجات
کُن چھکھ ژٕ مُنزّہ تہٕ محمدؐ چھ نبی چون
معبود برحق سون ژٕ ے چھکھ بے شک و شُبہات
ژٕ ے لازماں ژٕ ے لامکاں ہرشایہ بٔستھ چھکھ
پلزاں چھ زمان و مکانس چأنۍ عنایات
رُحس تہٕ بدنس میُل چھ باہم حُکمہٕ چانے سٟتۍ
زبو دِتھ دِتم توفیق سُہ بنہ میون مُناجات
چونُے چھ گُلن رنگ بو چونُے چھ تارکھ نب
چونُے چھ پھولہٕ وُن صُبح تے چأنی چھےٚ ڈلہٕ وِنی رات
چونُے چھ ہوا آب تہٕ صحرا تہٕ سمندر
آکاش تہٕ پاتال خلا چأنۍ چھِ طرفاتھ
جنگل تہٕ بیابان چأنی چأنۍ چھےٚ بٔستی

انسان جمادات نباتات یہِ ذُری یاتھ
مُشفِق تہٕ بخشنہار مہربان خداوند
ژٕے قادرِ مُطلق تہٕ ژٕے چھکھ قاضی الحاجات
اکھ بنٕدٕے ناچیز چُھ غمگین گونہگار
کیا زانہِ کرِتھ حمدو ثنا کیا تہُند اوقات



# غلام محمد غمگین

## مُناجات

بہٕ چھُس عاجز تہٕ بے دسگاہ ژٕ چھکھ مختار یااللہ
ژٕ خالق کُل جہانن ہُند تہٕ پالنہار یااللہ

ژٕ چھُکھ اول تہٕ ژٕ ے آخر ژٕ چھکھ ظاہر تہٕ ژٕ ے باطن
چُھ چونے حکم جاری شش جہت یکبار یااللہ

تگان آبس اندر زالنۍ تہٕ چھےٚ فرعون سنز لشکر
خلیلس چھکھ کران نارس تہِ گلزار یااللہ

نمان چھی ژٕ ے تہٕ ژٕ ے یاری منگان ساری دوہس راتس
ہدایت کرتہٕ کرِون چھکھ تہٕ چانس منگہٕ ونس خالی

ہلم آسیا برم از لطف چھس نادار یااللہ
قسم چھےٚ پننہِ ذاتک تژٕ اوہم ینہٕ زانہہ تہِ پردہن پتھ

ژٕ ے زوس حاجت روا کانہہ چھ نہٕ درپندار یااللہ
بہٕ گلی گنڈِتھ منگان چھس کرتہٕ میانن مُشکلن آسان

ودان چانس برس تل چھس بہٕ ووِمیدوار یااللہ
بہٕ کورنس نفسِ امارن پریشان گیر زالس منز

ژٕ آزادی دِتم ووِنی کاستم آزار یااللہ
خطا زد چھس تہٕ کرتم درگزر چھس درپناہ آمت

وُسیلہٕ چُھم شفیع المذنبینؐ چُھس اُمتّی تمٕی سُند
بخشتم جرم و عصیان چُھکھ ژٕ بخشنہار یا اللہ

کرم کرتم بہ پاسِ آل و اصحابِ نبی اکرمؐ
بَہ فیضانِ خداوندی کرُم سرشار یااللہ

مےٚ درد دُنیا و عُقبیٰ رُت کرُم، تھاوُم ژٕ نیکن ستیٚ
بہ محشر ہاو غمگینس پنُن دیدار یااللہ



# ایس راضیؔ

(ولادت : ۱۹۴۳ء)

## حمد

سانہِ ربّا! ژٕ چھکھ سٕہ شاہنشاہ

لیس بُلندی شُبان ، یُس بالا

چُھے ژےٚ عأ لی مقام أسی ادنا

چُھکھ ژٕ اِلہٰ تکیاز ژٕے اللہ

چانہِ ستتھن زُوال چھِ أسی حالا

پوشہِ وُن چُھکھ ہمیشہِ ژٕے یکتا

چأنی مُنکر دوہے گرژھن گُمراہ

چُھکھ تہٕ پننین موکُل تھوٗوتھ آگاہ

کیا وَنن کلوٗ تہٕ کیا وُچھن اعما

سلطنت چأنی کیا چھےٚ واہ! واہ! واہ!

چأنی قدرت وسیع ژٕ بادسگاہ

نوٗو زمینا بناوی تن کانژھا

عرشہِ والیا! ژےٚ کیا نہٕ چُھے تأبیا

اَسہِ تہِ اے تھوٗد تُلکھ رژھا ووٗنی کیا

بیٚیہٕ تہِ دِمہٕ ہوے ژےٚ سُجدٕ اے مولا

بیٚیہٕ ہدایت دِ، بیٚیہٕ دِ اے مولا

بروٗنٹھ دُنیا تھوٗوتھ تہٕ پتھ عقبا

تھاو ییٚتہِ کیا وُتتہِ ژٕ پاپرجا

دستگیری ژٕ کرتہٕ یااللہ

یاد پاواں چُھہم لہٗ الاَسماء

منتظر چھی وُچھان وُچھان یکھنا

رأضیس کُن تہِ اکھ نظر دِکھنا



# ایس راضی

## مُناجات

گولاب پژیہِ وُن تیار کرتم — لگے بہٕ قدمن نثار کرتم
مےٚ نابکارس وومید چأنی — بکار انتم ، بکار کرتم
چھُ میون رُم رُم تہٕ خوفتہٕ گوٚمت — ہٕرر تہٕ کیاہ چھُم ہُشارٕ کرتم
ژوپأری نمرؤد چھم خلیلس — ژوپأری گلزار نار کرتم
تکیاز قطرس سدُر چھُ حاجت — زہے تہٕ اد متہٕ نکار کرتم
بُجر تہٕ یُتھ زَن نہٕ زاہ تہٕ پوٚشَم — نصیبہٕ تِتھی ہوی امارٕ کرتم
طماعِ جگرن بہٕ کرٚیشہِ نووُس — قریب یِتھ نخ بیدار کرتم
گوناہ تہٕ سپدن غریق رحمت — حقیر بندے شمار کرتم
جلالہٕ ستبن جمالہٕ ستبن — عطا گُلاس وبقار کرتم
مےٚ رأضیس وُچھتہٕ حال کیا چھُم — مُسأفرس شہہ سوار کرتم



ا۔ اصل لفظ چھُ طمع جگر

# اعجاز غلام محمد لالو

(ولادت : ۱۹۴۴ء)

## حمد

چانہِ ناوے چھُس کران بو ابتدا
یا اِلٰہی ژیٚے شِمی حمدو ثنا
اَنتھ رُسی احسان چھم اے کردگار
نعمژن چانبن کرِتھ ہیٚوک کُمی شُمار
آدمس صوٗرتھ بناوِتھ جان کیا
اشرفُل مخلوق رُت انسان کیا
کائیناتُک چھُکھ ژٕ وأحد کارساز
بندٕ اَسی چأنی ژٕ سۅئے چارساز
ذِکرِ رُس چھنہٕ کانہہ تہِ مخلوقات چأنی
بےٚ نیازاہ پوشہِ وٕنی بس ذات چأنی
جن تہٕ انسان پأدٕ کرِنک مُدعا
بس کرن چأنی عبادت یااللہ
وَتھ تمو لب کوٚر یمو چوٗنے تلاش
یم سپدی گُمراہ تمو زانہہ لوٗب نہٕ گاش
چانہِ وَتہِ یم پکی سپدی گاشرِ مُنار
زأہد و عأبد شہید و دینٚدار

حمد پٕرۍ پٕرۍ دِل مےٚ چھُم روشن گژھان
چھُکھ رُتۍ بخشان چھُسے رُت رُت منگان

صاحبا چأنی چھِ سَتھ وَتھ ہاوتم
پیشِ پیغمبرؐ مےٚ متہٕ مند چھاوتم

مغفرت کرتم دِتم راہِ نجات
خوفِ دوزخ چھم مےٚ ژومران دوہ تہٕ رات

والدینن کیٚت منگان چھس مغفرت
میأنی عرضی پیش چھے کر دستخط



## اعجاز غلام محمد لالو

# مُناجات

مےٚ اوسکھ ژٕ ے مےٚ چُھکھ ژٕ ے بس خدایا
ژٕ ے رُستے دأدِ باوے کس خدایا

بہٕ مژ صحرا پیٚوٚمُت چھس نوتوانا
بجر آمُت مےٚ چھم چُھس نیم جانا
مےٚ لوٚگمُت دَب تہٕ پھُٹمُت وَس خدایا
ژٕ ے رُستے دأدِ باوے کس خدایا

بہٕ ترٛووِس سارِوے دکہٕ زد گوٚمُت چُھس
مےٚ تھرِتھرِ چھم تہٕ سرِ راہ زن موٚمُت چُھس
مےٚ کُس چُھم حال باوے لِس خدایا
ژٕ ے رُستے دأدِ باوے کس خدایا

گُناہ کرِٕ متیٚ مےٚ چھم تمہٕ کُے سزا چُھم
حق الناسک بُرِتھ جسمس غذا چُھم
منگان معأصی دوہس راتس خدایا
ژٕ ے رُستے دأدِ باوے کس خدایا

پگاہ ییٚلہٕ نامہ اعمال وُچھِم
گناہ غألب تہٕ نیکی خال وُچھِم
جہنم پوٚز، مےٚ رٔچھزِہم نس خدایا
ژےٚ رُستے دأدِ باوے کس خدایا

بہٕ چُھس پرٕژھیوٚن تہٕ أرِس ناش سپدُم
مےٚ سرِ بازار سیرٕس فاش سپدُم
کرُم گُلزار وأرانس خدایا
ژےٚ رُستے دأدِ باوَے کس خدایا

بہٕ چُھس اعجاز آمُت بردرِ تُو
سیاہ چُھم روے چھوٚت گومُت مےٚ چُھم مو.
بہٕ چُھس بیکس تہٕ رٔژھتم دس خدایا
ژےٚ رُستے دأدِ باوَے کس خدایا



# عبدالغنی ہوشن پوری

(ولادت : ۱۹۴۴ء - وفات : ۲۰۱۲ء)

## حمد

خداوندا ژٕ خألق کایناتس
حُکم چوٗنے چلان ذرس ذراتس
حُمد سأری شوٗبان چھی کردگارا
بجر چوٗنے چھُ ویٚژھناوُن محالا
چھِ قدرت چأنی ساہن عالمینن
وٗلتھ رحمت چھ اسمانن زمینن
شوٗبان تعریف چھِ ربِّ الجلیلا
عجأیب کاینات چأنی دٔلیلا
چھِ روٗزِتھ بےٚ ستوٗن معلق یہ اَسمان
چھنا تارکھ تہٕ افتاب ، زوٗن تابان
بناوِتھ بحرو بر بیٚیہِ بال کوہسار
چھِ ماران شولہٕ دٔریا ، چشمہٕ آبشار
گرٛھان گاہے چھِ گگرایہ گاہ پھوٗان شین
پھوٗان چھُے روٗد سپدان تر چھ زمین

☆

# عبدالغنی ہوشن پوری

## مناجات

یا الٰہی چون دربار آس سائیل چھس گدا
ہاوتم مےٚ اصلٕچ وتھ چُھم دِلس بس تی مُدا

چُھکھ ژٕ مولا میون برحق بیٚیہ ژٕ خائق عالمس
زیرِ فرمان سأری عالم سارِنے ہُند بادشاہ

کرعطا لُطف و کرم تاثیر کلامس میأنی ہے
سوز تے ساز جان میچھر جذب یے اہلِ صفا

دِم کمالا دۄر یِمہٕ ہستی کرِ بہٕ نفرت عالمس
سارِنے منز وارٕ حسدُک نار بوٚ شیہلاوٕ ہا

ماے محبت لول شفقت ، بأگرن چُھم آدمس
دِیُن سبق پرٕ زُک مےٚ ہرکس چُھم بنُن بوٚ زرہنما

چُھم مُدا علم و ہُنر عقل و عمل ہیچھناوتم!
منز جہانس تارِکن منز آفتابا شوٗبہٕ ہا

چھے دِوان عبدالغنی آلو ژٕ ے مولا بوزتم
چأنی رحمت عام جأری دُعا میون تھاو مستجا



# نورالدین ہوشؔ

(ولادت : ۱۹۴۴ء)

## حمد

پران پران چُھ دِل پھولان یہِ لا اِلٰہ اِلا اللہ
سِتم تہٕ غم ئری نَہاں یہ لا اِلٰہ اِلا اللہ

چھُ نورٕ ئری تہٕ پڑزلہٕ وُن عظیم رَوگٹس اندر
سیاہ دِلن چُھ گاشراں یہ لا اِلٰہ اِلا اللہ

یمن نہٕ کانْہہ وٗجوٗد یا یمن نہٕ کانْہہ تہِ پڑزنتھ
تِمن چھُ مہربان گرٕھان یہ لا اِلٰہ اِلا اللہ

گُلن کٹن کنن پلن کوٗہن وَنن تہ سرحدن
چُھ کوترن دوان زبان یہِ لا اِلٰہ اِلا اللہ

یوان چھِ ووسنس زمین کُلی تہٕ گُل برٕ دئرِتھ
چھِ بحر و بر توے پران یہ لا اِلٰہ اِلا اللہ

چھ تارکن تہٕ شبنمَس وِرُد ییتے متاعِ دِل
ہوا تہِ بر زبان انان یہ لا اِلٰہ الا اللہ

غضب تہٕ غیض آیتن اندر قُرآنہٕ کبن تہِ چھی
رفاقتک صدا دِوان یہ لا اِلٰہ اِلا اللہ

☆

# نورالدین ہوشؔ

## مُناجات

اے خدائے لم یزل بوزُم صدا اُفتادٕ چھُس
نامہٕ یے اعمال چھم سرہم سیاہ اُفتادٕ چھُس

کُس گناہ ترٛوُم تہٕ کتھ حرص و حرامس لتھ دِژٕم
حق تہٕ ناحق ما وُچھم گوسے تباہ اُفتادٕ چھُس

آیہٕ فرقانکی پرٕم معنے تہٕ وُچھمکھ ژأری ژأری
کوٚر نہٕ زانہہ بدخواہ مزاجن اِتباع اُفتادٕ چھُس

ہُرد سوٚر موسمِ بہارُک سوٚرتہٕ وُچھ موت و حیات
یوٚپ نہٕ زانہہ میأنس مُرس راز فنا اُفتادٕ چھُس

گہہ پھٹر آئینہٕ میزانُک تہٕ دِل بے کس لُکن
دیُت مے پانس ہر قدم پانے دغا اُفتادٕ چھُس

بوزنس وُچھنس دِلن تحقیق ما کوٚر زانہہ سئِتھ
لوگ سأرِتھ موٚت تہٕ بیٚیہٕ زن ناپِنا اُفتادٕ چھُس

چشمہٕ تر سپزم نہٕ زانہہ آوارٕگی اأسم دِلس
کانہہ رکوع کانہہ سُجدٕ اوسا بے ریا اُفتادٕ چھُس

آسمان پیٚیہٕ تالہٕ پٹھ بُتراتھ ننگلاوِہم اگر
بوزِہم نے رحمتُک رب التجا اُفتادٕ چھُس

کاش کانٛہہ نیکیٚ ثوابا در نظر ییہِ ہمہٕ پننٕ<br>
چھم گوٚمُت شُری پیٚٹھی مےٚ سہلابا سیٹھا اُفتادٕ چھس

چُھس بہٕ حالن بےٚ کسن اندر سرس پیوٚمُت بدٕون<br>
روسیاہ چھس ناتواں بے آسرا اُفتادٕ چھس

چُھکھ ژٕ بخشن ہار اے مولیٰ وٕن کر آخری قبوٗل<br>
میون معأفی نامہٕ پاسِ مصطفےٰؐ اُفتادٕ چُھس

شاہ پرن پنہٕ ننٛ دِتُم ٹکھ قوت پرواز گوم<br>
ہوش اٚستھ کوٚر مےٚ پانس یتُھ دغا اُفتادٕ چُھس



# تنہا نظامی

(ولادت : ۱۹۴۵ء)

یہِ خشک ساحِل
ہوٚتر سمندر
دٕ چھُن تہٕ کھوٗر
کھسُن تہٕ وَسہٕ وُن
اِحاطہٕ کرٕ وُن چُھ دستِ قدرت

زمین زمانس
فضہٕ تہٕ پٔتھرِس اندر یہِ کینژھا،
چھےٚ مِلکیتھ تَس

چھِ ٹھوٗل، موٗل ہَل
تسنٛز عنائژ سراں بقائی
چھٕتس تہٕ مُشی کَس
تسنٛز چھےٚ رحمت
تیچھن تہٕ جانن پٔنٕٹھ مہربان
چُھ بس سُہ رحمان

ثنا تمِس ، یُس چُھ ربِّ اعلیٰ

زِتنہٕ کیمنے تہٕ فیلِ مستن

زمینہٕ سیکہٕ پھٔلی

نبأ کھی تارکھ

چھِ گاسہٕ تیہجن تہٕ بونہٕ وٕتھرن

رواں زبأنن یسندی مُناجات

ثنا تمِس گُن

حمٔد ہزاراں ہزارتَس

لیس

چھِ ناولچھِ بٔدی

مگر چُھ کیول



# تنہا نظامی

پاک تہٕ پوٚشن والہٕ خدایا
اندٕ وٮ۪ند
اَرٕ وَرٕ
میٲنہِ گُمانہٕ چھُ گرٛشنہٕ تہِ گرٛشی تھے
چوٗنے آسُن
اورِ زٕوین ہُنٛد شینہٕ صحراو سٕہ
پٕترو پوٚشوٚکُس زَن جرِ ہٮ۪م
منگہٕ نے کرٕنے ییژٕ عنایژ
ییٚنہٕ کُس کرِہیٚم

کٕنڈی لنجہِ وُٹھ یم میأنی
یمن پیٚٹھ
پھلی نہٕ زٕنہے شکرانہٕ گولاب
کلہٕ تھوٚد تُلہٕ ہا
مند چھِ بتھِس یتھ پنہٕ نِس کرٕ کیا
منہِ اوُسم دون چشمن تھاوِتھ
پوٚز بے شرم نظر چھنہٕ سمہٕ نے

پوٗنوٗ چشمو

روٗنوٗ ناوو

وونٛدٕ ژھ دردِلحن میأنی بوز

بارخدایا رُدٕ دَرایا

تلہٕ دِی تلہٕ پٔدی

پتھٕ دِ زتال

سیٚدٕ بُتھِ چھُمنہٕ سمأنی وُچھنس

ربّ غفوراپرِ ژھیٚون گوسے

واوٕ ڈلس منز ناوٕ لُجم

منگہٕ ہے تار دِ بخشن ہار خدایا

ہٕسی ہوسہٕ دروسہٕ لُج کعبہٕ وَتن پتھ

علمہِ تلکِی نہٕ چھِ نلمس ہاے

مطلب صأبن فرمایو

"دلس گرٕ چھُ پتُن خودِرأ چھ کرٕلس"

مأ لکل مُلکا

بہٕ تہِ زَنِ وَنہٕ ہا

نافرمان چھس بے تسکین

پرٕژھِ آگُر

پیرِ دامن برتم
کُتھ چھو کھاہ بیٚیہ سوز کھنا

ہے دیہ

میانٕہن اَرزوٕین ہنٛدِ آسرِ
بیٚیہ چھُم دردِل اکھ ارماں
فأطمہ صأبنہِ پاسہٕ تہٕ بوزُم
زنمُک دردل کھرٛ ووکڈُم
یأری یواں چھم وأری اِسمِ
ماذا اعلیٰ من شم تربۃ احمدا



# تنہا نظامی

## حمد

اِبتدا سُے تہٕ انتہا تٔمی سُنٛد
سے چُھ اِسمے اَبد تہٕ لا تٔمی سُنٛد

زٔون تارکھ چھِ کسب نٔور کران
گہہ چھُ سِری یس پیٚوٗمُت رژھا تٔمی سُنٛد

ذرٕ ذراتس مشن پشن او راد
ہر زماں بر زباں ثنا تٔمی سُنٛد

وَن تہٕ سوُرے جہاں نیستانٕ گو
ذِکرِ ہوٗ ہوٗ علیٰ صبا تٔمی سُنٛد

یُس وٗں سُے آچھِ ہتھ تسنٛز کامن
یُس وٗں سُے طالب رضا تٔمی سُنٛد

گُل چُھ صد سینٕہ چاکھ بوٗزِتھ لے
حرفِ شیرٖیں چھے راش آش تسنٛز

نوٗرٕ ظُلماتہٕ دستگاہ تٔمی سُنٛد
بے غرض، بے مثل تسنٛز یارٔی

بے منّت بے بہا عطا تٔمی سُنٛد

☆

# اقبال نازکی

(ولادت :۱۹۴۶ء)

## مُناجات

خدایہ ہاوم مےٚ دۄر روزُن
تہٕ پننہٕ پانٛنک یہ بار ویٚترُن
مےٚ گۄژھ نہٕ وونی کانٛہہ تہٕ ستی آسُن
پنُن وونٛدے گۄژھ سہارٕ باسُن
بہٕ نیٚبرٕ اژہا ، تہٕ اندرٕ نژہا
وونٛدے وونٛدس گۄژھ وون ڈالہِ سمارُن
بہُن وونی لۄت پاٚٹھی تہٕ سوچ مجھن
مُشِن مےٚ سورُے ، خدایہ بوزِما
مےٚ گۄژھ نہٕ راتُک خیال روزُن
دوہن مےٚ گۄژھ وونی حساب راوُن
خدایہ کرتم عنایتاہ وونی !
تہٕ زۄنہٕ ڈبہٕ ہُند بہٕ سائل کرٕہا
مےٚ گۄژھ نہٕ وونی کانٛہہ ستی آسُن
کرٕنی عبادت وونی پانٛنی پانس
کرٕنی عبادت تہٕ پانٛنی پانس
نہ لولہٕ نغمے نہ سوزو سازٕ
بہٕ روزٕ ہا بس وون ستی پانس



# نظام الدین سحر

(ولادت : ۱۹۴۶ء)

## حمد

حمد چھِ چانٛی میأنی زیو، ثناء چھِ چانٛی میأنی ذات
چانہِ عنایچ زٕژاہ، میأنی سارے یہِ کائنات

اِشارٕ چون تاپہ دوہ، نظارٕ میون آفتاب
چانہِ تبسُمچ دٔلیل، میأنی نظر چھےٚ زوٗنہٕ رات

بنٛیل، طُفان تہٕ یُپ، ہوکھے بےٚ پے مرگ تہٕ انقلاب
چھِ چانہِ حکمتکی نشان، تہٕ میأنی کنہِ چھِ حادثات

زُتنہٕ شیچ، موٗغل دوہک یہِ ہوٗس وٕنک لوکٹ یہِ ریٚز
یہِ کول ہُہ ناگ کوہ تہٕ وَن، ژھٹاں نشانہٕ ذرٕ ذرات

وُپھالہِ ژھانٛٹھ وایہ وُن، ژوپأرے یڈٕ کھکھر دِوُن
پھِراں ئری چھِ روزشب، ژٕ چھکھ تہٕ ربّ کائنات

یواں گژھاں شیا شیا، زیواں مراں زُوا زُوا
بقا بقا تہٕ چانٛی ذات، چھرا چھرا فقط حیات

یِپأرؠ ژٕ ے ہپأرؠ ژٕ ے ، چھِ کیا فقط ژٕ وپأرؠ ژٕ ے
یِیٔتھن ہُتھن ، کتھن کتھن ، جلال چون شش جہات

ژٕ ے ہیوٚ نہٕ کانٛہہ نہ کأنسہِ ہیوٚ ، نہ زاکھ کأنسہِ نہٕ زاے کانٛہہ
پزٕ ے ژٕ لا شریک چُھکھ گواہ وٚتھِتی صفات

ژٕ دِکھ یِمِس نِیِس نہٕ کانٛہہ ، ژٕ نِکھ یِمِس دِیِس نہٕ کانٛہہ
لٚیکھِتھ گرٚھکھ پھرِ بس نہٕ کانٛہہ ، بدست ژٕ ے معاملات

دُپُتھ مےٚ اَنتھٕ رٚوس دِتھ ، یِہ کینٛہہ دِتُھ تہِ رُت دِتُھ
تحم نہٕ بندگی کرٕنی نہٕ تٔج سرٕنی مےٚ چأنی ذات

کتاب چھُس پھِراں پٔنٕنی ، رُمن رُمن ووتھاں چھِ تھَر
گُناہ گُناہ چھِ سر بسر گوٚمُت چھُ ضایہِ ساعت ساعت

گوٚوٕ ے نہٕ کانٛہہ تہِ حق ادا گٔیم یِہ زندگی تباہ
مےٚ براٚنٹھ توتہِ چھم ربا ، عفو کرکھ بنم نجات

ژٕ ے چھےٚ خبر یہٕ کیا وَنےٚ ، گرٚھہم مےٚ کیاہ تہٕ کیا منگےٚ
سحر پھوٚلِن تہٕ گاش ہیتھ یِین ؤُن میأنی زٕ ٹھ رات



# نظام الدین سؔحر

## مُناجات

اکھ دِم مےٚ دِلُک سوکھ ربّا ییٚہِ فِکرو نظر دِم
ییٚہِ کر تہٕ عنایت زِ دُعاہس تہٕ اثر دِم

یتھ منزٕ نہٕ بۄستھ آسہِ ژےٚ ز ٚوس کانٛہہ سُہ دِلا گوٚ ژھ
یُس نیٚمۍ نہٕ ژےٚ ز ٚوس کأنٛسہِ خدایا سُہ سر دِم

دِم عشقِ نبیؐ ، شوقِ تِلاوت تہٕ عبادت
احساسِ گناہ، خوفِ خدا، دیدۂ تر دِم

اکھ حِلم و حیا، علم تہٕ عرفان عطا کر
ییٚہِ فقروغنا، شوقِ نظر ذوقِ ہُنر دِم

دِم دستِ سخا، خوے وفا، بوے شرافت
ییٚہِ دِم مےٚ قناعت تہٕ رضا زورِ صبر دِم

دِم ضبطِ نفس، حُسنِ عمل، خوئے اطاعت
خوشبوے ندامت مےٚ سدا پاک نظر دِم

بیباک دِل، حق گوے زیو، رُت جان تخیُّل

گُفتار مۆدُر میۆٹھ تہٕ رفتار زبر دِم

اخلاصِ عمل، قوتِ ایمان عطا کر
حاصِل مےٚ گژھِہ چون رضا تیۆت ژِزر دِم

بأسِن مےٚ پنُن پان دوہے نیک تہٕ حقیٖرے
سأری کراں اَسِن مےٚ قدر تیۆت تھزر دِم

ینہٕ کانْہہ بہٕ دٕش راون تہٕ کھسِہ گردِ ملامت
از کینہٕ و حسد، بغض و عداوت مےٚ مفر دِم

ینہٕ کِبرو غرورٕچ مےٚ وُنِل نال ولِہ زانْہہ
یُمہِ ستیٖ لُگن دِل پھولِن یارب سُہ سبزر دِم

ینہٕ پھرِ مےٚ ہوس مال و زرُک، جاہ و جلالُک
سرمایہِ امارُک بہٕ منگے دردِ جگر دِم

صأفی مےٚ اَچھن کر عطا دِم ذوق ملاقات
بے تأبی دِل دِم تہٕ جنون دِم تہٕ مژر دِم

یُمہِ وِزِ مےٚ بُلاوکھ تہٕ ژھۆرُے آسہِ ہلِہ میۆن
رٕچھ نظر گرِی زِہ، ینگ سامان سفر دِم

پڑژھ گأر کرنی چھے مگر گری زبم نہٕ تِمن تھی
پناہ! از آزرُدٕ گئے ، خیرِ بشرؐ دِم

وۅلُمت چُھ آنگن میون سیاہ رأژ ژودواپأری
دأرِتھ بہٕ ہَلم آس دِتم نورِ سحٓر دِم



# عبدالاحد فرہاد

(ولادت : ۱۹۴۶ء)

## مُناجات

یا اِلٰہی رحم و کرِ‌ڑ اکھ نظر
ہوشہِ ییہٕ ہے حالہٕ ڈولمُت پرٛتھ بشر

آءِلنٛ تے واوٕلنٛ سپدن فنا
بے نیازا کاس تقدیرٕکی ہجر

نفرتن لگہِ ٹٹھ پھولن لوٕلکی گلاب
آدِمس انسأنی ءتھچ زان کر

چانہِ دربازے مُدا ہٮ۪تھ سجدٕ ریز
یاوری نے ژٕے کرکھ تیلہِ پیٚیہِ پتھر

مأکلِ کُل خالقِ ہردو جہاں
شورٕ شہرن شبنمُک تأثیر کر

بیٚیہِ چھُ سُے فرہاد ہٮ۪تھ شرمندگی
پاپھ ژٕرٕی گاٮ۪تی خُدایا معاف کر



# نعیم کشمیریؔ

(ولادت : ۱۹۴۶ء)

## مُناجات

از عفو کرتم گوناہن اے کریم
دستگیری دونٕ جہانن اے کریم

بوزتم فریاد بے کس چُھس گوٚمُت
بے مروّت سأیلاہ سرِراہ پیوٚمُت
کھول بر غأبی خزانن اے کریم

چُھس پیشمان ضایہِ کٔرم زندگی
کٔرنہٕ شوقے چأنی زانٕہہ مےٚ بندگی
رٗوز غفلت صُبح و شامن اے کریم

تنگ دٔستی نال وٚولمُت چھُم ژھوپأری
بے کسی منز گیر گوٚمُت یپأری یپأری
شِہر از خألی مےٚ بانن اے کریم

کیا گژھی کم یوٚدمےٚ ذِلت کاسہٕ ہم
غیب کِبن گنجن قُفل از کھولہِ ہم
یاقوتن مبر جانن اے کریم

دِل یہِ سیاہ کر منّور زن قمر
علمہٕ کِنِن گنجن تہِ لِلّٰہُ کھول بر
پرٲوِ تو منز مہربانن اے کریم

کرتہٕ دادہِن أندرمِبن أندری دوا
چھِم مرض بُلراو پانے دِکھ شفاہ
دٲدی دگ ژٕلراو تانن اے کریم

دِم علم عزت تہٕ شوہرتھ پۆرِ پۆر
عقل و فہم گاش چشمن دِل صبور
ستی میٲنِن لالہٕ خانن اے کریم

شرمہٕ پۆرِن دُشمنن ہُنٛدُے مےٚ زانہہ
دُشمنی ترٲوِن کرُکھ ہدایتھاہ
یۆد اصل فراکھ زانن اے کریم

دوست دُشمن میٲنی از رٹِزناوتکھ
معرفتُک تم سُہ داماہ چاوتکھ
یۆد بغُض تے کینہٕ تراون اے کریم

سٲنی اولاد بند تہٕ باندھو شاد تھاو
علم و ہُنرچ تھز وَتھاہ یمہٕ نِے ژٕہاو

سارِنٕے مجنون خانن اے کریم

آسہِ گمرأہی یِمس تس کر سو دوٗر
دوٗن جہانن ہُند علم دِس پوٗرِ پوٗر
منٛز شُمارن مہربانن اے کریم

عرض کوٗرنے حض نعیمنٛ بوزتس
مہربأنی پٹھ ہمیشے روزتس
کم گژھیا چأنہِ خزانن اے کریم



# رنجور تلِگامی

(ولادت : ۱۹۴۷ء)

## مُناجات

گونہہ گأری اندر رأوِم جوأنی
بُجر در پیش چُھم ، چھم ناتوأنی
گٔیم بُرباد سأرے زندگأنی
ژٕے چھے معلوٗم سرتاپا کہأنی
مےٚ بخشن والہِ گونہن مغفرت کر
ژٕ چُھکھ پروردگارا بنٕد پرور

ٔسری حمد وثنا ژٕیےٚ گُن مُسلّم
کران ژٕیےٚ گُن سری سردار سرخم
ژٕیےٚ گُن محتاج بیشک جُملہٕ عالم
سری ملکوٗت سٕرہم جن تہٕ آدم
ژٕ پالن ہار چُھکھ سرٕنے برابر
ژٕ چُھکھ پروردگارا بنٕد پرور

کران نابوٗدٕے چُھکھ بوٗد یاربّ
ژٕ چُھکھ پرٕتھ شیہِ اندر موٗجود یاربّ

ژےٚ ژوس چھُنہٕ کانٛہہ اکھاہ معبوٗد یارب
دِلن مطلوٗب ژٕے مقصود یارب
دِتم عرفان وٕتھی تھاوُم دِلکی بَر
ژٕ چھُکھ پروردگارا بنٛدٕ پرور

زمانا چھُکھ نہٕ چھُے کانٛہہ گوڈٕ نہٕ چھُے اند
صفاتُک جلوٕ ذاتس چھُ پیوند
نہ کأنٛسے زاکھ نے کانٛہہ چھُے ژےٚ فرزند
ژٕ سرِنٕے عالمن ہُنٛد چھُکھ خداوند
جمالُک تے جلالُک نوٗن چھُ دفتر
ژٕ چھُکھ پروردگارا بنٛدٕ پرور

بٕ مُتی گوس دُنیہس یتھ ہاو باوس
أنم بامِل دِلکی ارمان تہٕ ہاوس
موٗھُم عُقبیٰ تہٕ لوٗگُم پان داوس
وُں کیا ٹھرِ تھاوٕ محشرِ کس الاوس
أچھن چھم زوٗن أنٛجرٕ دامنٕے تر
ژٕ چھُکھ پروردگارا بنٛدٕ پرور



## حمیدہ اختر

(ولادت : ۱۹۴۷ء)

# مُناجات

خداوندا مےٚ بوزُم حال اِمشب
غمو کرٕمژ بہٕ چھس پامال اِمشب

گُلن میانٕن بہار پُر فضا گوٚژھ
غمُک ہردن کوٚرُم بدحال اِمشب

مےٚ شبنم شہلاوُم سینہٕ دوٚدمُت
مےٚ ولتم رحمتہٕ کُے شال اِمشب

کرِیوٗم سیراب از دٔریائے رحمت
مےٚ کاسِو غم تہٕ بیہٕ جنجال اِمشب

خطا کارس مےٚ ژلہِ ہم روسیاہی
نظر تُہنزٕ ے کریم خوشحال اِمشب

ہٕرر لدنٕے ہٕرر ژلہِ از عنایت
گرٕژھن پٔزی پأٹھی مالا مال اِمشب

قلم تُلِو تو لیکھو میأنی رہأیی
چُھ گُنہو وٚولُمتے مےٚ نال اِمشب

ژےٚ چُھے خوش عفو مولا! عفو کرتم
مےٚ لأنِس لیٚکھتہٕ رِتی اعمال اِمشب

چھِ اختر آش ہتھ دامانہٕ دأرِتھ
مےٚ یرٕونی ناو لگہِ ہے بال اِمشب



# غلام رسول میر درد پوٗری

(ولادت : ۱۹۴۷ء)

## حمد

چونے چھُ تہہ تہٕ بالا ییٚہ بحر و بر خدایا
آسمان، زوٗن ، تارکھ چونے ہُنر خدایا

چونے چھُ دُنیاہس خاۘرزانان سۄ ۆژھ یمس داۘر
مُسخّر چھِ سانہِ باپتھ شمس و قمر خدایا

دوہہ راتھ چاۘنی قدرت باوان چھِ عقلہِ والین
دوہہِ پتہٕ چھُ شام شبہٕ پتہٕ پھولہٕ وُن سحر خدایا

ییٚلہِ چھُس سنان بہٕ پانس تہٕ ۆنی دوان جہانس
کیا چھُس بنوٗتھس کیا چونے بجر خدایا

آرام سانہِ باپتھ پرٕتھ کینٛہہ تھوۄتھ میسّر
تھاۄتھ ژےٚ ماجہِ سینس شیرٕچ نہر خدایا

گنزٕرتھ ہرکان چھا زیو احسان یم چھِ چاۘنی
باغن پھُلے وُچھِتھ کیا شیہلان جگر خدایا

ماۘلکہِ تہٕ ژےٚ زمانٕک خاۘلق تہٕ ژےٚ جہانٕک
میٚرس چھُ چون قلمس لیکھنٕک اثر خدایا



## غلام رسول میر دردٕ پوٗری

# مُناجات

برس تل بہٕ آسے کرم کر خدایا
مےٚ چُھم آش چائنی ہلم بر خدایا

مےٚ کُس بیٚیہٕ بہٕ منگہٕ کس منگُن کرچُھ جائز
شوٗبان چھُم مےٚ روزُن ژےٚ بر در خدایا

مَہ ٚ وُچھ کار میأنی ژٕ کر چارٕ میونُے
مےٚ ہیٚے وأنسہِ گرٕ متی چھِ ارٕ سر خدایا

خزانن کُمی چھے نہٕ وأفر دِوان چھُکھ
سنبر عقلہِ دِم یُتھ سمندر خدایا

حراما کھیوٗمُت چُھم وٗں پچھِم پیچھ پھیراں
مےٚ حالت گمٕژ سخ چھےٚ ابتر خدایا

نٲن چُھم مےٚ رُم رُم گناہ یاد پیتھ پیتھ
سیاہ عملہِ ہُنٛد یُتھ مےٚ دفتر خدایا

چھُ میرس یو ہے ڈر نبی گوٚ ژھ نہٕ مند چُھن
گناہ نٔی گژھتھ روزِ محشر خدایا

☆

## غلام حسن غمگین

(ولادت : ۱۹۴۸ء)

# مُناجات

غم زدن دِل پھوٚلِن خدا بۄزِن
شاد مولا گرِن خُدا بۄزِن
آہ ہو زأری کرو سٕمِتھ سأری
عرضِین پھیُر لگِن خُدا بۄزِن
بےٚ کسن عأجزن تہٕ مسکینن
داغ جِگرٕک ئلِن خدا بۄزِن
حض نبیؐ ییٚلہِ تلن شفاعتس دس
اُمتس دٕے گرٕھن خدا بۄزِن
اَسہِ چھہِ زأنِتھ گوناہ سبٹھاہ گرٕیمتۍ.
مغفرتھ از ئلِن خدا بۄزِن
اَلعطش یِیٚد کرو روزِ محشر
آبِ کوثر دِینِ خُدا بۄزِن
سأنۍ دٕدۍ مِتۍ چمن گرٕھن شاداب
عرشِ رحمت وٕسن خُدا بۄزِن
دوٗر سپدِن مصأیب و آلام

راحتکہ گُل پھوٚلِن خدا بۄزِن
واتناوِن سُہ آغہٕ بیت اللہ
اَسہِ مٔدپِنس نٟین خدا بۄزِن
ساعت اَسِن وٚنکہن تہٕ ساعتِ حسن
یِ منگو تی ئبِن خدا بۄزِن
ذاتہٕ سُنٛد معشوقؔ غمگینٕس
ستہٕ پانٕس ہیٚین خدا بۄزِن



# منشوٗر بانہالی

(ولادت : ۱۹۴۸ء)

## حمد

جہانٛک زَرٕ زَرٕ یارب کران عظمت بیان چھوٗنے
صُبح دم جانور باغس اندر نغمہٕ گُوان چھوٗنے

پڑزلوٕنی زوٗن تے آفتاب ، تارکھ لوسوٕنی ساٗری
فقط بس پوشہٕ وُن تے توشہٕ وُن ناوو نشان چھوٗنے

چھِ چاٗنس دستِ قدرتسے اندر پرٛتھ کانٛہہ زمانٛچ شے
زمین و آسمان چھوٗنے، مکان و لامکان چھوٗنے

بدلوٕنی رنگ ، موسم ، عالم امکان ، ہست و بود
زمستان، ونہٕ تے شراوُن بہار بوستان چھوٗنے

ازل ژٕرے تے ابد ژٕرے، ابتدا تے انتہا ژٕرے چھُکھ
چھُ پرٛتھ لفظس اندر سمیس اندر فرماں رواں چھوٗنے

صحیفہٕ نوٗرُکے، انجیل تے زبور تے تورات
سمندر علم و عرفانٛک چھُ قرآن ترجمان چھوٗنے

رنگا رنگ پوش ، چھٹ پوپُر تہٕ لوٗہتی ٹوٗری ، مخملی زار
چھ پربتھ ذاتس تہٕ اثباتس اندر جلوٕ عیاں چونے

قبولے کج چھ میانس پربتھ وطیرس تے طریقس منز
عفو تے در گذر کرنک سمندر بے کران چونے

یہ چُھس منشوٗر ہنہٕ آمُت زمانٕچ لاوبألی منز
یہِ اسم پاک ہر وِزِ گوٗژھ مے آسن بر زبان چونے



## منشور بانہالی

# مُناجات

یا اِلٰہی ! چھکھ تہِ ژٕے اوسُکھ تہِ ژٕے ! آسکھ تہِ ژٕے
أسی چھِ چأنی بنٛدٕ ! سأنی دوکھ تہٕ غم کاسکھ تہِ ژٕے

بےٚ پتاہ پأٹھی أسی چھِ نا معلوٗم سفرس کُن پکان
چھُکھ ژٕ وَتہٕ ہاوُکھ ! تہٕ ہاوان وَتھ ژٕ چھکھ ! ہاوکھ تہِ ژٕے

سانہِ سارے سُرٛ تہٕ یم منصوٗبہٕ چھی ژیےٚ تأبیا!
ژٕے یژھکھ خابن اگر تأپر پربزلاوکھ تہِ ژٕے

کوٗت متوأزِن چھ چانے عدل و انصافُک ، نظام!
ژٕے دِلن چھکھ حأکمن تراوان رحم! تراوکھ تہِ ژٕے

تازگی حُس بہارٕچ چھکھ دِوان ژٕے گُلشنس!
چھکھ حیاءٕتکی مَس مَلر چاوان تہِ ژٕے چاوکھ تہٕ ژٕے

یوٚد یژھکھ تے آب قطرس دِکھ ژٕ دٔریاوُک جلال
واوٕ ژھٹہِ منٛز ناو بوٚٹھ لاگان ژٕ چھکھ ! لاگکھ تہِ ژٕے

بےٚ نوا پاٚٹھی بہٕ چُھس نالہٕ دِوان از درد و غم!
میأنی ئلی کلی لفظ شرفاوتھ ژے شرفاوکھ تہِ ژٕے

یوٚد یژھکھ تے بیٚچھِ وٕنی ہے دِکھ ژٕ تاج سیم و زر
یوٚد نہٕ یژھکھٕ تا جورَنٕے تاج منساوکھ تہِ ژٕے

چھےٚ عیاں سوٗرے ژےٚ کوتاہ غرض مند منشوٗر چُھس
عرضی ین میانہن ژے کُن تھوٗوتھ دوہے تھاوکھ تہِ ژٕے



# منشور بانہالی

## مُناجات

تھزر دِم تیُتھ خیالن منز ، مژر دِم تیُتھ امارن منز
اِلٰہی چرچہِ میٚونۍ اُسۍتن ہردم سِتارن منز

بہٕ چھس اَڈٕ پھوٚل گُلا کانٛہہ پأری زانہٕ چھم نہٕ چمنچ مےٚ
مےٚ چھاوُن شوق یاوُن اُسۍتن چانِہن بہارن منز

حیا، مِلرٛار، شفقت ، لول اُسن دین و دُنیا میٚون
یوہے جِشنا، وظیفہٕ میٚون اُسن جانوارن منز

پژبزلوٗنۍ آفتابکی پأٹھی اُسن حُسنِ سیرت میٚون
شِہُل شبنم بِنتھ اوٚش میٚون اُسن لالہٕ زارن منز

اُنن گرٛشھِ میٚون پرتو دٕونن تامتھ سو شادأبی
گولاباہیوٚ پھولان منز باگ یتھٕ گٔژ خارزارن منز

خدا منشوٗرٕ بخش نَے آے چانِہن شوٗژ ارمانن
پژبزلوٗنۍ خاب چانِہن ولولن رمزن اشارن منز



# شوکت انصاری

(ولادت : ۱۹۴۸ء)

## حمد

حمد شۆبہِ تس پأدٕ یمۍ کۆر جہاں
گُلستان بیاباں زمین آسمان

یہِ بُتراتھ قایم تہٕ فرشک وجۆد
عرش تھند حکمے کرِتھ سایبان

ژے کینٛہہ نس دِتھ آسنک کینٛہہ کمال
ژے نابۆدٕ منز بۆد کۆرتھن عیاں

ژے شۆبی حمد اے خدائے جلیل
وصف چأنۍ پھرنس تہٕ کتہِ انہٕ زباں

چھے ژۆ ذاتھ سأرِے ثنا خوان چأنۍ
لباں پے چھ ہر کانٛہہ یہِ چونے چھُ شان

بشر لیس ژے بخشِتھ حسیٚچ آگہی
بصارت بصیرت تہٕ عرفاں زباں

ژٕ ہر سۆ علیٰ کُلِّ شیءٍ قدیر
کمیں چھُکھ تہِ أستھ تہِ ژٕے لامکان

پھراں گژھتہٕ شوکتؔ بٕ ژٕ تسبیح تسٕنز
یسٕنز حکمرأنی زماں و مکاں



# شوکت انصاری

## مُناجات

عفو یارب کرکھنا خاص و عامن — دُعا چھی ژٕنۍ منگان صُبحن تہٕ شامن
وٚنُتھ لاتقنطوا مِنۡ رحمۃِ اللہ — اُونس بر جوش أمی چأنی کلامن
سیاہ اعمال چھِم ووٚنی زانڈ کاسُم — خطا کارس عطا کر پاک دامن
بہارُک جلوٕ ہووُتھ پوشہٕ ٹُوربن — تمن تاشوقہٕ چانے چاکھ جامن
سنگستانن اندر چھا کانٕہہ بساتھاہ — کرکھ نا رأچھی سانٮ۪ن شیشہِ خانن
پرن پرواز کرنک دِم مےٚ طاقت — مےٚ پھولہٕ ہن زنتہٕ ہردے سونتہٕ بامن
پذیرأیی سو آسِم ژٕ دونس منٛز — اگر اے ترٛیش کاسکھ تشنہٕ کامن
خدا بندن چھُ بخشن ہار إٓخر — یہِ کتھ ویٚژھناوٕمژ چأنی قرآنن!
بہٕ طالبِ چانہِ کرمُک کوٚت چھُ واتُن — ژٕ وپتھ نا بر چھِ ؤتھی میأنٮ۪ن خزانن
مےٚ وُچھمکھ ژٕ پتو پننس وَچھس منٛز — بہٕ پھیوٚرس چانہِ پُژھی شہرن تہٕ گامن
یہِ شوکت ہاوِ کیا در روزِ محشر! — رٕٹتھ محکم مگر کرمُک چھُ دامن!



# سعدالدین سعدیؔ

(ولادت : ۱۹۴۸ء)

## حمد

چھُکھ ژٕ موجوٗد پرٕتھ حِسابس منٛز
ژٕے سوالس تہٕ ژٕے جوابس منٛز

کائنات چانٛۍ آسمان زمین
چون پرتو چھُ آفتابس منٛز

رنگ چھُ چونٛے تہٕ ژٕے بہارِ حیات
ژٕے گُلستاں تہٕ ژٕے گُلابس منٛز

چھُکھ مقدّر ، ژٕ کن فکاں موصوٗف
ژٕے ثوابس تہٕ ژٕے عذابس منٛز

بوٗد اَسِتھ ژٕ سربسر نابوٗد
سود موجود ژٕے نقابس منٛز

نارِ نمروٗد ژیٚے کوٚرُتھ گُلزار!
غرق فرعون گِردِ آبس منٛز

اکھ بچارا چُھ دانہٕ کُے محتاج
بیاکھ مَس رزِق بے حسابس مژ

بے ہُنر سعدیسؔ تہٕ ژٕ ے چُھکھ آش
دستگیری کران دوٗلابس مژ



## سعدالدین سعدی

# مُناجات

ڈیکس منز لۄبہٕ وُن انہار دِکھنا
أچھن منز پوشہٕ وُن انوار دِکھنا

ژۄ پاسے وَلنہٕ آمژ چھم کرٛیہنٛز راتھ
اَکھٕن چشمن سحر دیدار دِکھنا

دۄہکہ آرام نے چھُم خاب راتک
سکوٗن و اَمنہٕ کُے سمسار دِکھنا

کتھن میانین اثر آبِ حیاتک
بیانس پوشہٕ وُن اظہار دِکھنا

سہل بَنہٕ ہمہ یہ طوٗفان زندگی ہُند
سُہ دِل دِکھنا، دِل دلدار دِکھنا

فنائی ہندی یوان چھم لبنہٕ منظر
بقائی ہندی پرٛزھل آثار دِکھنا

بنٛدٕ چُھس چون پۆز چُھم چندٕ چھون مےٚ
منٛدٕ چُھس بازرس کرٕ ہار دِکھنا!

کوٗرُس لاچار ییٚمہٕ بُتھی پھِری زمانن
خلوٗص و محبت و ایثار دِکھنا



## قمر حمید اللہ

(ولادت : ۱۹۴۸ء)

### حمد

منکنہٕ رٕوستُے تہٕ سُے خدا سوزان
شۆبہِ یَس تَس چُھ تی خدا رٕزان

نعمژن حد نہ برگژن چھا ژھئن
سُے چُھ رہبر تہٕ رہنما سوزان

ماجہِ شفقت تہٕ مارے دود بخشتھ
شیٖر خوارن چُھ نعمتھاہ سوزان

بیا کھ کُس کرِ تہٕ ہمسری تمیٚ سٟتۍ
مُنکرن تاں چُھ بے پناہ سوزان

کائناتُک چُھ خأئق و مأئک
صۆرتن سُے چُھ سیٚرتھاہ سوزان

"کُن فیکون" بَس یژھن تمیٚ سُند
یی یژھان تی چُھ بے صلاح سوزان

عالمن سٕے قمر چھُ پالن ہار
خشک ترٕ نے چھُ کیا نہٕ کیا سوزان



## قمرحمیداللہ

# مُناجات

صاحبو چُھے ٹوٹھ پانس در گزر
در گزر کر در گزر کر در گزر

نظرِ تَل کِتیاہ خطا اَنہٕ ہِن تہٕ کِتی
بس عفو چونُے یوان چُھم در نظر

توٚگنہٕ مےٚ دارُن ہلم ، ژھارُن ، لبُن
ژیےٚ تہِ چُھے بوزُن تگان دردِ جگر

باوِ کس بوزِتھ تہِ دردِل کیا کرن
چارٕ گر ژٕے چُھکھ تہٕ پانے چارٕ گر

ڈٕ دونس میأنِس تہِ ییہِ ہے نوٚو بہار
یاتہٕ وُلی رحمت اَنکھ جوشس اندر

بارِ چھِم بارے گُناہ کرتم عفو
کارِ خم ژامُت مےٚ کاسُم لأنی ور

ازٕ گُناہ متہٕ تھاوتم کأنْہہ بخشنے
کأڑلی متہٕ کرتم خجل روزِ حشر

آش چأنی چھم تہٕ ژٕے کرتم عفو
خأڑلی متہٕ کرتم سوألیا چُھس قمر



# عبدالعزیز ہلال

(ولادت : ۱۹۴۸ء)

## مُناجات

لاچار گۄمُت چھُس یِیی نا عار خدایا
یتھ میٲنہِ پرٟونہِ ناوِ دِکھنا تار خدایا

أسیر در زنجیر گۄمُت گیر غمن مژٕ
کرتم مےٚ از ژٕ نارٕہے گُلزار خدایا

رأوِم مےٚ دوہ تے رأژ گرِکی بأژ ترأوِتھ گأم
بس ژٕے سِوا کأنہہ چھُم نہٕ مددگار خدایا

رۄدُم نہٕ ژلہٕ نَس وار گۄب گوم بار گونہن ہُنٛد
از ژٕے گونہگار دِتم دیدار خدایا

قرضس ادا مرضس دوا حاجت روا ژٕے چھُکھ
کرتم شِفا دادبن غمن مےٚ لار خدایا

متہٕ لاگتم لۄکن ہٕژن ٹھونچن تہٕ دکن مے
وبقار میونٔے کرتہٕ بُلند بار خدایا

کوتاہ منگے بہٕ رنگہٕ رنگے تنگ دستی چھم
رزقس ہُر بر کرتم ہُر بر کرتم اتھس وُسجار خدایا

آسے بہٕ روبے چُھس پرأنی توبہٕ استغفار
ییٚتہٕ یور متہٕ کرناوتم بدکار خدایا

ہاوُم صراط المُستقیم تھاوُم مےٚ حقس پیٹھ
سیٚزرس تہٕ پزرس متہٕ انتم پار خدایا

رٕژ کأنٛہہ تہٕ عملا چھم نہٕ گرٕمژ زأنٛہہ تہٕ وُنستام
کرتم کرم مےٚ چھس بہ شرمسار خدایا

اکثر ہلاکسٓ زیرِ نظر چھی پننی اعمال
بس رحمتس چأنِس چُھ ومیدوار خدایا



# غلام نبی آتش

(ولادت : ۱۹۴۹ء)

## حمد

لم یزل عزوجل اللہ تعالیٰ
بے مِثل بے مثال کُن مولا

لاشریکس بدست چھُ ہست وبود
بودوناپوٗد سُے چھُ کُن معبوٗد

روزٕوُن پوشہٕ وُن چھُ لامحدود
سوزِ زر زر تہٕ روزِ سُے موٗجوٗد

نۍہہ تہٕ نێنٛدٕر نہ دود دگ زانی
احسن الخالقین چھُ لافأنی

تَس نہٕ حاجت پیوان مشیرن ہُنٛد
تس ضرورت نہٕ زانٛہہ وزیرن ہنٛد

تس قیوٗمس نبا چھ زیوٗن تہٕ مرُن
تس نہٕ کھیوٗن چیوٗن وُلُن سون کپٹن

سُے چھُ روٗزِتھ زرس زرااتس منٛز
سُے چھُ عدمس تہٕ کایناتس منٛز

بے نیازا مگر چھُ بخشن ہار
راز دارس صفت چھُ السّتار

سُے چھُ دِنہٕ وول سُے چھُ سوزن وول
سُے چھُ نِنہٕ وول سُے چھُ بخشن وول

مرُسلین انبیاء گرِن معبوٗث
ازلہٕ مقبوٗل بے ریا بے لوٗث

خاتم الانبیاءؐ عظیم کوٗرُن
محمد مصطفٰےؐ کریم کوٗرُن

خلقتن پیٹھ کوٗرُن کوٗرُن احسان
کوٗرُن نازِل پیمبرس قرآن

رب چھُ روزِ قیامتک مأ لک
رحم و کرمک شفاعتُک مأ لِک

لاشریکس شریک تیٖمی گنٛزرو
پان پنہٕ نُے جہنمس تمٕی ترٛوو

غیراللہ وُچھتھ بڑمکھ یتھ نو
کأنسہِ ودپرس کنتھ نمکھ یتھ نو

تہندِ دربارٕ یُس اکھا ژھۄردراو  برانٛدٕ پتہٕ برانٛدٕ پھیوٕرتَس پیٚو واو
روسیاہ موسفید چھُس ہأرِتھ  ڈیڑِ تل آمُتن ہلم دأرِتھ
آتشِ نابکار ناہنجار  مغفرت چھُس منگان یا غفار



# غلام نبی آتش

## حمد

ژٕے چھکھ خدائے لم یزل پروردگار چھکھ
قوی ، قیوم ، عزوجل ژٕے کردگار چھکھ

سونتس تہٕ چانٛے رنگ تہٕ زمستان تہٕ چانہٕ ستی
رہتہٕ کول ، گریشم چانہٕ ستی پوشن بہار چھکھ

شاہنشاہا! شاہنشہی چانٛی چھہٕ پوشہٕ وٕنی
ہر کینٛہہ ژٕ پانہٕ زانہٕ وُن اسرار وکار چھکھ

پرٛتھ ذرٕ پرٛتھ ذٔریاتھ تخلیقات سورٕونی
قائیم ژٕ بے زوال چھکھ عالی وقار چھکھ

یامتھ یوٗژھتھ تہٕ پاٛدٕ کوٗرتھ ارض و سماوات
یامتھ وبڑھکھ لُہراوِہکھ بااختیار چھکھ

بارس لٔدِتھ گونہہ مےٚ چھم کارس نہٕ شوٗب کینٛہہ
یارن کران خُدا یہٕ ژٕے گلزار نار چھکھ

ژٕ کٔرِو یوٗد گرٕنهکھ تہٕ غضبہٕ پننہٕ رٔچھ زِ مأکاہ
اے واحدُ القہارٕ ژٕے باسِط جبّار چھُکھ

مولا رحم کرُس چھُ یہٕ آتش سیاہ عمل
رحمان چھُکھ رحیم ، روف و غفار چھُکھ



# غلام نبی آتش

## مُناجات

أسی چھی منگان سأری　　پرٕتھ ساعتہٕ گری زِیأری
رحمت چھےٚ چأنۍ جأری　　پروردگارٕ سانے
اَسہِ شوق نو بہارُک　　علمُک تہٕ گاٹہٕ جارُک
لولُک تہٕ پانہٕ نیٛارُک　　پروردگارٕ سانے
بر اَسہِ دِلن اندر لول　　سُے عأرفو تہِ یُس پول
ییٚمی نفرتُک بِنا گول　　پروردگارٕ سانے
گِیُنڈنا کرو گُلن سٟتی　　قُمرٕن تہٕ بُلبُلن سٟتی
جنگو تہٕ مُشکلن سٟتی　　پروردگارٕ سانے
اَسہِ کرٕ چھےٚ خاص ارزتھ　　مأیِلس تہٕ ماجہِ خدمتھ
اَسہِ ہاو اصلہٕ چی وَتھ　　پروردگارٕ سانے



# غلام رسول جوشؔ

(ولادت : ۱۹۴۹ء)

## حمد

بہٕ چُھس زنٛدٕ بس چانہٕ ہٕتھن خُدایا
حمد بس حمد میأنٛز ہن ہن خُدایا

ژٕ چُھکھ واوشی اکھ بنان مئون احساس
بہٕ تعریف چأنی گُہل ، وَن خدایا

کنٛنن منٛز مےٚ ڈیوٗنٛھم کھٕنٛتھ چون ہوٗ ہوٗ
وِزان گاش چُھم آبہٕ شرٛانن خُدایا

یوہے یی یہِ اونٛد پوٚک ہوا آب گلی گٹہ
یوہے یی یہِ بےٚ چُھس یہ کیٚتھ فن خدایا



## غلام رسول جوشؔ

# مُناجات

وُٹھن پیٹھ سمان آرزو ہتھ دُعا چھم
یہ معصوٗم شوٗقُل دِلُک اِلتجا چھم
بہ پرہا بہٕ سرٕ ہا بہ کیا چھُس مےٚ کیا چھم
یہ معصوٗم شوٗقُل دِلُک اِلتجا چھم

ژٕ چھُکھ سیرٕ اسرار تیٚ زأنی راوُم
یہ ہےٚ ووٗنت سٔدرُک سنبر سارٕ ناوُم
مےٚ تعلیم پرُنک یوہے بوٚڈ مُدا چھُم
یہ معصوٗم شوٗقُل دِلُک اِلتجا چھُم

یِرادن وُڈو، سَنٛز مےٚ دِم دوٗر تھزرن
یہ سِرٕ سأوی قدرتھ پٔنٕنی پأٹھی وُچھن
سرُن چھم یہِ دُنیا کرُن حق ادا چھم
یہ معصوٗم شوٗقُل دِلُک اِلتجا چھُم

مےٚ بوچھس پھکھن پیٹھ چھُ اخلاص محبت
سِتارن، سیارن بہ گژھ ہاوُن تیٚ ہتھ
یوہے اکھ خلا باز بننک طمع چھم
یہ معصوٗم شوٗقُل دِلُک اِلتجا چھُم

مےٚ منز کرتہٕ روشن خدایا پزٕچ زوٗر

یہٕ پرٕتھ جایہِ نپہٕ ناوٕ ہا چون دستوٗر

مےٚ وَتہِ ڈٲلِہتمن ہُند بنُن رہنما چھم

یہ معصوٗم شوقل دِلُک اِلتجا چھُم

برنزٕ بن منز مےٚ ژُیہہ ژُیہہ چھُ ترٛپان خدایا

اچھر میانٕ آلو چھِ للہٕ وان خدایا

دِلس منز یہِ دُب دُب مےٚ لولُک صدا چھم

یہ معصوٗم شوقل دِلُک اِلتجا چھُم

ژٕ دِم نوٗر اَنہٕ گٹٕ مےٚ چھم گاشہِ راوٕنی

ژٕ دِم مامے سوُے چھم لگن بأگراوٕنی

ژٕے دِم جوشِ ہندر یمتمن سُے دوا چھم

یہ معصوٗم شوقل دِلُک اِلتجا چھُم



## نأدر احسن

(ولادت : ۱۹۵۰ء)

پرو اَلحمد اللہ دوہس راتس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس
چھُ سُے خألِق تہٕ مألِک زر زراتس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس

خدایَس شوق گۆو آدم بنوُن
ژۆپُن ملکن أمِس کُن سُجدٕ چھو دِیُن
کۆرُے انکار أکۍ تَس کینٛہہ نہٕ موُن
تسُند تقدیر یکدم نِہناوُن
کۆرُن شرمندٕ تےٚ رُسوا کُنُے ژون
لُکن منز ناو تس ابلیس تھووُن
چھُ ماتی کأنسہِ اَتھِ یِی تَس چھ دردس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس

فقط تأبیا چھِ تُمۍ سےٚ دوہ کیو رات
چھِ تُمۍ سٕنز ذکر در عرض و سماوات
زمینس پیٹھ بسأوِن کٔژ ذُریات
بنأوِن زوٗن آفتاب بیٚیہ نباتات
سمندر کوہ بیابان تےٚ جمادات

بشکرانہٕ تِمِس کُن پرٕ مُناجات
کُنُے چھے قل ہواللہ ذات چھے تَس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس

چھُ نبین منز سبٹھاہ عأ لی پیمبر
اِماما عالمُک بیٚیہٕ ختمِ مُرسلؐ
چھُ ما کانٛہہ رُتبہٕ وولا تس برابر
خداین کوٚر عطا تس حوضِ کوثر
یوان کیا سیرٕتس چھِ مُشکِ امبر
پوٚرُن ''اِقراء'' کوٚرُن آغازِ سفر
بوٚرُن توحید ہے گوڈٕ سگ حیاتس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس
کتابا یِہ چھے بےٚ شک ہدایت
''ہُدًا لِلمُتقِین'' آیت گواہ اَتھ
پرکھ یوٚد باخدا تھاوی سلامت
سرکھ یوٚد عاقلہٕ بخشی امامت
اطیع اللہ رسولؐ واٲحِد شرط اتھ
صراط المستقیمٕ چھے یہے وَتھ
چُھ وعدا آغہٕ سُند تاری صُراتس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس

برُون چھے گوڑٕ دوہے دینِ مُبینس
توے تھوُکھ ربّن ژٕرے پٔتھ زٔمینس
رُون چھے شجرِ تقویٰ منز سٟنس
اَدے دیو مل ژلی اتھ اٟئنس
تھٕونی نظراہ یتیمس مسکینس
دِیِی رُبّ جاے تل عرشِ برٟنس
یِمہٕ گیہ بڈ کتھاہ کانہہ نِشہِ آغس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس

ربس یتھہِ پأٹھی بندن ہُند محبّت
برٕنی اَسہِ ماجہِ مأِلس ماے محبت
چھہِ ژأنلنی زندگأنی ہٕشز تمازت
کرٕنی درراہِ مولیٰ سخ محنّت
غریبن بےٚ کسن کرسا رفاقت
یہِ چھے راہے نجاتچ اکھ علامت
درکھ ییلہِ اَدٕ واتکھ تتھ مُرادس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس

خدایس ہر طرف ییلہِ کرکھ سرخم
کرٕنی چھے شِرک و بدعتس لار یکدم

اَدے روزی سُہ ربّ ژیےٚ ستی ہمدم
تھوی سُے دوٗر ژیے از نارِ جہنم
بنی ایمان وَن کیا چھے ژےٚ تی کم
وَلا خوفٌ علَیہِم گوٚو مقدم
بنی اَدِ سرُخروئی منز شش جہالتس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس

خدایا بُڈ چھَ بَس چأنی رحمت
کرن چھس توبہٕ بیہٕ از در ندامت
بخش ایمان کأمِل چھے ژےٚ قدرت
یُمس گوکھ رأضی تس بخشتھ ژےٚ نُصرت
کرُم ووٚنی مغرفت تھاوُم عجابت
بروزِ جزا تھاوُم سلامت
منگان نأدر چھُ ہردم لاشریکس
شُبن تعریف سأری پاک ذاتس



## نأدراحسن

# مُناجات

چھے ناد لایان اکھ گدا  از بوز صدا از بوز صدا
پیوٗمُت پتھر چھے سرِراہ  از بوز صدا از بوز صدا

دُنیا بنوٗوُم ٹوٗٹھ یار  روٗوُم توے صبرو قرار
ژروٗوُم مےٚ عقبا چھُم خطا  از بوز صدا از بوز صدا

گوٗہن ہُنٛدُ ے انبار چھُم  کوتاہ پھیکِن پیٹھ بار چھُم
فضلا کرُم چھُس مُبتلا  از بوز صدا از بوز صدا

چھُس خستہٕ گوٗمُت خار کوٗت  بمار تے لاچار کوٗت
بخشُم مےٚ ووٗنی سوزُم شِفاء  از بوز صدا از بوز صدا

آسمانہٕ پیوٗمُت چھُس پتھر  زِندے مےٚ گاٮ۪ژ چھم قبر
بییہٕ تھوٗدتُلم از دست وپا  از بوز صدا از بوز صدا

اوٗمُت ہینے منز آبہٕ ہے  چھُم ناو منز گرداب ہے

بۆژھ لاگتم سۓ چھُم مُدا  از بوز صدا از بوز صدا

یۆ دوٚے مےٚ کٔرۍ مۍ چھِم خطا  چھُس توتہٕ چونٕے أے شہا
مند چھاوِتن متہٕ روسیاہ  از بوز صدا از بوز صدا

چھُس چندٕ چھۆن بیہٕ بے ہُنر  پنہٕ نبن خزانن بر مُژر
کیا کم گژھی چھُکھ بادشاہ  از بوز صدا از بوز صدا

نادن مےٚ کن از تھاوتم  آغا مےٚ متہٕ مُشراوتم
لاتقنطو وصفِ خدا  از بوز صدا از بوز صدا

أژی مے شفیع یم ژور یار  اولالُعظم صحابہ کبار
بیٚہٕ تاجدارے انبیاء  از بوز صدا از بوز صدا

نأدر کران چھے زار و پار  اے داد رس بوز میأنی زار
حأظر ژےٚ چھے بڈ بارگاہ  از بوز صدا از بوز صدا



# رفیق راز

(ولادت : ۱۹۵۰ء)

## حمد

قرار دوہس نے چُھ آرام راتس
بہٕ عاشق گوٚمُت چُھس تِمس پاک ذاتس

لطیف و خبیرو عزیزو مُہیمن
چھِ کأتیا صفت کیا ونے پاک ذاتس

سُہ حأکم ، سُہ بأری ، مصوّر حکیما
یوٚ ژُھن یی تہٕ سپد یو پزٕ ژھُن کأنسہِ ماتس

سُہ وأ لی ، سُہ وأرث ، سُہ باقی ، سُہ خألق
سُہ قأدر دوان شہہ زمینس ذِراتس

سُہ اول ، سُہ أخر ، سُہ بأطن ، سُہ ظأہر
ونے کیا پھوان ئند رِزول چھس نہٕ ساتس

چھِ تارکھ تہٕ افتاب محتاج تسی کُن
منوّر کراں سُے چھ دِل رأتی راتس

ندا لایہِ ہردس بہ "یانور" ہرگہہ
پھولن نورکی پوش باغِ نشاطس

نہ تریشی لُجس زانہہ نہ کھوٚرِ ے تچھن زانہہ
کوٚرُن آب جأرى چِنابس فُراتس

بدیعُ العجأیب تہِ سُے مقتدِر سُے
عطا رنگ کأتیاہ کُرِن کایناتس

توٚگُم یُتھ حمیدا حمد چون کوٚرمے
دِتم زیرِ قلمس ووں دس تُل تہٕ نعتس

نبیؐ رأضی تھوتن از بہرِ رحمت
ووں قأبِل بناوُم مےٚ تہندِس شفاتس



# فیاض تِلہٕ گامی

(ولادت : ۱۹۵۰ء)

## حمد

ذرس ذرس چُھ بر زبان حمد اے خالقِ جہاں
ژےٚ کُن چھ کُل جہاں پراں حمد اے خالقِ جہاں

زماں ، مکاں ، سورُے جہاں، زمین کیاہ آسمان
چھِ چانہِ قودرتچ یہ شان حمد اے خالقِ جہاں

چھِ انبیاء ژےٚ کُن نمان تہٕ قبلہٕ مُرسلن تہِ ژے
ژٕ چُھکھ ژھپتھ تہٕ ژٕے عیاں حمد اے خالقِ جہاں

صُبح تہٕ آفتاب چۄن ، چُھ شب تہٕ زونہِ تاب چون
نبس چُھ کہکشاں لیکھاں حمد اے خالقِ جہاں

خدایہِ لایزال چُھکھ، کنُے ژٕ بے مثال چُھکھ
مکاں چھُ چون لامکاں ، حمد اے خالقِ جہاں

چھِ پوشہِ وَن مُشک ژھٹاں، مُشک چھ لا اِلٰہ پراں
اوے چھِ جانور گبوان ، حمد اے خالقِ جہاں

ژٕے اورِ زوٕے پئُن زٕو چھُتھ تہٕ بود بے بہا کوٚرُتھ
ژٕے آٮ۪سنس دِژِتھ زباں، حمٗد اے خالقِ جہاں

ژٕے عالمس کوٚرُتھ عطا، امارٕ نوٗرِ مصطفٰےؐ
ژٕے ڈالہِ یَس دِتُھ قرآن، حمٗد اے خالقِ جہاں

فیاضؔ کیا کری بیاں، لفظ لفظ چُھ تَس کلاں
قلم تہِ چُھس گُلِتھ گژھاں، حمٗد اے خالقِ جہاں



## فیاض تِلہٕ گأمی

# مُناجات

بہٕ چُھس عأجزٕ ژٕ بوزم زار یارب
ژےٚ رٚوس بیٚیہٕ چُھم نہٕ کأنٛہہ غم خوار یارب

چمن چھُم ہرٕدٕ بُزی گومُت بخشتم
گُلن ہُنٛد مأری موٚنٛد انہار یارب

بےٚ پرٛتھ واوس اندر چھم ناو ٲلجمٕژ
ژٕ یَتھ سٕدرس دِتم وونی تار یارب

زمانن ترٛ وومُت پرٕژھیوٚن گُرِتھ چُھس
غمو کوٚرمُت بہٕ چُھس لاچار یارب

بہٕ اکھ بے بس بشر آلو دِواں چُھس
ژٕ چُھکھ دون عالمن موختار یارب

ژٕ کر نظرِ کرم روشن مےٚ سپدن
حیاتکی بے بہا اسرار یارب!

قدم چھِم لۄسۍمتۍ مُشکل سفر چھُم
ژٕ واوُک ہیٚو دِتم رفتار یارب

وَچھس منز اورِزہ ے دم پھُٹۍ گُمتۍ چھِم
شفا بخشُم بہٕ چھُس بیمار یارب

دوہس راتس مے بخشاں چاۆنۍ پرٛہ چھم
رُحس فرحت دِلس شہجار یارب

پھُلے قلمس دِتم بے کس فیاضسؔ
پھولن سوخنن مے مُشکہٕ دار یاربؒ



# غلام محمد رفیق

(ولادت : ۱۹۵۰ء)

## حمد

حمد سأری شُبن تس پاک ذاتس
چھُ یُس مألک تہٕ خألق کایناتس
نہ زامُت کأنسہِ نے تَس کانٛہہ چھ زامُت
چھُ یُس زانان یہِ دُنیا رِکتھ بنیٚومُت
چھ یُس روب کایناتُک ماورائ
چھُ یُس مألک پگاہ یومِ جزائک
تیٚمِس ہیٛو بیٚیہٕ نہٕ کانٛہہ یُس بوٚڈ تہٕ اعلیٰ
کُنے شوٗبان چھُ یُس سُے حق تعالیٰ
چھُ یُس مُشفق مہربان رحم کرٕون
چھُ یُس مختارِ مطلق چارٕ کرٕون
کٔرن گردِش مقرر تیٚمی سیارن
تھزر بیٚیہٕ نوٗر بخشُن ئیٚمی ستارن
کٔرن نابوٗدٕ منٛز تیٚمی بوٗد ذٕرریات
بنأوِن تیٚمی بہ حکمت دوہ تہٕ بیٚیہٕ رات
تھوٗون تیٚمی رٕو پربزلوٗن گرم قأیم
بُتھل تھأوِن ملأیم فرش دأیم

ہوا تیمی تھوٚو بہ گردش بہرِ خدمت
زِمخلوق آدمس تیمی کٔرن بخش عظمت
زمانس تیمی گردِش مُقرّر
سُہ یُس زانان چھُ دِلہٕ چے رلیہٕ ذَر ذَر
چھُ لأزِم حمدٕ پتہٕ نعتِ محمّدؐ
چھُ اقدس بعدِ رب ذاتِ محمّدؐ
ونان حا میم یا سین لیس چھُ بأری
شفاعژ یہنٛدِ ستیٚ امید وأری
رفیقا تُل قلم لیکھ نعتِ سرورؐ
وومیدن ہُنٛد ہلم ہیتھ روز بردر
دُعا منگ خالقس منظور تھاوی
مرادس مطلبس پیٹھ واتناوی



(مثنوی عرفانِ وجۂ دمٔژ)

# سُلطان محمّد سُلطان

(ولادت : ۱۹۵۱ء)

## چأنۍ رحمت

بٔ پرٕتھ گُنہِ منز پٔنٕنۍ کٔنۍ طاق اوُسس
لُکن اندر سبٕھاہ چالاک اوُسس

دوٕہس راتس بٔ اوُسس پیس تاران
بٔ لاگان ووٕنۍ گاہے گرٛاکھ اوُسس

نٔیرۍ معصوٗم بُتھ، لأرِتھ مٔدر زیو
بٔیِس اندر رٔٹِتھ پوٚز شرٛاکھ اوُسس

بران پرٕتھ ساتہِ گوڈ فتنن فسادن
أکِس نِش اکھ بٔیِس نِش بیاکھ اوُسس

جوأنی أتھی اندر چھم ضایہِ گرٕمٕژ
عمر سأرٕے مےٚ وِرٕونہِ ناوِ گرٕمٕژ

ربّا بخشم ژٕ بخشن ہار چھُکھنا
تیٚمِس نے کانٛہہ تمِس ژٕے یار چھُکھنا

کرٕم ما زانہہ تہٕ چأنی آن مأنی
بہٕ ژۄوُس سارِوے چھُم آش چأنی

مےٚ چھم ووٚنی بس اَکے سَتھ بَس اکے سَتھ
سو گیہِ بَس چأنۍ رحمت چأنۍ رحمت



# بشیر چراغ

(ولادت : ۱۹۵۲ء)

## مُناجات

چھُس گونہہ گارا عفو کرتم خدائے لم یزل
خألی چھُم یم بانہٕ تم برتم خدائے لم یزل

سَتھ مےٚ چأنی پرٕتھ مقامس پٮ۪ٹھ کران چھم تازٕ دِل
اعتمادس رأچھ ژٕے کرتم خدائے لم یزل

چھُس سبٹھاہ تأریک رأژن منز وَتن ہُند چھُم نہٕ پے
چھی ژٕے یم تارکھ ژٕ تم جرتم خدائے لم یزل

یٚیمہِ خزانک مال دولت بس چھُ عرفانِ حیات
تمہِ خزانک کینٛہہ ژٕ بأ گرتم خدائے لم یزل

نہہ گٔژس منز روز ہا روشن چراغکی پأٹھی یتھ
وونی تمی انہارٕ از گرتم خدائے لم یزل



## بشیر زاہِرٕ

(ولادت : ۱۹۵۲ء)

# مُناجات

اے خدا چأنس برس تل تھأوِتھ اَسہِ کأرِ خم
رحمتُک کر سایہِ اَسہِ پێٹھ کر پنٕن فضل و کرم

أسی یتیمن مفلسن حاجتمندن گژھِنہٕ بکار
نوتوانن گژھِ کرٕنی اتھٕ رٚوٹ خدایا دم بدم

مُشکلاتن منز تہٕ أسن خوش تہٕ اَسہٕ وٕنی سأنی موکھ
دٕور اَسہِ نِش تھأوزِنکھ پرٛتھ وِزِ زمانٕکی غم سِتم

زندگی ہُند کیاچھُ مقصد اَسہِ تہِ گوٚژھ حاصِل گژھن
پزرٕچن ٹاچھِن وتن پێٹھ تھاو اَسہِ ثأبت قدم

بأے چارُک گژھِ دوہے أسی کأیناتس دِن درس
وأنسہِ گژھ انسأنیت اَسہِ رِکژ بنٕنی دین و دھرم

آسمانٕکی راز کرٕ ہوکھ فاش دِتہٕ تیُتھ جذبہٕ تھوٚد
ساز کر تیُتھ ہیٚو عطا یُس دِی دِلن نوٚو زیر و بم

عٲلمہٕ کِس سٕدرس ژٕ کِس تل واتہٕ ہٕنکی اَسہِ ہاو وَل
عرشہٕ کِس تھزرس کھٕژنی گرژھی اَسی تہٕ ترٛشہ شوقٕچ علم

نغمہٕ گرژھی بُلبُل ہیٚچھنی اَسہِ نِش مٕدرِ بیٚنہٕ مایہٕ ہٕتی
پوٚش باغن ہٕندی دوہے اَسہِ نِش نیٖن مُشکٕنی ہلم

پٲدِ کر میچھر کتھن سانین اندری چھے دُعا
نوکتہٕ لیٚکھناوُن حیاتکی زاریرٕن اوٚیل قلم



# علی شیدا

(ولادت : ۱۹۵۳ء)

## مُناجات

دِل چھُ راواں قرار دِم مولیٰ
أشہِ پھیربن ووٚنی شُمار دِم مولیٰ

ناو ییرٕ وٕنی مےٚ چھم طُفانس منز
نا خدا چھُکھ ژٕ تار دِم مولیٰ

عظمتن ہنز قداوأری بخشُم
حبہِ فرژن رُت بہار دِم مولیٰ

وصلکی ژأنگی مےٚ گرِم روشن
وحشتو نِشہِ فرار دِم مولیٰ

شبنمکی پأٹھی اوٗش ہران روزا
تاپہٕ برگن جہار دِم مولیٰ

لوٗکہٕ ہتی ہے بہٕ مایہٕ چھُس وٚ وٚلمت
پننہِ لولُک شہار دِم مولیٰ

تاپہٕ وہراو دِم شعۆرس از
زۆنہٕ گاشُک خمار دِم مولیٰ

روزِ شیٚدآ کران قدم بوسی
کوچہِ تہندےٚ مزار دِم مولیٰ



# غ۔ن۔ظاہر

(ولادت : ۱۹۵۳ء)

## مُناجات

خدا صأبا ژٕ خوشین ہندی مُژر بَر!
گوناہگارن خطا کارن عفو کر!

غمن ، کڈر بن تہٕ کریٹھبن مُشکلن منز
ژٕ بہرِ مُصطفیٰؐ اَسہِ روز یاور
گہے چھس آسماہکی خاب سونچاں
اندر سٔدرن گہے چُھس ژھانٹھ وایان
صحی وَتہِ ہنز ژٕ پانے رہبری کر
گوناہگارن خطار کارن عفو کر

دِلُک دور بر چھُ پیوٚمُت پنہٕ نبن تہٕ وو پرن
بُرتھ وہہ سارِنے اندر چھُ جگرن
کرکھ نا دوٗر غمہٕ کُے ووٚنی یہِ کریچھر
گوناہ گارن خطاکارن عفو کر



# شہناز رشید

(ولادت : ۱۹۵۴ء)

## حمد

ہرموکھس شینہٕ سۆدُر ، دانہِ کھہن چھکھ سوزان
تُلرِ چھکھ پوشہِ چمن، مانچھ گنن چھکھ سوزان

فِکرِ ہنٛدی اَنہٕ چھِ پربزلان فقط چانی ستی
ذِکرِ باپتھ ژٕ مدری، میٛٹھی دہن چھُکھ سوزان

لیس تہِ پنٛدر، سہٕ بہرحال کتاں کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ
لیس تہِ ابُسن چھُ ، تمِس ڈینٛجہِ ژٕپن چھکھ سوزان

زِندگانی چھےٚ زُون پاے لباں ، رنگ ژھٹاں
خاب سوزاں ژٕ اَچھن ، مائنزِ اتھن چھُکھ سوزان

ژٕے سمن بل تہٕ شمع دان سلامتھ تھاوان
چھُکھ وُتھن پیٹھ ژٕ اَسُس ، آب اَچھن چھکھ سوزان

اۆبرے ژٕے تہٕ عبرتھ سون رچھاں ژٕے یارب
پۆژ سوزان ، ژٕ دستار کلن چھکھ سوزان



# شہناز رشید

ژٕ ے چھُکھ ، ژٕ ے چھُکھ ، ژٕ ے چھُکھ ، ژٕ ے چھُکھ ،
ژٕ ے چھُکھ ، ژٕ ے چھُکھ ، یا اللہ
اول ژٕ ے چھُکھ ، آخر ژٕ ے چھُکھ ، لول تہِ ژٕ ے چھُکھ ،
شوق تہِ ژٕ ے چھُکھ ، کاسان دِ ے چھُکھ یا اللہ

عربکہِ نخلستانن کہِ سریٖہ پیٹھ جھیل وُلرتاں
نیلبن سوٗ دُرن اندر روو تھہِ وُن لُہر مژرتاں
گُلمرگک شہجار چھُ یاور، پربتھ ڈری یاوُک گاٹھ منوّر
طوٗرس نورٕچ ژادر برسر۔ چانی سِتی

زمزمی آب تہٕ گُلہم داد بن ہُند مہلا و
ہرموکھ بالک وادتہٕ ڈری یاوس مژناو
شبنمہٕ کوہن ہُند نیہ وُن عالم
پوشہِ تھر بن پیٹھ صُبحُک شبنم
باغن مژ انجیر تہٕ بادم، چانی سِتی

صُبحک تارُ کھاش حیاتچ تھکہٕ روس قدمن
پھولوٗنی ، پھولوٗنی سنگر ڈیشتھ وولسان آنگن
اَنہٕ گٹہِ اندرے گاش کرامت

پاک وُٹھن پێٹھ شوٗژ تلاوت
جاناوارن آنٛپن برکت چانی ٲستی

زوٗن ژودأہم، لچھِ بٔدی تارکھ اُسمانکی
شبنم ورشُن، منظر کھہِ وِنہِ اختابکی
حُسنچ سأرِ ےزان گُلس منز
کُستوٗرِس گُفتارو چھس منز
ہارچھےٚ ونہ واں یارِ ونس منز چانی ٲستی

دارِبن دروازن پێٹھ زوٗل یہِ خابن ہُنٛد
سمن بلن پێٹھ شامن چری گُیش یارن ہُنٛد
عزتکی تھٔدی دستار کلن پێٹھ
ماجن میچھ پوٗژ کلن پێٹھ

دوٗدموصوٗمن باشہِ وُٹھن پێٹھ چانی ٲستی
ہلمن اندر سیکھ پوزوٗنہِ تہٕ چھِ چشمن آب
چشمن اندر اُسہِ سبزارن ہنٛدی وُنہ تہٕ چھِ خاب
سینن منز ارمان چھِ قأیم، لوٗلکی کینٛہہ دالان چھِ قأیم
شہنازنی گلدان چھِ قأیم چانی ٲستی



# شبیر احمد شبیر

(ولادت : ۱۹۵۴ء)

## حمد

قدرت چھ چأنۍ کأمِل تھز چأنۍ شان یارب
جاۓ گیر ملکیت چھے سورے جہاں یاربّ

چُھکھ رحمتک ژٕ آگُر تأریف شوٗبہٕ نے ژےٚ
پرٕبتھ طرفہٕ نوٗرٕ چأنے عالم گہان یاربّ

وبژھنے کرٕنۍ صفاتن چأنین سہل کتھاہ چھا
کتہِ انہٕ تیوٗت طاقت عأجز زبان یاربّ

بہتر انداز رٕکتھ کٔرنۍ انسان پأدٕ کوٗرتھن!
یِی زانہِ ہے بنہٕ تمہِ چی گرٕتھس ژےٚ زان یاربّ

برتل چھِ چانہِ سأری شاہ و گدا برابر
پرٕبتھ کأنسہِ پیٹھ ہوٗے کیُتھ چھکھ مہربان یاربّ

گُژھی ناکرٕنۍ خدایا شُکرانہٕ چون بُلبُل
تھأوِتھ تمن سجأوِتھ کم گلستان یاربّ

کوہ بال ،نیہِ سمندر، اختابہٕ زوٗن تارکھ
بے شک چھِ چانہِ بجرٕکی یم بڈٕ نشان یاربّ

تخلیق آدمس منز ٹاکارٕ چأنی عظمت!
قدرت چھِ چأنی باوان آبِ روان یارب

ناراض یس تہٕ سپدکھ خارو ذلیل کرٕہن
بخشان چُھکھ یژتھ ژٕ ےیَس چُھکھ یژھان یاربّ

نظرن اندر چُھ چانہٕن تم گوشہٕ کایناتکی
وأتِتھ نہٕ یوٚت ہیکے زانٕہہ وہم و گُمان یاربّ

ژامُت ژھپن چھُ آمُت شبیر چھپنہٕ باپتھ
ترٕ ہریامتین ژٕ بخشاں چُھکھ نا امان یاربّ



# ولی محمد اسیرؔ کشتواڑی

(ولادت : ۱۹۵۴ء)

## حمد

ژٕوپاسے گو صدا اللہ اکبر  پران پانٕے فضا اللہ اکبر

یہ شانِ بے نیأزی چأنِۍ مولا  نٹان شاہ و گدا اللہ اکبر

زمینس آسمانس منز خلأیق  کران ذِکرِ خدا اللہ اکبر

سُہ چھُے پرٕبتھ جایہِ أستھ لامکاں پۆز  دِلن ہُند دِلرُ بااللہ اکبر

شریکھا کأنہہ مہ زانُن وحدتس تس  سُہ ذاتِ کبریا اللہ اکبر

بقا حاصِل چھُ بس تس لایزالس  چھُنا باقی فنا ، اللہ اکبر

کتابن تے صحیفن مورسلن ہُند  گواہ قرآن گواہ اللہ اکبر

وَسان رحمت چھِ تٔمی سٕنز عالمس پٮ۪ٹھ  اول تا اِنتہا اللہ اکبر

درۄدٕ چ ڈألی سوزان پانہٕ مولا  بہ محبوبِ خدا اللہ اکبر

کران چھُس نامِ پاکس ورد ہردم  بنان دادن دوا اللہ اکبر

أسیرؔس آش چأنی یا الٰہی
دِل و جانم فدا اللہ اکبر



## ولی محمد اسیر کشتواڑی

# مُناجات

زیٛوِ پیٹھ یوان ہردم پروردگارِ عالم
بس چھُم سدا مےٚ ہمدم پروردِگارِ عالم

تھزٕ شانِ وول مولا خالق چھُ کائناتُک
سأری اتھن چھِ سرخم پروردِگارِ عالم

دُنیا تہٕ بس چھُ تہنٛدُے عُقبیٰ تہٕنٛد بلاشک
چھُم یہٕ یقیٖن محکم پروردِگارِ عالم

لوح قلم چھُ چونُے عرش و فرش چھُ چونُے
ژٕے صاحبِ مکرم پروردِگارِ عالم

قوربان دستِ نازس تیٚمی پأدِ کور یہٕ آدم
بییہٕ سأنی نبی اکرمؐ پروردِگارِ عالم

باغن اندر مےٚ وُچھمکھ پوشن اندر مےٚ وُچھمکھ
عاشق بہٕ گوس یکدم پروردِگارِ عالم

پانس وۄتھن مےٚ بتھر چھُم دِمہٕ کیا جواب أخر
بُتھِ آسہِ بعرشہِ اعظم پروردِگارِ عالم

عأجز أسیر اُمت با صد وۄمید دژ اُمت
رٔژھ نظر مےٚ کرتم پروردِگارِ عالم



# نثار لدار

(ولادت : ۱۹۵۴ء)

## حمد

خداوندا! سبٕٹھاہ تھوٚد شان چونے
جن و آدم زمین اسمان چونے

چھے چأنی حکمرأنی دون جہانن
سبٕٹھاہ وأسیع چھُ دسترخان چونے

تمامن مُرسلن نبین ژٕ سرتاج
چھُ عدلُک بار بوٚڈ ایوان چونے

تمام روٗحانی ہیٚتہٕ کِنبن گنبدن منز!
وسیع لولُک سبٕٹھاہ عرفان چونے

حسینن، نازنینن ، ماہ جبینن!
گلابک رنگ روغن ارزاں چونے

تمامن دینن و مذہب چین کتابن
چھُ رہبر ، رہنما فرمان چونے

کوٚہن بالن، بیابانن تہٕ مرگن!
چھِ نوٗرٕ ے نوٗر أسی ڈیشان چوٗنے

چھُ چوٗنے بنہٕ اکھ دلدار ژرارُک
دِلس منٛز ہیتھ فقط ارمان چوٗنے



## رخسانہ جبین

(ولادت : ۱۹۵۵ء)

### حمد

سٔجدٕ شوٗبن تَس خدایس ییمیٚ عطا کوٚر اَسہ یہِ جان
پأدٕ ییمیٚ کٔری زوٗن تارکھ بیہِ زمین و آسمان

آفتابس منٛز چھےٚ پرٕبزلان تٔمی ہنٛدے نورٕچ زٕژا
ذرِ ذراتس کائناتس پیٹھ وُچھم سُے حکمران

ظألمن غأصب بےٚ آرن جأبرن جبّار سُے
بےٚ کسن مظلوم نادارن بےٚ چارن مہربان

تٔمی سُنٛدُ ے لوح وقلم خلدِ بریں، عرشِ عظیم
سلطنت تمی ہنٛز زمین و آسمان تا لامکاں



# شمشاد کرالہٕ واری

(ولادت : ۱۹۵۵ء)

## حمد

حمد و ثنا ژےٚ شوٗبی سوٗرے جہاں چھُ چونے
بُتراتھ مأری مٔنز تے تھوٚد آسمان چھُ چونے

تارکھ تہٕ زوٗن چأنی، آفتابہٕ گاشہِ امبر
کیا سانہِ سایہِ باپتھ رُت سائبان چھُ چونے

یتھ وارِ گُل چھِ چأنی واوس عطر چھےٚ چأنی
ووٚلسیاو رنگہٕ بُلبُل کیا نغمہٕ خوان چھُ چونے

بہٕ تہِ کیا تھکہٕ زِ بے چھُس میٚژِ موٚر گُرِتھ ژےٚ تھوٗوتھ
انگ انگ دِوان گواہی زوٗ بییہِ جان چھُ چونے

سرخم ملکھ تہٕ موکل آدم تہٕ جِن چھِ روزان
تعظیمہٕ سان پرٕتھ کانہہ ناوا ہوان چھُ چونے



# بشر اسرارؔ

(ولادت : ۱۹۵۵ء)

## مُناجات

آیہِ حض أسی تُہنٛدِ برتل بۄزی تو عرض و سلام
أسی پتھر پیٚمتی چھِ للّٰہ کأسی تو ووٚنی غم تمام

لگِٲ سبٹھاہ دَکہٕ دألی نَے أسی رۄدی گھاٹھکی نَے گرِکی
نال ڈول کُفرن تہٕ شرکن أسی سپدی وٕقتکی غلام

کھوٚٹ پزروٚل جامہٕ اَپزِ یک اَپزِ کُے اَسہِ کوٚرپڑ چار
دٖین کُن ایمان کُن مُشروو اِسلامُک نظام

نفسہٕ شیطانن أچھن ہُنٛد آب اَسہِ نایاب کوٚر
سأنی کتھ مبقراز ہٕش اہریٕز ہیوٚ سونٕے کلام

ہِتنہٕ مِتہٕ مُشروو اَسہِ فرض تہٕ سُنت بیٚیہٕ قرآن
نے چھُ اَسہِ خوفِ خدا نے مرنٕسے کوٚر احترام

چھُس پیوٚمُت ووٚنی تشنہٕ چھم دراہٕٹھ پھٕٹتھ زیوٚ باہِ کس
ہاہِ کس ووٚنی سینہٕ دٚودمُت چاہِ کس وصلُک مےٚ جام

چھُس سبٹھاہ شرمندٕ یمہٕ کُس بُتھ کرِتھ روزے جزا
ہاوٕ کیا اعمال پٔنٕنی باوٕ کیا پٔنٕنے پیام

ووٗنی لِللہ کرٕی تو بشیر اسرارٕ ہنٛز عرضی قبوٗل
چھُس طمع یوٚت واتنُک کرٕی تو عطاتس سُے مقام



# زاہد مختار

(ولادت : ۱۹۵۶ء)

## حمد

علم چونُے، دِلن الہام چونُے
وندان پرٕتھ شاہ ژٕے چھے قبلہٕ کرٕونے

انان چھُکھ گاش میأنس اَنہِ گٹس ژٕے
لیکھتھ برحق ژٕے تھوٗوتھ ازلہٕ لونُے

دِتُتھ رہبر ژٕے نبیسؐ ہیٚو، بلاشک
تمی زونکھ ژٕ ربّا، تیٚمۍ سہٕ زونُے

تگہِ کیتھٕ کنٕ مے قلمس حمد لیکھُن
بہٕ وندٕ ہے زٕو یہٕ چھُم نا زٕوتہِ چونُے

چھُ زاہد بس رٕٹتھ دامانِ رحمت
منگان چھے مغفرت رُم رُم ژٕے میونُے



## زاہد مختار

# مُناجات

سینہٕ دۍ زبم تہٕ اکھ سِپر دی زبم
حرُف دی زبم تہٕ پُر اثر دی زبم

واوِلبن منز چھِ گاسہٕ تلٕو ییران
یا اِلٰاہی یمن سفر دی زبم

یُتھ بہٕ دامن پٔنُن تہِ کرٕ رتہٕ دأے
کتھ مے وننگ تیٚتھے مزر دی زبم

یُتھ نہٕ تیٚہہ سورِ گٹہٕ پچھس اندر
بس تیٚتھے ژیوٚہ مے مختصر دِی زبم

وُنہِ چھُ خابن اندر مے کوتُر اکھ
وارِلس ہِش تمِس نظر دی زبم

زندگی تھاو اضطرابس منز
خاب دی زبم تہٕ معتبر دی زبم



# عزیز حاجنؔی

(ولادت : ۱۹۵۷ء)

## مُناجات

ہێتھ وومیدوأری بہٕ آمُت چھُس کریم یأری خُدا
غمزدس از پانہٕ کاسِم غم تہٕ لاچأری خدا

داغ یِم سینس مے لگی مٕتی چھِم ژلن سأری بلن
باغ پھُلراوِم تہٕ ٹلراوِم مے بیمأری خدا

زان عرفانٕچ خدایا دِم بہ یُتھ زأنِتھ ہکہٕ!
رب خدا، رأزِق خُدا شافی خدا ، بأری خُدا

یُس گزل وقتن وٕتھِتھ آلو دِیس پزِ لولہٕ سان
تس غزل خوانس کلامس بخشہِ تہہ دأری خُدا

بُلبُلن ہنز نغمہٕ خوأنی پوشہِ چمنک رنگ و بو
ہوشہِ والِین نِش چھُ ژھاران چھیکرس ساری خدا

بندٕ چھُس عأصی مگر اکھ رحمتُک ذٔری یا سٕہ چھِم
اتھٕ تُلِتھ روزِتھ منگس رحمت تھوِم جأری خُدا



# شہزادہ رفیق

(ولادت : ۱۹۵۹ء)

## حمد

خدا وندا بہٕ چُھس چونُے تہٕ چھُم ناو برزباں چونُے
عرش چونُے ، فرش چونُے یہٕ سورُے لامکان چونُے

چھُ اکھا کھ بڑ نز ژیوٗ ہ چونُے یُہر کیا سات تاں چونُے
چھُ زُو چونُے چھُ زر چونُے تہٕ رُت شوقل جہاں چونُے

شرق چونُے ، غرب چونُے سیکہٕ صحرا تہٕ ون چاٗنی
زمین چاٗنی زماں چونُے تہٕ سازل آسماں چونُے

شجر چاٗنی حجر چاٗنی چھُ سورُے خشک و تر چونُے !
تہٕ بخشاں شوٗب یُس زگتس سہٕ نافل گُلستان چونُے

سونزل چاٗنی تہٕ چاٗنی زوٗن چھُ چونُے کہکشاں نزل
ونے کوتاہ چُھ کیا چونُے عظیم آدم نشان چونُے

عشق چونُے عقل چاٗنی علم چونُے تہٕ کیا چھُنہٕ چون
چُھ کاسان غاٸِلن غفلت پیام چونُے قرآن چونُے



# شہزادہ رفیقؔ

## مُناجات

خدایا کرکھنا ژٕ رحمچ نظر
بےٚ دسگا گۄمُت چھ گومُت اکھ اکھ بشر

زمیٖن ، زۄن ، تارکھ تہِ فِکرن گٔمتی
وتن وبہ ، ہوا نار، آبس زہر

بُتل پیٹھ، بنجر گۄمُت سۄم سۄتُر
وساں گامہٕ شہرن چھے خۄنچ نہر

وۄبوُدُر چھُ ذہنس تہٕ سوچس چھُ شاپھ
بِہتھ زاگہِ نظرن چھےٚ ریٖژٕلی نظر

گۄمُت باپہ کاغذ، چھُ قلمس جمۄد
مناجات لیکھنس تہِ راواں اثر

بہر حال چُھکھ مہربان و رحیم
ژٕ دگ، دود، دۄکھ سأنی کر موٗختصر

زِ فیضاں کرُن کُل جہان مستفید
کرم کر ژٕ چھکھ مُحسن وبحروبر

گٹن منز چھےٚ ستھ چانٕی وَتھ گاشِران
رفیقس تہٕ یاربّ چھےٚ ژےٚ گُن نظر



# سیّد اختر حُسین

(ولادت : ۱۹۶۰ء)

## حمد

چھی ثنا خوان اے خدایا کایناتکۍ ذر ذرات
پرٕتھ شیا سرخم کرِتھ چھے جانہٕ رٔسۍ یا ذی حیات
ییٚلہِ نہٕ کُنہِ کینْہہ اوس، اوسکھ تیٚلہِ تہٕ ژےٚ اے کردِگار
روزٕوُن چُھکھ بس کُنے باقی چھُ سوٗرے بے ثبات
گردِشس منز تھاوِہکھ نے زٕوٗن آفتاب و زمین
کوٗنْہہ اکھا کرِ ہے عنایت ژور موسم دوہ تہٕ رات
کیا چُھ مُشکِل چانہِ باپتھ عالمین ہُند وجوٗد
"کُن" سپٕن جأری وجوٗدس آیہ سأرٕے کاینات
پرٕتھ چھوکس مرہم دِلن بخشان فرحت چأنۍ یاد
لیس نہٕ آسان کانْہہ چُھ یاورتَس چھ یاور چأنۍ ذات
نظرِ رحمت چُھکھ کران لیس نیک اخترؔ سُے بنان
پانہٕ اڈٕ پھٕٹران پانے سُے دِلکۍ لات و منات



# رشید فیروزؔ

(ولادت : ۱۹۶۱ء)

## حمد

خدا عالمس منز بالا و برتر

اللّٰہُ اکبر اَللہ اَکبر

نۆ مرِتھ چھِ تسی کُن تھدِ کھوتہٕ تھٕدی سر

اللّٰہُ اکبر اَللہ اَکبر

نہ حاجت تمِس کینٛہہ نے کینٛہہ ضرورت
بنوٗن یہِ دُنیا چھِ تمۍ سنٛز یہ صوٗرت
نہ چھُس کانٛہہ شریکھے نہٕ تَس کانٛہہ چھُ ہمسر

اللّٰہُ اکبر اَللہ اَکبر

چھُ خاُلق تہِ پانے تہٕ ماُلِک تہِ پانے
کۆرنس حُکم "کُن" بنیو اکہِ آنے
فرق ماتھٕون کایناتس تہِ اکھ زر

اللّٰہُ اکبر اَللہ اَکبر

اللہُ چھُ آحد، مگر حدٕ لاحد
نہ چھُس کُنہِ اُنتھے نے کُنہِ سرحد
وُچھِتھ کارٕ تمۍ سنٛدی عقل سأنۍ ششدر

اللّٰہُ اکبر اَللہ اَکبر

حکوٗمت چھُ سورُے سُہ پانے چلاوان
کنہِ تَل کیٚمِس تاں کھسِن والتہٕ ناوان
چُھ سُے دلحزینن ہُنٛد پانہٕ دلب
اللّٰہُ اکبر اَللہ اَکبر

صفت اُنتھٕ رٚوسی تس توے کانٛہہ نہٕ ثأنی
چھِ زرس زرس منٛز قدرت نشأنی
تابع تمِس زوٗن اختاب و اختر
اللّٰہُ اکبر اَللہ اَکبر

چھُ رب عالمین ، نبن کیٚو زمین
چرندن پرندن شریفن کمین
لکھان سارِنٕے ہُنٛد سُہ پانے مقدر
اللّٰہُ اکبر اَللہ اَکبر

بہ فیروز کرٕ ہا تعریف چأنی
مگر چھِنہٕ مےٚ زیوِ پیٹھ لفظے سمأنی
ژٕ دانا و بینا زانان بہتر
اللّٰہُ اکبر اَللہ اَکبر



## رشید فیروز

# مُناجات

مےٚ کرٕناوُم پنُن دیدار ربا
مےٚ تھو زبو پیٹھ پنُن گُفتار ربّا

بہٕ چھُس ناشاد کورمُت یٔمِ زمانن
غمو نِش از دِتم موکجار ربّا

عبادت کرٕنکٕی از کر ہدایت
بناوُم جنتُک حقدار ربّا

کلامس میأنی ہے تھو تیٚتھ ژٕ تأثیر
پسند ہر کأنسہِ ییہِ گُفتار ربّا

یمن لوٗکن دوان دکہٕ دأنی دُنیا
ژٕ پانے چھکھ تہنٛد دلدار ربّا

بہٕ ناچیز کیا کرے تعریف چأنی
چھ میأنی ڈأنی یم کینٛہہ شعر ربّا

رشید فیروز ژےٚ کُن خم کٔرِتھ سر
مےٚ عمگینس چھُہم غمخوار ربّا

☆

# نذیر احمد نذیرؔ

(ولادت : ۱۹۶۲ء)

## حمد

وٕنتھ کیا بہٕ ہیکہٕ چأنی عظمت خُدایا
زمان و مکانس ژٕ چھکھ ستھ خُدایا

عطا خاکدانس کوٗرتھ مُضطرِب دِل
بنیٖو زندگی ہنٛز علامت خُدایا

یمن بےٚ پرٛھن محشرس پیٹھ نہٕ پرٛھ کانْہہ
وُچھن تِم بہ محشر کرامتھ خُدایا

ژٕ معبوٗدِ برحق چھ سأری نماں ژیےٚ
کراں أسۍ تہِ چأنی عبادت خُدایا

سہل کرِی زِ عأصی بندن روزِ محشر
ژٕ برپا کرکھ ییٚلہِ عدالت خُدایا

حمد چون لیکھہٕ نٕک نذیرسؔ تمنّا
عطا تس کرکھ نا سُہ طاقت خُدایا



## نذیراحمد نذیرؔ

# مُناجات

صاحبو بے شک ژٕ چھُکھ رَبِّ جلیل
کر عفو گونہٕ ہن چھِ اَسی بندے ذلیل

تھاو اَسہِ قائیم براہِ مستقیم
نوٗرِ ایمان کر عطا بے قال و قیل

گٕڈ چھِ گرِ مِتی نفرِتکی ۔ ہوٕہن ضمیر
نوٗرٕ پنہٕ نے گاشراوکھ یا جمیل

ژٕ دوٗنن ہیٚیہِ گُل تِتھے پاٹھِن پھوٚلِن
شاد نارس منٛز سپُد یتھٕ ژٕ کنِ خلیلؑ

کار یوٚد گرِ یچھ اما لاتقنطوا
روزِ محشر سانہِ باپتھ ژٕ ژٕ دلیل

چارٕ سونے کر بپاسِ مصطفیٰؐ
غمزدن تے اَتھٕ چھوٚنبن ژٕ ژٕ چھُکھ کفیل

چارٕ سازا کأشرٕ بن چارٕ ساز
کار سازا بَس ژٕ چھکھ نعم الوکیل

ییٚتہِ ژھوکن لفظٕے نذریس زٕو کلان
چاأوِ زبٕن داماہ تٔتی از سلسبیل



# ضمیر انصاری

(ولادت : ۱۹۶۳ء)

## حمد

زمین آسمان تہٕ زوٗن تارکھ مکان کیا ہیٚہ زمان یاربّ
ذرن ذرن منز وجوٗد چونۍ غموٗبان کیا یم نشان یاربّ

تھربن کنڈبن ہُند عتاب اُستھ غزل گوان یم اشارٕ چانیے
امارٕ چانے گُل گُلن منز حمد چھ بُلبُل گوان یاربّ

زماں تہٕ چونۍ مکاں تہٕ چونۍ چھ کینہہ تہٕ چونۍ نہٕ کینہہ تہٕ چونۍ
سمندرن منز بشوقہٕ چانیے صدف یہٕ موختس ونان یاربّ

قدیم ژٕ ے چھکھ، عظیم ژٕ ے چھکھ، رحیم ژٕ ے چھکھ، جہیم چونۍ
کریمہٕ کرتم کرم مےٚ گوٗہن وسیلہٕ اوٗنۍ زمانؑ یاربّ

بحرٕ چھ غزلن وزن چھُ نظمن مےٚ ما پتاہ چھم وزن تہٕ گوٗ کیا
یہٕ چھس نہٕ شاعر یہٕ چھم مےٚ چونۍ عظیم ذوقِ بیان یاربّ



## حسرت حمید

(ولادت : ۱۹۶۴ء)

### حمد

غم زدس دِل شاد کرتم اے خدا
در مدینہٕ ناد کرتم اے خدا

تنگ بہٕ گوٚمُت چھُس غمک گوٚب بار ہتھ
جان و دِل آباد کرتم اے خدا

رنج و فکرو ؤولمُتےٚ چھُس ہر طرف
عاجزس آزاد کرتم اے خدا

لوٚت پکان کمزور گوٚمُت چھُس سخت
کیا گرٛھی کم حاد کرتم اے خدا

بارِ عصیانے کمر چھُم خم گوٚمُت
دال قد شمشاد کرتم اے خدا

پنجرس منز بند بہٕ گوٚمُت چھُس أسیر
خنجرٕ نشہِ آزاد کرتم اے خدا

ڈیڈِ تل آمُت گدا حسرت حمید
پوشہِ وُن اِمداد کرتم اے خُدا



## سرور ہاشمی

(ولادت : ۱۹۶۴ء)

# مُناجات

چھکھ سارِنے ہُنْد ژٕ ے خُدا　　ژٕ ے بادشاہن بادشاہ
گوٚمُت سبٹھاہ لاچار چھس　　چأنِس برس تل چُھس گدا
ژٕ ے چُھکھ رحیم و مہربان　　ژٕ ے بے کسن چُھکھ آسرا
کرتم عطا سوزو سکوٗن　　یارب مےٚ ژٕ ے روزُم رضا
نأدِم بہٕ چُھس ، شرمندٕ چُھس　　گٲرِ زبم سہل روزِ جزا
دوہ راتھ چأنی آشِ چھم　　یارب کرُم حاجت روا
لاچار چُھس ناچار چُھس　　ژٕ ے چارٕ گر چُھکھ اے خدا
باغس زٕزُر ژامُت ژٕوپأرِ　　ٲو تازگی کرتس عطا
فٔریاد میأنی بوزتکھ　　منظوٗر تھاوُم التجا!



# شاہد دِلنوی

(ولادت : ۱۹۶۷ء)

## حمد

لطُف سران یہٕ نظر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ
اوٚشس بنان چھُ گہر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

دِلس اندر چھ ہوٗ اللہ بٔستھ تہٕ سوٗ ہم سوٗ
شہس شہس چھُ اثر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

گہاں چھُ سِری یہٕ تہٕ گاہ چانہٕ گاشہٕ انہارے
نیاں چھِ زوٗن تہٕ بہر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

تھزر لبان چھُ تخیّل وُچھان عرشِ بریں
سٔرِتھ پران نہٕ مگر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

قلم چھُ حأرتن لیکھ ئتی وصف کم اسرار
گرٛھان چھُ زیوِ تہٕ کجر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

پزٕچ وَتھاہ چھِ کُنی امہٕ اور اکھ صحراو
سٔرِتھ سرنہٕ چھُ سبزر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ

وُچھتھ زمین فلک چون پرتوٕے شاؔہد
پران چھُ شام و سحر لا اِلٰہ اِلاّ اللہ



## شاہد دِلنوی

# مُناجات

خطا گری مےٚ وارا خطا بخشتم
وُڈھن پیٹھ چھُ حرفِ دُعا بخشتم

ژٕ چھُکھ میوٗن داور تہٕ ربِّ جلیل
برحمت مےٚ وَلتم رِدا بخشتم

ودان چھُس اطاعت کرٕنی تُج نہٕ مےٚ
بہٕ پاسِ رسولِ خدا بخشتم

وٕلتھ پان چھُکھ ذرٕ ذراتس اندر
چھُ کینٛہہ نس شماں لا اِلٰہ بخشتم

بلند چاٛنی عظمت بہٕ کیا کرٕ بیان
گلان چھُس بہٕ ہُن ہن شما بخشتم

سوالو بہٕ کوٗرمُت چھُس نیم جان
خیالن مےٚ رُت کانٛہہ فدا بخشتم

مِتِس شاہدس بے قرأری اندر
چھُ وردِ زباں لا اِلٰہ بخشتم



## شبنم تِلگأمی

(ولادت : ۱۹۶۹ء)

# مُناجات

ہاوتم رٕژ وَتھ خدایا تراوتم دِینُک اثر
تھاوتن دِل صاف میٲنۍ پاک ژٕ ے تھاوُم نظر
ہیتھ بہٕ چُھس نیران خُدایا بس یہِ چونۍ نامِ پاک
کار رٕتی کرناوتم ہرٕ ناوتم علمُک بجر
چھم خدایا روزٕ مرٕ وونی اکھ اُمیدا چأنۍ بس
ییتھ دِلس میأنس ژٕ بخشکھنا ہدایت تے صبر
شوقہٕ ستی پأدٕ کرٕتھن ژیٔے یہِ سأری کائنات
چھی کران ژیٔے سجدٕ جن انسان بیٚیہٕ شمس و قمر
نوٗرٕ پیٚٹھ ژیٔے پأدٕ کوٚرمُت چھے محمد مصطفیٰ
عالمس بخشتھ امی نورانہٕ اکھ ابدی تھزر
جانوارن چھے بخشمُت لولہٕ بوشاہ خوش یوٗن
ذِکرِ حق پیٚہم کراں پرٛیتھ جانہٕ ور شام و سحر
از وٕسیلے چھے انان شبنم ژٕ ے سأری انبیاء
بے کسن تے مُفلسن وونی کرتہٕ رحِم اکھنظر



# محفوٗظہَ جان

(ولادت : ۱۹۷۱ء)

## حمد

حمُد شوبن تس خدایس بے شُمار
چھے شہنشاہ عالمن ہُند کردِگار

عالمینن پیٹھ چھ تہنٛدُے دستگاہ
دۄن جہانن بس چھ تہنٛدُے روزگار

پأدِ کۄرمُت چھو فلک آسمان زمین
چانہِ رٛوس چھُنہٕ کانٛہہ دوان باغس بہار

چھی ملک انسان جن ژیٚے ماتحت
ذرٕ ذراتس چھوِ تٔہی بس مددگار

چانہِ رٛوس کانٛہہ یٔمس منگھو وَنو
چھوِ شہنشاہی تُہٕ چھوِ تاجدار

زار بوزُم عاریٖ نے میون ژٚے
چھے کران محفوٗظ ژیٚے بس زارٕ پار

چانٛژ تعریف ہیکہٕ کٔرِتھ کرٕ اے ربّا
زار بوزُم عاریٖ نے چھم مُدا

دون جہانن چون شوبان گاش چھُم
چھس برس تل ناد بوزِو ھٕض صدا

چانہِ موکھہِ پھوٚلُمت چھُ سورُے کاینات
چانہِ آشے چھی ہلم دأرِتھ گدا

پرٛبتھ اکھا ژیٚے کُن دِوان سجدٕ وُچھم
پرٛبتھ اکھا لاران دِوان چھےٚ ندا

چھس ہلم دأرِتھ بہٕ آمژ چون بر
چھُو بجر چھِہ عالمیٖنن ہنٛدی ادا

چھس بہ محفوٗظ ژٕ ے مےٚ چھُکھ نامہربان
چانہِ زٕوس مےٚ کُس کریم دادبن دوا



# منظور خالد

(ولادت : ۱۹۷۴ء)

## حمد

بندٕ ہٕندی فریاد بوزان کاینا تُک گُن خدا
دِل رَچھن پزی پأٹھی زانان کاینا تُک گُن خدا

مؤمِنن تے مُنکرن ، طاقتورن لنگین لرٕزِن
سارِنٕے کھیاوان تہٕ چاوان کاینا تُک گُن خدا

گُس پتھر پھٕٹنن تُلان تھۆد ، یِرٕ گمٕتنن بۆٹھ انان
گُس کران مُشکِل چھُ آسان کاینا تُک گُن خُدا

گُس گنہگارن چھُ سوزان شٕنچھ وٕلو دوراں مےٚ نِش
گُس چھُ عأبن پردٕ تراوان کاینا تُک گُن خدا

گُس دِوان آہن تہٕ نالن بے قرارن رُت جواب
گُس ووٚمیدن شۆب لاگان کاینا تُک گُن خدا

گُس تھوان آب و ہوا، سبزار ، شٕیجار آیتن
گُس کران چھے سنز تہٕ سامان ،کاینا تُک گُن خدا

کُس چُھ مأژِس ماجہِ شفقت ستی تھاوان دِل بٕرِتھ
کُس چُھ شِمکس منز تہِ پالان کاینأتُک کُن خُدا

خالدا یِنہٕ روخ کرکھ زانٛہہ کأنٛسہِ کُن آغس ورأے
مہربان ، حدٕ ژوس مہربان کاینأتُک کُن خدا



## منظور خالد

# مُناجات

یم غم تہٕ سِتم سأنی از ژٕلہٕ راوِ خدا سون
أندرِم تہٕ نبرِم دأدٕ از بٔلہٕ راوِ خدا سون

بیشک چھِ گونہو ستی بٕرِتھ سانہِ جسمکۍ تان
ودمید چھم پرٕبتھ داغ اَسہِ نہناوِ خدا سون

کر در گُذر کوتأہین، اترٕبن تہٕ تقصیرن
پروانہٕ معأفی ہُند لیکھِتھ بخشاوِ خدا سون

رٔژھرِتھ چھِ حسین خواب اَسہِ، تھأوٕمتۍ چھِ أچھن منز
تعبیر رُت پرٕبتھ خابسے اَسہِ ہاوِ خدا سون

رحمت تہٕ برکت بےٚ بہا، بےٚ حد تہٕ بےٚ حساب
سانین ژھرٕبن ہلمن اندر از تراوِ خدا سون

از تاں تہِ مِنت تھأو تمۍ شُکر بہٕ نن
ییتہِ یور تہِ اَسہِ پانہٕ مِنت تھاوِ خدا سون

پرٕ بتھ طرفہٕ حأیِل مِلتس از مسلہٕ سبٹھاہ کرٚ اٹھی
یِم مسلہٕ پننے فصلہٕ ستّی أنزراوِ خدا سون

چُھنہٕ مؤمنس زُو جان عزت آبرو محفوٗظ
ستھ چھم زِ یِم حالات ووٗنی بدلاوِ خدا سون

لیچھِ بٔڈی درۄد ، لیچھِ بز سلام یتھ نیک ساعتس منٛز
سوئے رسولِ محترمؐ واتناوِ خدا سون

پرٕ خالدا لا تقنطو مِنْ رحمۃِ اللّٰہ پۄر
ڈ ودمُت جگر شہلاوٕ ، دِل پھۄل راوِ خدا سون



## ایوٗب مونگہامی

(ولادت : ۱۹۷۵ء)

# مُناجات

خُدایا خُدایا کرم کر خُدایا
گونہگارنہٕ از نظر کر خُدایا
ژٕ خألق تہٕ پانے ژٕ مألک تہٕ پانے
بندن ہٕندۍ خطا در گُذر کر خُدایا
گونہگار یوٚد چُھس بہٕ بندٕ چُھس چونے
اگر چُھس خطا زد عفو کر خُدایا
ہے دأدۍ لد چُھس دوا از مےٚ کرتم
مرض دارہے از شفا کر خُدایا
مےٚ سایس اندر ہمہ بہ پاسِ محمّدؐ
مےٚ چھم ستھ تہٕنز روزِ محشر خدایا
مونگہامی ایوبس مہرباں ژٕے روزتم
بس ژٕے روزتم مےٚ یاور خُدایا



# رئیس جانثآر

(ولادت : ۱۹۷۵ء)

## حمد

تھو وردِ زباں ہر صبا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ
رأضی روزی تتھ خدا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ

ہردم ژٕ امہِ چی تھاو لے شیشس ژلی اِد زنگ تہٕ کھے
دادبن دوا مرض شفا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ

ایمان کأمِل آسہِ یَس سأرے ضلالت کاسہِ تس
حأصِل گژھبس ہر کأنہہ مُدا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ

کلمے اول آخر تہِ چُھے یی ظأہرو بأطن تہٕ چُھے
سُے ابتدا سُے انتہا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ

پیغام ہیتھ آے انبیاء بُنیاد اِسلاچ چھِ کیا
یُی کلمہٕ سۆر تٔمی لۆب بقا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ

یِیلہِ عدمہٕ اندر بۄد دژاکھ نبتھٕ نۆن تہٕ اَتھٕ چھۆن یورآکھ
گوشن اندر سپدُے ندا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ

تیٚمۍ مرنہٕ برونٛھے تھۆو سٕرِتھ لٔب نے حیاَتی تمٔ مُرِتھ
حق کۆر تمٔی کلمُک ادا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ

در گور موردس تھۆد تُلُن تمہِ وِزِ مَلک چھِس یِی پرٛژھن
ون أے بشر چُھے کلمہٕ کیا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ

چھُے جاں نثارا یِی پزر اَسہِ فرقہٕ گٔے وارہ مگر
پرٛبتھ کأنسہِ گۆژھ آسُن مُدعا لا اِلٰہَ اِلاَّ اللہ



# فاروق شاہین

(ولادت :۱۹۷۸ء)

## حمد

چھےٚ ذات کٔسنٛز یہِ کائیناتس
اَتھس منٛز رزٕ ٹھتھ چھُ پانے
ازٔل ابد سرحدو گرٕ ھتھ دوٗر
شُنِس تہِ کانٛہہ حدتےٚ چھِی نہٕ
تہٕ لامکانس کرِتھ چھُ لاکم
''خداے برتر چھُ ناوٕ تٔمی سُنٛد''

خیالہٕ تھز روتہِ سُہ تھوٚد چھُ تھز رس
بہٕ کور کڈٕ ہا تخیلُس واش
بہٕ کوٚت لمان ہیوٚ ربُلندِ ین کُن
بہٕ پٔتھرِ بون اکھ زُرِس شرٕ پتھ چھُس
وون گوٚ ومےٚ چھُم سَتھ یہِ ناوٕ تٔمی سُنٛد
شرف تمی چھم عطامےٚ کوٚر مُت
اوے ہوان چھُس بہٕ سام ذاتس
حقیقتس یُس فقط چھُ واقف
''خداے برتر چھُ ناوٕ تٔمی سُنٛد''

رگن رگن منز رتس رنگس منز
أندری أچھن یُس چھ گاش پریڈان!
گُلبن پنٕس منز سبز رگن منز
تہٕ آبہٕ قطرن اندر حیاتُک
پیکرا اکھ بٔنتھ چھ نیران
سمندرن منز، سیاہ گوٗچھن منز
چھ گاش تیٚمی سُند
تھد بن پہاڑن، سنید شینٕس
اندر بٔستھ یُس
دِلن دماغن، ذہین سوٗنچن
اندر بہٕتھ یُس
قریب روزان شہہ رگن منز
''خداے برتر چھ ناوٕ تٔمی سُند''



## اظہار مُبشِر

(ولادت : ۱۹۷۸ء)

# مُناجات

تسبیح پران بہٕ چأنی شام و سحر خدایا
کٔری توٚمے لُطف وکرٕچ بس اکھ نظر خدایا

کٔرتھکھ عطا سعادت کرِنے ژےٚ بس عبادت
پیدا کٔرِتھ توے ژیےٚ جِن و بشر خدایا

پرٕ ہزلان دوہن تہٕ راتن بس چون حُکم واتن
گردِش کران اِدٕ چھے شمس و قمر خدایا

ژٕ ووُم رسولؐ یامتھ موٚٗتھ مےٚ قرآن تامتھ
رووُمت مےٚ بندگی چھُم سوُرے اثر خدایا

ژٕ ووُم مےٚ چون دامان گوٚنہو کوٚرُس پشیمان
ژألِم مےٚ غفلتس منز کم کم سفر خدایا

دٕمہٕ پھُٹٕ مےٚ سینہٕ سپدُم ٔسری پیٚٹھی مےٚ آب ووُتم
حسدٕکہِ الاوٕ ءستی ذوٗد مےٚ جِگر خدایا

شرمندٕ آو اظہارؔ از ژاو لولہٕ دربار
منظور کر تہٕ یکبار بنہِ ہمہ رٕژر خدایا



# مظفر حسین دِلبر

(ولادت : ۱۹۸۱ء)

## مُناجات

آسمانہٕ وٕسِن رحمتِ باراں خُدایا
شاداب گژھن سأنی یم وأران خُدایا

یس کُن وُچھتھ شہلے پزٕ پأٹھی بیٚس دِل
تیُتھ صفتھٕے پنہٕ نوٕ وٕلن انسان خدایا

کم کیا گژھی اتھ بارگاہِ لاگتن ووٚنی بوٚٹھ
وِرِوٕنی یہِ سأنی ناو منز طوٗفان خُدایا

دِینگ قرآنک زندگی ہُند ہاو رُت بہار
پتھ دوٗر تھاوُن اسہِ نِشن شیطان خدایا

پربزلاوتن ڈیکہِ میٚون پنہٕ نے نورٕ تتھے پأٹھی
یتھ پأٹھی نبس آفتاب تاباں خدایا

مندٕ چھاوہم ینہٕ پاوہم پزٕ مے کُہنی رژھ
لگہِ روزِ محشر دوہ یتھے میزان خدایا

اَسہِ دأدی لدن بوز صدا سوز شفاعت
کر کورِ مالِلن ژٕ رے عطا سامان خدایا

یُمہِ وَتہِ تہِ نیرو زانہہ تہِ أسی لاچار مسافِر
تتھ وَتہِ ژٕ بن اَسہِ پانہٕ نگہبان خدایا

اَسہِ شوق سبٹھاہ کر وُچھو سُہ مکہٕ تہٕ مدینے
اَسہِ کرتہٕ جلد پوٗرٕ یہِ ارماں خدایا

پرٕتھ کأنسہِ أکِس کرتہٕ عطا زبوٗ ژٕ صدیٖقنٕی
پرٕتھ کأنسہِ أکِس دِتہٕ پٔزٕن ایماں خدایا

ماجن بیٖنٕین کوربن عطا کرتہٕ حیا پور
تھٔز فاطمنٕی ہِش کرتہٕ تہنٕز شان خدایا

فتنہِ فسادو حدٕ نِشن رٹھ تہٕ اَسے باز
پزٕرٕچ تہٕ چھٕچ کرتہٕ اصل زان خدایا

یمہِ ساتہٕ تے آسہم مےٚ تو رُک ناد نیرنس
تمہِ ساتہٕ ژٕ گرزہم سبٹھاہ آسان خدایا

اتھ زٕوٹ پٔزٕن کر مظفرس أنٕی مے ژٕ ےٚ وسیلے
صدیق، علی، عمر تے عثمان خدایا

☆

## مظفر حسین دِلبر

# مُناجات

رُتے رُت ہاوتم پروردگارا
دوہے خوش تھاوتم پروردگارا

مدد پننہٕ نُے مےٚ کرتم نوتوانس
ژٕ متہٕ پرٕ پاوتم پروردگارا

یہ ہوٚ کھمُت باغ، تراوُس عرشہِ رحمت
جلد سگہٕ ناوتم پروردگارا

گرٕتھ یئنسےٚ یوسہٕ گاڑِ اندر
نظر سوے تراوتم پروردگارا

یزتھ پننہٕ نُے عطاکرتم مےٚ ہردم
ژٕ متہٕ مندچھاوتم پروردگارا

بہٕ کتہِ وُترے ژٕے چھُے معلوٗم پانس
مےٚ متہٕ ازماوتم پروردگارا

پٕکتھ یتھ پتھ ژٕ روزکھ راضی ڈوپے
مےٚ سوے وَتھ ہاوتم پروردگارا

مےٚ خانہٕ کعبہٕ ہیے ژِ ے ساتہٕ ساتے
طواف کرٕناوتم پروردگارا

غمو چُھم سینہٕ کوٚرمُت پارٕ پارے
ژٕ زَم زَم چاوتم پروردگارا

یمے آسین پزٕی پأٹھی نیک انسان
تمے سمکھاوتم پروردگارا

شبے اکہِ دِتہٕ پنُن دیدار دیدو
جگر شہلاوتم پروردگارا

صدیقؓ پأٹھی زبوٕ ستین وَنُن پوٚز
دوہے ہیچھ ناوتم پروردگارا

بہٕ آمُت آش ہتھ اکھ دأدی لد چُھس
ژٕ ووٚنی بٔلراوتم پروردگارا

صراط المستقیمس پیٹھ مےٚ وأنسے
ژٕ بَس پکہٕ ناوتم پروردگارا

ہلم دأرِتھ یہِ مظفر ژیٚے منگان چُھے
گوناہ نہناوتم پروردگارا

☆

# اُنجم افتخار

(ولادت : ۱۹۸۴ء)

ژٕ ے کاینا تس اندر بہٕ اوٗ تھس تہٕ بندگی ہُنٛد شُکرانہٕ کوٗرُم ما

ژٕ چُھکھ رحیم و رحمان خدایا مےٚ چون زانہہ تہِ کلام پوٚرُم ما

بہٕ کیازِ غافل دوہے روٗدُس مےٚ چأنی قدرت زأنتھ تہِ نہٕ زأنم

تژوشر عشر دیُت مےٚ بس جوأنی دِلک توے شیطان موٚرُم ما

اننِ اُچھن مےٚ ژٕ ے گاش اوتھم بہٕ غأر وتنےٚ چھُس لانچہٕ تراوان

احسان چأنی مےٚ پتھ چھِ کأتیاہ مےٚ چون احسان زٕنہے سوٚرُم ما

کھوان بہٕ چونےُ چواں تہِ چونےُ حمد وثنا چون مےٚ زانہہ نہ پوٚرمے

مےٚ نفسِ شیطان دِواں زبوِ لاکم تہٕ شیطان نفسس ستی لوٚرُم ما

بہٕ کأڑ بروٗنہہ کنہٕ کرے گُس دعوا ہژر لدا ہلم ژھوٗرے ہتھ

کُرم نہٕ چأنی مےٚ حق ادأیی تہٕ دامن عملو ستی جوٚرُم ما

بہٕ ڈیٖر زرنہٕ کراں روٗدُس ئلہٕ خواب اوسُس رنگان اپزٕکی

مےٚ اُلف قدہے ہجر گوٗوم ووٗنی بجر مےٚ تنہٕ چون فِکرے توٚرُم ما

چُھ ناگہٕ ہندرے وجود میونےُ دپان انجم چھُس تھانتھر یومت

اتریٚ مےٚ بڈٕ بڈٕی چھِ وأنسہٕ گرٕمتی سامان تورُک کہیں گوٚرُم ما

☆

## انجم افتخار

# مُناجات

امتحانن منز مہٕ تراوُم اے رُبّا
چھس پریشان خوش مے تھاوُم اے رُبّا

چُھس بندے چون کس منگے بہٕ ژے سوا
ژے مے سوزُم پرمہٕ پاوُم اے رُبّا

شِرکن ژوپأرِ نال وٚولُمت چُھس وُچھان
شِرکہٕ نِش مے ژے بچاوُم اے رُبّا

کأر نمرتھ آس ہے دربار چون
وٚنِ گُناہ ژے نہناوُم اے رُبّا

دأدِ لدہے بوزتم فریاد از
رحمتچ نظرا مے تراوُم اے رُبّا

یتھ دِلس اندرِ مے چُھم بس اکھ طمع
مکہٕ مدینس واتہٕ ناوُم اے رُبّا

آسہِ ییٚلہِ نیرُن مےٚ ییٚمہِ دُنیا اندر<br>
با ایمانا سکھراوُم اے رُبّا

ترٛیشہِ ہتےٚ ہیے مَحشرٕچ تتھ کرایہٕ مٔنز<br>
آبِ کوثر دامہٕ چاوِٕم اے رُبّا

پتھ مہٕ کرتم ستھ مےٚ مأیِلس ماجہِ ہٕنز<br>
وأنٛسہِ وادن پوشہِ ناوُم اے رُبّا

پرٕزھیوٚن گوٚمُت انجم چھےٚ ژےٚ منگان<br>
باغ ہوٚکھمُت سگہٕ ناوُم اے رُبّا



حمدٕ تہٕ مُناجات چھےٚ کأشرِ شأعری ہنٛزٕ اہم موضوعی صِنفہٕ۔ اکثر شأعرو چھِ حمد تہٕ مُناجات لیٚکھی مٕتۍ، ووں گوٚو کأنسہِ چھنہٕ یِمن ہنٛز سوٚمبرنا شایع کرمٕژ۔ از تام گوٚو نہٕ کُنہِ ادبی تہٕ تمدنی ادارس تہٕ اورُ کُن ظوٗن۔ دٕرِدس کتاب ''کأشرۍ حمد تہٕ مُناجات'' چھِ امہِ قسمچ گوڈنچ کوٗشش۔ یہِ چھےٚ حضرت شیخ نورالدین ریشی (۱۳۷۸ء-۱۴۳۸ء) سٕندِ زمانہٕ پٮ۪ٹھہٕ از تام لکھنہٕ آمتین حمدن تہٕ مُناجاتن ہُنٛد انتخاب۔ یتھہٕ پأٹھۍ چھےٚ یہِ یژھِ پژھِ ہنٛز شأعری پسند کرن والین، سکالرن، محققن تہٕ طالب علمن ہنٛدِ باپتھ اکھ حوالہٕ جأتی کتاب۔ یژھِ کتابہِ ہنٛز أس واریاہ کالہٕ پٮ۪ٹھہٕ ویژھے محسوس کرنہٕ یوان۔ وومید چھےٚ یہ کوٗشش ییہِ پسند کرنہٕ۔

ییٚمہِ کتابہٕ ہنٛدۍ تحقیق کار تہٕ ترتیب کار چھ نوجوان ادیب تہٕ تمدنی کارکُن ڈاکٹر گلزار احمد راتھر۔ تم چھِ ریاستی کلچرل اکیڈمی ہنٛدِس کأشُر انسائیکلوپیڈیا شعبس منٛز کأم کران۔ تمو چھِ کأشُر انسائیکلوپیڈیا جلد:۵ باپتھ کٔھریاہ تحقیقی نوٗشتہٕ تحریر کٔرۍ مٕتۍ۔ أمۍ ہنٛز تصنیف کرمٕژ تہٕ ترتیب دِژمٕژ کینٛہہ کتابہٕ چھےٚ بروٚنٛہہ شایع سپدیمٕژ۔ یِمن منٛز ''پیر محی الدین مسکین تہٕ مثنوی زیبا نگار'' سبٕٹھاہ اہم چھےٚ۔ یِمو دِژ غلام نبی آتش سٕنٛز ترجمہٕ کرمٕژ مولانا رومی سٕنٛزِ مثنوی منٛز حکایژ تہٕ ''حکایاتِ رومیؔ'' ناوٕ ترتیب۔ کأشُر حمد تہٕ مُناجات، کتابہٕ ہنٛدِس آغازس منٛز چھ تمو یِمن صِنفن تہٕ أہندِس ارتقاہس متعلق پُر مغز مقالہٕ تہِ لیوٚکھمت۔


ISBN : 978-81-260-4644-7

**Kaashir Hamud te Munajaat**

(Kashmiri)



ساہتیہ اکادمی

₹ 325